# مقبول عام بائتھ

ترتیب، تصحیح، حاشیہ تہ سام

ڈاکٹر آفاق عزیز

ایجوکیشنل پبلشنگ ہاؤس، دہلی

| | | |
|---|---|---|
| کتابہ ہند ناو | : | کاشُر مقبولِ عام باتھ |
| مرتب | : | ڈاکٹر آفاق عزیز |
| گوڈنیک چھاپ | : | ۲۰۰۰ء |
| دُویم چھاپ | : | ۲۰۱۵ء |
| سویم چھاپ | | ۲۰۱۶ء |
| مطبع | : | روشان پرنٹرس، دہلی۔۶ |
| کمپوٹر کمپوزنگ | : | القلم گرافکس سری نگر 09469188985 |
| مول | : | ۲۵۰ |
| تیداد | : | ۵۰۰ |

**کتاب میلنٔک پتاہ**

سنٹر آف سنٹرل ایشین اسٹڈیز، کشمیر یونیورسٹی سرینگر

کتاب گھر، لال چوک سرینگر

القلم گرافکس، سرینگر

*Published by*

**EDUCATIONAL PUBLISHING HOUSE**

**3191, Vakil Street, Kucha Pandit, Lal Kuan, Delhi-6(INDIA)**

**Ph : 23216162, 23214465, Fax : 0091-11-23211540**

**E-mail: info@ephbooks.com,ephdelhi@yahoo.com**

**website: www.ephbooks.com**

# ترتیب

صفحہ

# گوڈٕ کتھ

کأشِری چھہ بُنیأدی امن پسند، شریف تہٕ عأری۔ مزازن چھہِ نرم تہٕ طبیٖعتن رٔتی۔ تاہم گوژھکھ نہٕ تھٕے آسُن۔ موسیقی چھُکھ یہندِ ہِن جدن یا تِنے ناگن ہنرٕ پرأنی پسند۔ یہندی جِڈ ناگ آسی موسیقی زندگی ہُند اہم غذا تہٕ حِصہٕ مانان۔ موسیقی لُوزنی تہٕ لُوزٕ نادٕنی اوس ناگ قومُک بُنیأدی عادت۔ یہٕ سِلسِلہٕ رُود برونٛہہ کُن پکان تہٕ میوٗل کأشرِ ہن لطورِ وراثت۔ یہٕ کتھ چھےٚ پٔز زِ انسان چھُہ وجوٗد پراوٕنہٕ برونٛہےٚ گندِنہٕ درُو کنکٕ تہٕ گیوٗنکٕ شوقین روٗدمُت۔ اُمی سٕندِس وجوٗدس زن تہٕ چھےٚ موسیقی ہنرٕ اُڑرن۔ موسیقی وراےٚ چھُنہٕ آدمس وار لیوان۔ آدم چھُہ سو موسیقی زیادٕے پسند کران یتھ مُنزٕ تَس ہر رنگہٕ پنُن رُوداد میلان چھُہ۔ یتھٕ ہنٛن خیالاتن ہنزٕ وکھنے میلہٕ خدشاتن تہٕ مصیبتن ہُند ذکر آسہٕ۔

باتن ہُنزٕ یہٕ سومبرن آیہٕ اَوَے تیار کرنہٕ تاکہٕ عام پرن والی سپدن تِمو شأیرو لِنشہٕ زأنی یاب یِمن متعلِق تِمو زانہٕ نادٕ نہٕ آسہٕ نہٕ لُوزمُت تہٕ تِمن شأیرن ہُند کلامہٕ تہٕ اکھِن پٕڑتھ یہندِ ناو کُنہٕ آسکھ گومُت مگر کلامہٕ آسکھ نہٕ پورمُت۔ یتھ سومبرنہٕ مُنز چھِہ تِم کینٛہہ باتھ تہٕ شأمل یہند پتہٕ عام لُوکن چھُنہٕ۔ یہٕ تہٕ آیہٕ کوٗشش کرنہٕ زِ یتھِین شأیرن متعلق گوژھہ کم کھو نہٕ کم زانسنہٕ تہٕ مرن سنٛہٕ یمعکے جایہٕ پیدأیشِ تہٕ مرگُذارانِتھ دِین۔

شاعرن ہنز شاعری مُتلق زٕلہٕ وٕنۍ تہٕ مومولی کتھ کرٕنۍ اُس لازمی تاہم آو تتھ
شاعری مُتلق ذرا تفصیلہ سان لیکھنہٕ یوٚہے شاعری عام لوکھ قبول کران
چھِ۔ یوٚہے اوس میون مدا تہٕ مقصد تہٕ زِ مقبولہِ عام شاعری مُتلق گوژھ
کینہہ نہٕ تہٕ کینہہ لیکھنہٕ یِن۔ سومبرنہٕ منز آو تمن شاعرن ہند کلامہٕ نہٕ شامِل
کرنہٕ یم وٕنہِ رٕاوس تل آسی یمِن منز احمد کاوِ ڈارہٕ، لسہ ناگمی، احدِ کانڈرہ
مسکین، تہٕ دلدار بیترِ شامل چھِ۔ امہ علاوٕ آیہ ہینہٕ تہٕ کینژن شاعرن ہندی
کینہہ مقبولہِ عام باتھ سومبرنہٕ منز شامِل کرنہٕ یمن مُتلق وٕنہِ عام کیٛو خاص
لوکھ بےخبر آسی۔ ریشی اسمال تہٕ حبہ خوتوٗن ہندی کینہہ نایاب باتھ تہٕ
آیہ سومبرنہٕ منز شامِل کرنہٕ۔ امہِ علاوٕ چھِ وارِیاہ شاعر تِم یہند کلامہٕ
عوامس منز مقبول چھُ مگر تِم آیہ نہٕ اوٚکنۍ یتھ سومبرنہٕ منز شامِل کرنہ
تہٕ کیازِ تِہند کلامہٕ ہیٚوک نہٕ دستیاب سپدِتھ۔ امہِ علاوٕ گوٚو نہٕ منبہ وارِیاہن
شاعرن ہند مقبولہِ عام کلامہٕ یتھ منز اوٚکنۍ شامل تہٕ کیازِ تِمن ہنز کلیاتہٕ
چھےٚ دستیاب۔ یتھ سومبرنہٕ منز سپدٕ تِمن شاعرن ہند کلامہٕ زیادٕ تہٕ یہن
منتخب یہند کلامہٕ مولے دستیاب تہٕ ولوٚ داوسنہٕ۔ یہٕ کتاب اندواتنس
منز چھُ کتاب گھرکِس جناب غلام محمد ماگرے یُن کلیاہی رول یمہ کنۍ تِم
شکریک مستحق چھِ۔ امہِ علاوٕ چھُ ڈاکٹر محفوظ جی ہند تہٕ شکریہ کرُن ضوروری
یمو یمہ کتابہ ہند پروف پیٛور۔

ڈاکٹر آفاق عزیز
کشمیر یونیورسٹی

"میانِن خیالن......

# ازمہٕ ازٕد"

عام خیال چھُ زِ لُکھ چھِنہٕ کتابہٕ پرانٕے۔ یہ کتھ چھےٚ تمہٕ ساتہٕ پُرٕ باسان یُیلہِ
کانٛہہ لُغز کِنہِ پیٹھ بحث چھُ لاگان۔ مگر برِ صغیرس خاص کر کٔشیرِ منز چھُ پرٕنتھ
مالمس منز امہِ کتھِ ہِند واضیح ثبوت۔ بقولِ مقبول شاہ کرالہٕ واری۔

اوٚڈُے الحمد پٔرتھ چھکھ گرٕھان زیر
نُلان عاصہٕ تہٕ خرقاہ آسی نبے یہ پیر

حضورٕ ہِند ارشاد چھُ زِ کتھ گرٕھِ واضیح کرٕنۍ تاکہ بوزن وول یا پرٕن
وول گرٕھِ نہٕ ترٕن تہٕ ترٕوٕہن۔ بیٚیہ گرٕھِ کتھ کرٕنۍ تگنۍ۔ کتھےٚ چھِیہ ماران تہٕ تہٕ
تاران تہٕ۔ زٕلوٕ یمٕتی ہیٚکہِ انسان لوٚرٕ عالمس فتح کٔرِتھ۔ کتھِ خاطرٕ چھِ لفظ ضرورتھ۔
لفظٕ خاطرٕ چھُ خوبصورت استعمالک وٕل آسُن لازمی۔ لفظن ہِند خوبصورت
استعمال ہیٚکہِ تیٚلی اپیل کٔرِتھ یُیلہِ خیال تہٕ خوبصورت آسہِ۔ خوبصورتھ تہٕ حسین
کتھ کٔدٕ تیٚلی واتِھ یُیلہِ سو محبتکہِ زٕاُدِ یہ عوامکہٕ روداد وٕچھ بقولِ میکسیم گورکی۔

"اگر تہٕ دنیا زینن چھُوِ ترٕھان تیٚلہِ ہیٚیوِ محبتس کام تہٕ کیاز بسٕند دٕ ستی
گرٕھِ نہٕ مچھِ تہِ رام" سونچان آسوٕ یمی کتھ سہہ میٹھ لوگ وٕسلابہٕ ہیے وعظ
پرٕن۔ جنابو وعظ پرٕنک چھُم نہٕ شوق بلکہٕ چھُم تہند توجہ ہیٚنہ کتھِ کُن بٕھیٚرن زِ
دیان شاعری گیہٕ سوے لیہ ماینہٕ ساوٕ کرٕ تہٕ جہٕ ژل آسہِ۔ میٚہ باسان اتھ متعلق
گرٕھِ نہٕ کانٛسہِ اعتراض آسُن۔ وٕھِ ان گوٚ شاعری ہنہٕ تیٚلی مانہِ ساوٕک یُیلہِ اتھ منز
خوبصورت لفظن، استعارن، سیکرن تہٕ تشبیہن ہِند استعمال کرِنہٕ ییہ۔ لفظ

تہٕ اِستعارٕ پیٚتی حسین تہٕ ٹاری مٔندی آسن تیوٚت ہُرِ شارکۍ مانہٕ۔ شارس منٛز اگر وٚیدی لفظ تہٕ اِستعارٕ خوبصورت خیالس بنیاد تراون زانن گڑھ شارکۍ قبولیہِ عام چھُ یقینی۔ بیٚلہِ رُت لفظ پٕتہٕ ترتیبہٕ طریقہٕ مانہٕ تہٕ صوٗرتحالہٕ تھروان۔ پرٛن یا بوزن وٲلِس واتہِ ضرور کیٚنٛہہ نتہٕ کیٚنٛہہ زوٗک تل۔

ووٚن یمہِ لوٗکھ یہِ ونان چھِ زِ ادب چھُ اَدیبن ہنٛدِ خاطرٕ نہ کہِ عام لوٗکن ہنٛدٕ باپتھ۔ اگر تِہنٛز اتھ کتھِ یہِ وٕنتھ انکار کروٗنِ پزِ نتھ کانٛہہ چیز یہِ شمولہِ ادب چھِ عام انسانہٕ سٕندِ خاطرٕ یہِ نہ کہِ کُنہِ مخصوص طبقہٕ باپتھ۔ شاید آسہِ امہِ قسمکۍ سوچ تھوون والین لٕنشہ کیٚنٛہہ جواب۔ لیٚکھ ادب عام النٲسَن کُنہِ رنٛگہٕ اتھ رٕوٹ کرِنہٕ یمِچ افادیت چھُ تہٕ حیثیت چھےٚ عام سطحس پیٹھ کُنہِ تہِ صوٗرتس منٛز کانٛہہ بجاے پراوان بلکہِ چھُ امہِ قسمکۍ ادب زمانس ستی سیتی زمین بٔڑی گژھان۔ تاہم سیٚمو شاعر دٕپتی خوبصورت، حسین تہٕ عام فہم لفظ تھٕرِ نتھ پننہِ شاعری منٛز اِستعمال کٔرِی، تِہنٛد کلام چھُ عام لوٗکن زٕلیوِ پیٹھ تہٕ تِہنٛزن سینہٕ چین الماری منٛز زٕژھرِ نتھ حالانکہِ جاریہ سائنسی ایجاداتو چھُ اَزکِس انسانَس دل بہلاونہٕ ہنٛد سٕتھا دسامانہٕ میسر کوٚرمُت۔ مگر شارن ہنٛد یہِ صدابہار لفظت تہٕ خیال چھُ عام النٲسن میکنا طیسکی پأٹھی ہتہِ بٔدی وٕری گذرنہٕ باوجودنہِ پانس کُن لمان تہٕ کیاز امہِ قسمکین شارن منٛز چھُ اَزکِس عام انسانَس نٕپن تہِ کیٛاہ نام البنہٕ لوان مثلن

سہل چھا عشقہِ ژنٛجہ ڈٔرن ییے — رٕژھِ رٕژھِ مٔژھ ماز کھیٚون ییے لو

زیرگوٚ یے ڈیٚچہ پیٹھ ہیوٗ سکھرن ییے — دارِ کُنیٚ گژھِ نیرن ییے لو

عشقنِس زارس گژھِ گوٗرن ییے — رٕژھِ رٕژھِ مٔژھ ماز کھیٚون ییے لو

(کلام موٚہن صاحب)

وُچھتو رحمان ڈار کیتھ کُنہٕ چھُ عام فہم زبانی منز یہ تجربہٕ باوان یُس پرن کیٚنژ لوٗزن وائلس دِلچہ تارٕ پھولہٕ ناوان چھُ ۔

کھوژان چھُنہٕ پاپن تے گاہ جنس عشقہٕ تاپن
پہیٚ پن وام جنس لاجنس زٕھین تے کرٕہی ہم تعویذٕ پن

یا

عشقُن یہ سہلاب لیے پردہٕ لیے حجاب
چھپنس رٕودم نہٕ وار ہے لولہٕ نارن ہے زاجنس

عشقہٕ تاپ، پہیٚ پن، زٕھین لگن، عشقُن سہلاب تہٕ آخرس اکس لفظس منز عشق پھرِچھ تیاہی مکمل پاٹھی بیان کرنہٕ چھُنہٕ دائمی صدابہار۔ عوام چھُ ہمیشہ سوکیتھ قبول کران یتھ منز تس پنُن روداد باسہٕ۔ تم خیال یا تقریر قبول کران یمو ستی تس فراحت میلہٕ۔ تیٚتھے کُنہٕ چھُنہٕ عوام سہٕ ادب پرنس یا بوزنس کُن راغب سپدان یتھ منز سہٕ پننہٕ ارمان ہُنز داستان لبان چھُنہٕ۔ یتھ منز عام انسانہٕ سُند دگ دود، مصیبت تہٕ زمانکہ نشیب و فراز آسن نہٕ یا تمن ہُنز عوامی سطحچ زلو آسہٕ نہٕ۔ یہے چھُ وجہ زِ کیتھنہٕ شاعر، افسانہٕ نگار یا بیٚیہٕ کانہہ صنف پانہٕ ناون ودل چھُنہٕ عوامک مرکز بنیومت تہٕ کیا زِ ادبس منز گژھہِ نہٕ تگنگرٕہی سپدنی۔ تگنگرٕہی کرن والی روٗدی تہٕ تہٕ روزن تہٕ عوامہٕ نشہِ ہمیشہِ دوٗر۔ تگنگرٕہی گیہٕ کھری دار، مبہم تہٕ اوبدٕ لفظن، خیالن، استعارن تہٕ پیکرن ہند استمالچ بر مار یلہٕ انسانی دماغس کھرٕ چھُ لوان سہٕ چھُ کھری لد ادب تھران۔ لو تام انسانس ذہنی کھر آور آدتھ روزِ، تسُند ادب تہٕ آسہٕ مبہم تہٕ ولنیومت۔ یتھ ادیب لو تاہ تہٕ لوڈ خیال باوی تن تس میلہٕ نہٕ زہنٔے تہٕ قبولہٕ عام۔

کاشرِ زبانۍ منز چھِ اَزنہٕ لاتعداد اَدیب موجوٗد یِم عوام تہٕ عوامکس نوٗہ کِتھ نظرِس پیٹھ پوٗرٕ وِتراوان چھِ۔ تاہم چھِ امہِ قسمکین تخلیق کارن اکھ مخصوص ادبی حلقہٕ دوٗلے وچھان۔ شاید اوٗ کینہہ زامہِ قسمکی اَدیب چھِ پننہٕ نین تخلیقن منز سوٗہ زبان ورتاوان یوٗس یِمن تگنگرہٕ اَدبن ہشرِ لوٗن منز چھیٚ۔

غلام احمد فاضل چھُ کاشرِ زبانۍ ہُند مقبولہِ عام شاعر۔ مجموعی طور چھیٚ اَمۍ سُنز شاعری عوامچ ترجمان تہٕ اَکس عام انسانہٕ سُندِ معیارٕ تہٕ سوچن ترابہِ عانہٕ مطابق۔ سُہ تہٕ چھُ لفظ اِستعمال کران، اِستعارٕ گران تہٕ تشبیہن کام ہیوان مگر عام پرن والِس پیٚیہِ مشکلٕنے کنہٕ جایہِ سیٚو پرُن۔ سُہ چھُ حسین تہٕ دل مۄہوِنۍ لفظ اِستعمال کرِتھ اکھ کیفیت وۄتلاوان مثلن

رسہٕ رسہٕ اتھ لاگ میانین ہلوٗن | لوِ ہرُ زندگی پیٚیہِ دل خستن
گینہٕ کڈ لگِہے روٗہ پیہٕ گل دستن | اد تٔرِ کندِ تل شیہلِم تن من

دِلہٕ کے خیالہٕ ہاے دوٗدی باٚمی | چھلہِ چھلہِ ملالہٕ ہاے دوٗدی باٚمی

اتھ چھُ کیتھ، خیالس تہٕ ورتاوس۔ یِیلہِ یِم ساری چیز زلتھ عوٗامی شعرِ چھِ زبانۍ منز خوبصورتھ اندازٕ پیش سپدان۔ یہ بنہٕ یہ فورٕ پرٕ پٔرتھ تہٕ قومی میراثُک اکھ دایمی حِصہٕ۔ نی توٗن کاشر شاعری خاص پاٹھۍ صوفی کلام۔ خیال، مفہوم، لفظ، استعارٕ، پیکر، تشبیہہ تہٕ زبان چھِکے اتھ سوٗہے لیٚو یہٕ لوٗکٹِس کیٚتھ بٔڈِس باری تھیٚہ ہِندی پاٹھۍ تھیٚپھ چھیٚیہ کران۔ کانہہ تہٕ کاشر شار وچھتوٗن، انسانی زندگی ہِندی درجنہٕ داد وہ چھِ رنگ برنگی تہٕ خوبصورت زبانۍ منز پننہِ مانہِ ساڈی باوتھ کران مثلن۔

دیٚشِنس کرِشنس رِٹتھ ماٚدانس | مہاگنیشس تہٕ کس کرٕ نمسکار

گنگہ راز ہیوٚکھُم گنگہ بل تھانس    جان چھُم میلنتھ جہانس ستی

○

(احمد بٹوٲری)

وجود تہٕ شہود ترأوتن    تمہٕ گژھتھ چھےٚ زأویل بدن

تمہٕ شایہٕ نتہٕ نامحرمے    بیٚیہٕ سےٚ چھےٚ تتہٕ سے چھٕے

○

(شمس فقیر)

ستھ ژانگی لولہٕ زوٗرِ میٚہ تہٕ زاجے مو    شاہ آو سالہٕ سون مینز مالو

ہنٛڈی تے موٚنگر بہٕ مارمیو    آکھو شامے سونٛدرے

(احمد ڈار)

لکہٕ زبان ورتاوُن واٲلی شاعر چھِنہٕ ہنگہٕ منگہٕ لکہٕ ٹاٹھی بنان بلکہ چھُ امہٕ قسمکین شاعرن منز عوامی ژھینین ترأین مزازن تہٕ ہیٚچھن ہندٕ بھرپور استعمال سپدمُت آسان ۔ تمہ چھِ کتھ مینتھ تہٕ توٗلتھ کران ۔ موقہٕ محل تہٕ مانہ پرزلہ چھٕے امہٕ قسمکین شاعرن ہنز تخلیقہٕ ۔ وُچھو تون احد زرگر ۔ سُہ چھُ زندگی سٟتی وابستہٕ مسایلن ، ارمانن ، یا باقے سارِنے موضوعن سوزلو بخشان نرشارن چھِیہ مانہٕ سأوی آسنس ہنٛدی سٟتی روٚ نہٕ وزان بلکہ چھُ امیک شروٗنی دوٗر دوٗر تام لوٗکن پانس کُن راغب کران ۔

ہیہ پوش میون یاون یکھنا تہ ہکھ ژھاوُن

بیٚیہٕ گژھہِ نہٕ دل رلاوُن با اغیار یکھنا

○

ہیہٕ روز مالِس دِلوٗ گردن    یس زاکھ تُسیہ ستی واصلِ بن

گژھہ برادر کرٕ کھ بیرٕ پار    کافر سپدِتھ کورم یقرار

○

○

خالَے سیاہ ہوو ِتھ زبر      بالَے میہ گوَ حالَے دِگر

چالَے لگےَ طالع ورَے      وَلِہ ہو کرے وَلِہ ہو کرے

صمد میر، حسن ڈرائیور، صمد جان، لالہ ارگامی یا رجب حامد چھ مقبولہِ عام شاعِرن ہندس زمرس منز شامِل ۔ یہند کلام چھ رسیلۍ معہ دِرتہ عام فہم زبانی منز ۔ صمد جانُن

○

عید آئمِ تارِیف کرِ لو      لوسہ نادستھس مس پیالہ بر لو

یا رجب حامدُن سکاہنہ تہ باتھ فی تون چھُ لۄپہ کشیرِ منز بڈ جوش و خروشہ سان گیونہ یِوان تہ محفلِن رونق بخشان ۔ تسندِس کلامس چھ لوکن بڈ سۆرۆ دِلیوان تہ تِم چھِ یمِ کن باوی باوی لوزان ۔ رجب حامدُن کلامہ سِپدُ تس برونٹھہ کنہِ وچھان وچھانے مشہور تہ یہِ ووت دوٗر دراز علاقن منز ۔ امی سند کلام چھ صوفی لو آزماتن لرِ لوٗر مجازچ ہین تہ تھاوان مثلن

گاہ مندرس منز ژاوتہ نَلاوِتھ      ڈیکہ سندرِ زنار نالی تراوِتھ

پوشہِ لۄز اکرے بگوانہ لو لو      سالہِ وانیم یارِ جانانہ لولو

○

گلمس تہ کفرس مانے ون      رامس رحیمس ما چھُ زھین

مسجدِ نمَ یا مندرن      یکسان چھے میانے گرے

○

جامہ ژۆڈ ژۆڈ سینکہ قبہ دراہتی      سنِقامہ کرہی تھکمہ عاشق تنبہ لمنتہ

کامہ دِہ سے شامن ہاوکھنا      سوز لتی سے اسہِ لوبنہ ناو کھنا

○

تِم شاعِر یِم عوامس پانہ نادَن، عوامہ خاطرہ لیکھن یا عوامس مخاطب

آسن، چھِ عام انسٲنی حرکات وسکناتن، دُکھ دردن، عاشش وارامن تہٕ مُژھِ لین ارمانن ہندِ نبض شناس تہٕ زبان پرور آسان۔ یِتھہٕ کٲشرِ صوفی شٲیری ییٚہ کٲشرِ ہن ہندِ دل برونٛہہ کالہٕ پیٹھے رنزناوِ تہٕ یہنزِ دوہ دہنچہِ زندگی ہنزِ حصہٕ بنے ییٚہ تتہِ بنوو وسیمہِ صدی ہندِ لو ردمانی تہٕ وطنی شٲیر دتہِ کٲشرِ ہن منز پننہٕ مقام یمن منز مہجورؔ، آزادؔ، غلام نبی دلسوزنٕ عارض تہِ شامِل چھہِ۔

سنہ ۱۹۴۷ء یورکن گیہِ کٲشرِ زبٲنی منز درجنہٕ داد شٲیر باد۔ تاہم سینز نہٕ کینٛژو ورآے یمن عوٲمی مقبولیتھ نصیب۔ انتہٕ چھہِ وارِیاہ وجوہات۔ یہنزِ شٲیری روزٕ رلوایتہٕ لنشہٕ وارِیاہ دوٗر۔ ییٚہ شٲیری اُس عوامہٕ خاطرٕ کھوچھر تہٕ کھرِ دار بلکہ ولو ازآنی تہٕ بےسود۔ ییٚہ اُس نہٕ عوٲمی توقاتن پیٹھ کُننہِ تہِ صورتس منز دُتران۔ عوام نسپدنہٕ ژہے تہِ ییٚہ شٲیری پرنس پیٹھ آمادہٕ تہٕ نہٕ کرٲمہِ شٲیری کٲشرِ ہن کُنہِ قسمُک اپیل۔ لحاظ اوس نہٕ امیک کانٛہہ اثر عوامس پیٹھ پینک سوالے۔ ییٚہ شٲیری باوِ سے ییٚہ عام پرن وٲلیس معودِ بے ذوق تہٕ بے مانہٕ بلکہ بے مایہ۔ تہٕ ونیکتام چھہِ عام قٲری اُتھی نو کتے نظرس پیٹھ کاربند۔ تاہم چھیہٕ ییٚہ شٲیری اَکِس مخصوص ادبی حلقس منز تھفر مانہٕ لوان۔ ییٚہ کتھ چھیہٕ ضروٗری ونٕنی زامہِ یہٕ قسمُک شٲیری چھنہٕ صرف کٲشرِس قومس باگہِ آمٕژ بلکہِ چھہِ یژھِ شٲیری ہند سامنہٕ اردو، بنگالی، پنجٲبی تہٕ ہندی زبانن نہِ۔ ووٚلگو تہِ تہِ چھہِ انتہٕ شٲیری اَکِس خاص ادبی طبقس منز ژی راہی سپدان۔

کٲشرِ زبٲنی کوٚر پروفیسر رحمان راہی یُس بہلہِ پایہِ شٲیر باد۔ تمو لیچھ کافی شٲیری یتھ ادبی حلقن منز پنن وزن تہٕ روتبہٕ چھہ مگر

عوامی سطحس پیٹھ لیس تہٕ راہی صابُن بخشی ہیتہٕ شاعر زانہٕ لس چھ تِمن ہٕندِ بانٛتھ لوٚڑ شاعر ونہٕ ناوان تہٕ مانہٕ راوان۔

○

یہ گوٗلاب روٗدے ڈیٖلوٗ نٛھم بینٛہ ازٕ گوٗلاب چھاوان

مےٚ چھ ونہٕ مِثالہٕ نے منٛز رنمیہٕ پٕرٕ ذٕ خیال راوان

پروفیسر غلام نبی فراق چھ تیتھ شاعر یمی غزل، وژُن، نظمہٕ تہٕ سانیٹ تخلیق کٔرۍ۔ اگرچہ ہنر کھنے سوٚمبرن تادم تحریر بازرٕ چھنہٕ وآتہٕ مژ ووٚن گو شُر چھ پتہٕ نیو کینژ و بآلو ستی پوٗرٕ قوٚمس منٛز اکھ مقام پراونس منٛز کامیاب سپُد مُت۔

○

وٕنسی ینہٕ چانہٕ دل ہیوٗن بلہٕ ہے      بینٛہ زٕلہٕ ہے أندرٕم داغ

○

موکھ پرٛدن برٕ ژاد صبحآے صبحآے      اوٚند لوٚکھ مشکبو صبحآے صبحآے۔

محمد شفیع شیدا چھ کأشر زبأنی ہندِ سہ شاعر یس سنٛد سوٚرے کلامہٕ لکہٕ ساوۍ، دل مِہ دِن، موٚدُر تہٕ سوٗرٕ و بخش چھ۔ تسنٛد کلامہٕ چھ لو وزن کیٚو پرن دأرِس تمام عناصرِ آد راوان تہٕ اکھ کیفیت یادٕ کران۔

یاد چھیہٕ ییلہٕ لوٚژِ ترٕ وُستھ لوٚنچہٕ گنٛڈ

بانبرن بینٛہ بانبرادن یاد پیوم

○

ژرینہٕ گوٚ بییہ ٹأرٕ شونگ دوٚہ ذٕ خابس اندر کر وکتھ

میٚنہٕ تہٕ چھے نہٕ ونہٕ سمان روٚدے اکھ لوٚٹھ راز بادے

○

ازٕ مےٚ اژھو میانین خیالن منٛز لگے      ازٕ چھ اتہٕ روٚ لوٚش کیٚہنہٕ دلبانہٕ تے

جانباز کشتواڑی چھ انتہآیی لکہٕ لوٚسٹھ شاعرے دلکش تہٕ نرٕ ژترادن وأل

لفظ استعمال کرِتھ چھُ سہٕ کاشرِ ہن ہندِس سازل تہٕ منٛز ھلِس مزازس بیٚتیہ ہن ہُرُ ہُر کران ۔ حسین مگر بڈیہٕ تراون وٲلی عام فہم لفظ چھِ جانباز نہٕ شاعری لگہٕ ساوِ بناوِنس منٛز بنیٲدی رول ادا کران آمتی ۔ شاعر سُند شارِ بیان چھُ پرن کِہو لوزن وٲلِس تیتھ پاٹھۍ مایِل کران زِ تس چھُ پنن وجوٗد اتھی کِن منسوٗب ہوان کرُن ۔

اتھس میانِس منٛز پنُن اتھ ژٕ بیٚہ تھووتھ
ژٕ کریاد تمہٕ وزِ گواہ کٔس ژٕ بیٚہ تھووتھ

بہٕ نے دلبرو تہٕ مقابلہٕ ژٕ بیٚہ روزٕ ے
وۄچھِتھ کٔس ژٕ بیٚہ یم ماتٕرِ نم ٹاٹھہ یارو

رحمان دار چھُ پننہٕ نہٕ رِوایتی مزاجٕ مطابِق لوٗکن نزدیک شاعر ۔ تسُند رازِ ہوٗنز نظم چھےٚ عامَس منٛز سٹھاہ مقبول ۔ رازِ ہوٗنز نظمِ منٛز چھُ شروٗن کرن وول سازت تہٕ سرور بخش فِضا ۔ پننہٕ محی الدین لواز زٕتِن لۄرِ عوامچ لے تہٕ سازل فِضا پننہِ شاعری ہنٛز زینت بناوان بناوان تھ لگہٕ ساوِ تہٕ پُر کشش ماحول عطا چھُ کران تہٕ چھُ عبدالرحمان آزاد تہٕ پننِس شارِ سرمایس منٛز عوامچہِ تارِ وُز ناوان ۔ عبدالکریم رُد صوفیانہٕ لے ورتاوِتھ پننُ شارِ سرمایہِ عوامس منٛز مقبول بناوِنس منٛز سیٹھاہ کامیاب ۔ عام لوٗکو لوٗر احمد راہ ، احمد ڈار تہٕ دینا ناتھ نادِمس تہٕ لول تہٕ تِہنٛد کلامہٕ کوٗر کہہ قبوٗل ۔ پریم ناتھ کول ارپن چھُ لگہٕ لوٗٹھ شاعر ۔ تسنٛز باتہٕ سومبرن چھےٚ لوٗکن منٛز مقبول ۔ تاہم چھُ تسُند مشہوٗر بات عام لوٗکن زبان زد یُس نِم رسول میرنِس کھاتس درج چھِ کران ۔ لوٗکن پزرُ تسلیم کرِتھ یہِ بات پریم ناتھ کول ارپن سِنٛدِ سے ناوس تحت گیوٗن ۔

باتھ چھ۔

خوش لوِن ننُد لوِن ولِسیِ بے میون دلبر آونے

شاہدبڈگامی چھُ پننہِ شاعری منز باوژ ہندِس طریقہ پانہٕ ناوان
ہیمہٕ ستۍ انسان متاثر گژھان چھُ۔ تسنز زبان چھےٚ مزدار تہٕ رسیِح۔

بالہٕ تھوٚ نگین گیہے ونم حال پنُن تمواُوسم
آبہٕ جیہ لود لاسہٕ وٚینٹ پانہٕ مگر ودان ودان

مقبولہِ عام شاعرن منز چھِ درجہٕ واد ناوتم یم ہٕ ادبی حلقن ونِدکہ چھِ
تہٕ چھہ تمن مطلق کینہہ لیکھنہٕ آمت۔ کینہہ چھِ تِم تہٕ یِہندِ صرف ناو چھِ
درج کرنہٕ آمت مگر باقی حالاتہٕ زندگی چھِ ینہٕ بدکڈنہٕ آمتی۔ احمد کاوڈار
نی لون۔ تسند ناو چھنہ درج تہٕ کنی۔ تمو چھُ وار یاہ کلامہ ونمت مگر
نایاب البتہٕ چھُ مےٚ شقہ پہ لے کوڑمت زِ تسند کلامہ چھُ واتہٕ پور لوٚکہ
اکس ژسلس لنہٕ موجود۔ بیلہٕ یہٕ تسند گرستہٕ ١٩٩٧ء کینت وونتس۔
تسنز ماجہٕ دوٚن! "یہ بجوٗر لگہٕ ہمین کارن" ہیمہٕ کنہٕ مےٚ بہ خالی انھو والس پیوٚو
ین۔ مگر کلامہٕ چھُ تس نش موجود۔ تہندا کے باتھ چھِ دستیاب۔

موٚدرمس کیاہ چھِ تمہِ نش چیوٚو مےٚ بہ تژ کالی

لسی ناگمی چھُ بیاکھ اکھ لولہ شاعر۔ مگر امی سند نیب ولتان چھنہٕ کنہٕ
کتابہٕ منز میلان۔ یہٕ شاعر چھُ موٚدرتہٕ میوٗٹھ۔ سال گاہ چھےٚ ہنز طویل
نظم۔ مگر امکی اکثر تام شاہرے چھِ دستیاب۔ یہ اوس ناگم ژوڈرِ
روزان۔ اکہ زمیندار گرک فرد اوس۔ خاندر اوس مالی کورمت
زالا پور بڈگامہ۔ تمن ستۍ اوس اکثر تناز آسان۔ اکہ دوہ ہیہ شامس
نوٚلیس تمو۔ راتھ گذارِن زالا پورکس آستانس منز۔ تہٕ راتھ کینتا لوٚگ وینہٕ نہٕ۔

ؤُتھ کھٔے نالان زالاپوٚرِ یے
دوٚد کیٛاہ بنیوٚ ے آرٕمی کورِ یے

احد کانٛدرٕ، غنی ہفچہٕ نارٕ، احد شیخ، صمد جان تہٕ بیٚیہٕ تہٕ درجنہٕ واد شاعر چھِ یمن متعلق کہنٛہے پے پتاہ کتابو منٛز میلان چھُنہٕ۔ احد کانٛدر یا احد پانپری چھِ صوفی شاعر۔ تسٛند اکھٕ باتھ چھُ دستیاب۔ تمہِ تلہٕ چھِ فکرِ تران زِ تس گژھِ صوفی منازلن ہنٛزِ مکمل مٲژرن آسنۍ۔ احد شیخ چھُ ناوِ دکہٕ لہ روزان اوسمُت۔ سہٕ چھُ لگہ لیٚیہِ ہنٛدۍ باتھ ونُنس منٛز کامیاب گومُت۔ غنی ہفچہٕ نار چھُ واریاہ کلامہٕ وٚونمُت۔ تسٛند گیوٚن چھُ محفلن منٛز تہٕ گیوٚنہٕ یوان۔ صمد جان چھُ صوفی شاعری لرِ لور مجازی شارکُ تہٕ دلدادٕ اوسمُت۔ سہٕ اوس پانہٕ پننۍ گیوٚن گیوان۔ رشیدٕ اسمال چھُ سیٚٹھاہ پرون شاعر۔ وہاب کھار سنٛدِ وزِ اوس بیٚیہِ شاعر پانہٕ پنُن کلامہٕ محفلن اندر گیوان۔ عام لوکن چھُ اُمی سنٛد کلامہٕ زبانۍ یاد۔ یمن لرِ لوٚر چھِ بیٚیہِ تہٕ لاتعداد شاعر یمن ہنٛد کلامہٕ نٛدوٚہ پتہٕ دوٚہ عام چھُ گژھان یاگومُت چھُ۔ یمن منٛز غلام نبی گوہرؔ، مظفر عازمؔ، ایوب صابرؔ، عبد الغنی مدہوشؔ، دلدارؔ، بشیر عارفؔ، رسا جاودانیؔ، رشید نازکیؔ، شاد رمضان، گلزار حضرت بلؔ، آفاق عزیزؔ، بشیر دادا، محی الدین حامدؔ تہٕ انجان کشمیری عبد الاحد فرہاد تہٕ شامل چھِ۔

ڈاکٹر آفاق عزیز
کشمیر یونیورسٹی



شراب دُتنم شِتاب کوٗتاہ کلےَ وٲلی
موٗدرمسَ کیٛاہ چھُ تمہِ نِش چیٚوٗ میٚہ ژٕرگٲلی

طہورا اتھ شرالیسَ ناو فرقان
تمےَ دٕرہی بادِ تن ناوٕم دل و جان
ڈٕنگل لاگتھ صدف گھولم بیک آن
تمَی منٕز دُرِ عرفان درام تابان

اَمی عاشق اُمی کیٛاہ دردَ تےٚ زٲلی

یتےَ تمیٚ ساقین لوچھنس جام
تتےَ درجسم رُوحَن روٗٹ میٚہ آرام
میٚہ نےَ چیٚوٗ مےَ تہِ ونیتم اوس کیٛاہ تام
سُہ مےَ چیتھ لوٗختہٕ سیٚڈسے اُسی یم خام

ونے از عشق اگھ لوکتہ بہَ مِثالی
موٗدرمسَ کیٛاہ چھُ تمہِ نِش چیٚوٗ میٚہ ژٕرگٲلی

نفس کر لستہٕ روزی نہٕ جان گنٛدی
نقش کرٕ پوٗختہٕ لوٗد چھُکھ نقشبنٛدی
تہِ زانن سہروردی نہٕ سرہینٛدی
میٚہ پیر حیٚم خواجہِ محمد سمرقنٛدی

اوٚنم خواجہ محی الدین چشتیؒ ساٗلی
موٚدرمس کیاہ چھُ تمہِ نش چیٚوٚ میٚیہ ئیزٕ گاٗلی
اول رٚوچھنس بہ چشتی خانہٕ دادن
اوَے کرچھُس ہیوان لوٗگنہِ لادن
سُہ نادن پانہٕ واتھم از میٚیہ دادن
توَے ہردم چھُ دل آسان میٚیہ شادن
لوکٹ اوسُس بہ مکتب ہیتھ قوران ناٗلی
موٚدرمس کیاہ چھُ تمہِ نش چیٚوٚ میٚیہ ئیزٕ گاٗلی
ہُہ ول اول ہہ ول آخر ہہُ ہہ ولِ حے
ہہنیزِ کرَلےَ لبکھ ایمانس پے
ژلی یےَ مے چھےَ میخانکُ پیاٗلے
گلی کھےَ صاف سپدِ یُم آ ہینے
پھولی پمپوش سرٕ منزٕ گرٕشد میٚیہ دُباٗلی
موٚدرمس کیاہ چھُ تمہِ نش چیٚوٚ میٚیہ ئیزٕ گاٗلی
غوٗلامے شاہہِ جیلانؒ دستہٕ بستےَ
چھُہ آمُت بادشاہس دلِ شکس تے
گوٗژھُم میٚیہ تاج وایمان چانہِ دستے
میٚیہ تھوٗونک بادشاہن پیٹھ سرس تےَ
مخمس احمد کاوٕ ڈآرُم میٚیہ غزل سناٗلی
موٚدرمس کیا چھُ تمہِ نش چیٚوٚ میٚیہ ئیزٕ گاٗلی

## احمد ڈار



شۆقہٕ چانہِ وایسے چنگ نٔے سازو — آکھو شہرٕ سے شیرازو
حوٗرٕ چھِے دِنہٕ وان نوٗرٕ مہرازو — آکھو شہرٕ سے شیرازو
مایہ چانہِ گرٕتہٕ گوٗندلوٗرٕ سے سوٗنہٕ سازو — تازٕن چون لوَ لچھہَ زیادٕ سے
وۄڈٕ چھِے شملہٕ تہٕ ناٗلی پیش وازو — آکھو شہرٕ سے شیرازو
ژٕسے چھکھ یٔزمن چوٗنے مہرازو — ژاکھو لأٔلہِ ہِندِ دروازو
لأٔل چھِے پرِتھ سو رمتہٕ سازو — آکھو شہرٕ سے شیرازو
لأٔلہِ ہِندِ مالیٔنہِ باہ شِشہٕ وازو — تازٕ تازٕ نِیامٕژ رنہٕ نادان
سالِہری ہٕتی چھِیِ لوٗرٕ اندازو — آکھو شہرٕ سے شیرازو
وتھرٕن کوٗرٕ مے دلِوانہٕ خالو — لأٔل مہرجانہِ ہیتھ مجلولو
متہِ مجلوِتے نرد سے بازو — آکھو شہرٕ سے شیرازو
دلِوان خالس باہ دروازو — شاہ سلطان ہیٚتہِ گاہ ترٛاوان
سِے گاشس سٕرکرہا ابازو — آکھو شہرٕ سے شیرازو
تلپاتالکہِ شاہ ہِندرازو — أندری لوٗزان ہِندِ رگ سوز
سِے سوز لوٗزتھ دِل گوَ تازو — آکھو شہرٕ سے شیرازو
سوز لوٗزن وأٔلی چھیِ دم بازو — دَم ہیتھ منہٕ سے کَن تھاوان
سِے سوز زانن محرم سازو — آکھو شہرٕ سے شیرا

دمدارن چھُے دِلکُ اندازو دم وارِ دِٹھ تو غم ژلنَے
اوش ژِےگارتن ہوش کرنازو آکھو شہرِ سے شیرازو

شکلے مُنزِ ژاس پننہِ دروازو شش جہاتس چھُس وون دِوانَ
ہر موکھِ وُچھکھ ہا پاکبازو آکھو شہرِ سے شیرازو

پیرس گارِ نیُس چھُے ایازو سُے زانہِ کیاہ گو مجازو
احمد ڈارن وُچھ پوُرِ نازو
آکھو شہرِ سے شیرازو[۲]



---

[۱] احمد ڈار اوس حیدر پور ریکُ روزن وول۔ سُہ زاد ۱۸۵۵ء منز تہٕ ۱۹۲۶ء
کیٖتُ گوٚ رحمت حق۔ تس اوٚس شمس فقیر مرشد۔ اَمِی سٕنزِ شاعری چھے مدٕرِ تہٕ میٚٹھ۔
عام فہم تہٕ سیٚود ساد زبان چھِکھ استعمال کرٕمٕژ۔

[۲] احمد ڈارُن کانہہ تہٕ باتھ وُچھ تون۔ تتھ منز چھُ سوز و گداز تہٕ دلس مُہہ وُنِ نَے بلکہِ سروٗر
بخش وول فضا۔ اَمِہ سٕنٛدِ کلامہ چھُ النالس ہکھ باٹھی آدرٕ اوان تہٕ زیٖل رفتار بخشان۔

## احمد ڈار



کامران شہرکہ کلمے دلپو     آکھو شامے[1] سوندرے
لیکتھ سوزی مے امروز نامو     آکھو شامے سوندرے
اطلاس زرباب تنتہ وتھرلومو     ینتہ شاہ بیوٹھم آرامس[2]
سوے جاے ونہ نو بیہ لوخامو     آکھو شامے سوندرے
ستھ زانگی لولہ زور میٹے تہ زاجے مو     شاہ آو سالہ سون منز مالنو
ہنڈی تے موہ نگر یرِ ماریمو     آکھو شامے سوندرے
سالہ ری بیٹھمو منز زاکہ وارے     لالہ بیوٹھ درشن دارے پیٹھ
شراب شیشن چھم چیوان جامو     آکھو شامے سوندرے
حور درایہ ونہ وان درنے گامو     پردہ تلی روے چھی وچھانو
نورِ زھتہِ طورس سور سپدلومو     آکھو شامے سوندرے
نامہ چانی لوزی مے رومہ نے شامو     لچھہ چھی شوبان سامانو
لچھِ ناوِ سورے چون ہنگامو     آکھو شامے سوندرے
برزخہ نور کیا چھے تابانو     امہ نورہ آفتابہ مند چھانو

احمد ڈارن تی ڈلیشامو
آکھو شامے سوندرے

---

۱ شامو چھنہ صحی بیہ زان ساقی لیکھان چھہ۔ ترتیب کار۔ ڈاکٹر آفاق عزیز

احمد ٹوار کر



یَس ییلہ بنہ تے سے تیلہ زانے — معشوقہ سؤر گوم تعشوقہ چانے
سر بو وندیو سردار میانے — مُنور عالم گو نورانہ چانے
معشوقہ سؤر گوم تعشوقہ چانے

شاہن شاہ چھم شاہ کُھٹہ میانے — بالہ نیؤس جگر ڈالہ میز ملنے
معشوقہ سؤر گوم تعشوقہ چانے

شہ تہ سنے آسیم منے تہ کیا چھ مانے — چھم شرف المکان بالمکین میانے
معشوقہ سؤر گوم تعشوقہ چانے

کش متہ کڈ تم بمہ کمانے — کھش گو عاشقن مُہہ تیر چلنے
معشوقہ سؤر گوم تعشوقہ چانے

ژھانڈ تھو راز ویرہ ہا گو سانے — لاسن چھ آسان مالیٹنہ میانے
معشوقہ سؤر گوم تعشوقہ چانے

مُہہ تیر آے تھم ہا ئُند بانے — اندہ کمہ مجلسہ چھم ڈکہ للنے
معشوقہ سؤر گوم تعشوقہ چانے

احمد ٹوارہ ابخلاصہ چلنے — مؤت شیدا بہ گوس ہا وسہ چانے
معشوقہ سؤر گوم تعشوقہ چانے

معشوقہ سؤر گوم تعشوقہ چانے — یَس ییلہ بنہ تے سہ تیلہ زانے
معشوقہ سؤر گوم تعشوقہ چانے



## احمد بٹواری [1]

منز چینکے سوداگارو کتہِ پیاریو
کتہِ آکھ تِے کتیکھ چھکھ وطن دارو کتہِ پیاریو

ہا طوطو جاناوارو کتہِ تاپمہِ دزاکھ
پرٕ زنگتھ آکھ شنگیتن شہارو کتہِ پیاریو

ماہ زلیخا گییس لاچارو میانہِ یوسفو
چھُم مجازی تیز تلوارو کتہِ پیاریو

بے سوخن درویش ہشارو کتیجلہِ ساران یونٛ
ییمِس لچھہٕ آوی لالہٕ انبارو کتہِ پیاریو

سکھ سرن سکھ سُم سندارو کولہٕ تارکو
وُرزہٕنہٕ واوٕ ژونگ سندارو کتہِ پیاریو

دردہِ ستیٚ گو پردن ینگارو مردِ آکاشو
چھُم پوچھس منز آوِ جارو کتہِ پیاریو

نغمہِ منصوٗر گربزان ہوکارو سازیتہٕ لرٕنے
حالِ منصوٗر چشم بیدارو کتہِ پیاریو

خوٗرٕ خیمہِ دکھ لال بازارو نورِ جنتس منز
چھُم شہس ستیٚ کران گفتارو کتہِ پیاریو

شاہِ حبش بستہٕ شام شہارو زلف خالس منز
چھُم سیاہ خال وچھان انوارو کتہِ پیاریو

ازسیاہی نیرِ یکبارو چین مانس منز
افسرِ چیس چھُم دیدارو کتہِ پیاریو

ہیتنز یانے ماہ روخسار شیخ تمبہِ لوٗن
شیخ صنعا گو قنا از کارو کتہِ پیاریو

جہرِ ستیٚ ژوٗل ذاکرس زنگارو رنگ سبز پوش گو
یوٗ خستہٕ کارن چھُم نالی موکھتہٕ ہارو کتہِ پیاریو

آگرِ چھُنیا شاہ سوارو ہوٗس نگلوٗن
توے قطرن کوٗر دری یاد نہارو کتہِ پیاریو

ژالہِ ہندِ گرِ وصلہِ دربارو احمد مجنوٗنس
احمد بٹواری اشارن ہشیارو کتہِ پیاریو

---

[1] احمد بٹواری زاو سنہ ۱۸۳۹ء کینٛہ بٹوارِ تہٕ گذریوو سنہ ۱۹۱۸ء کیٛت۔ سُہ چھُ احمد نگرٕ دفن یُس ییٚندِ سے ناوس پیٹھ آباد چھُ۔

## احد کانڈر[1]



فِلافان زُو میہٕ وُلا کوٚرِمے تس پتھ
وَلاچھس کران تسَ پتے پوٚنپرٕینہٕ گتھ
زٕٹھ گوم نیرٕ عشقن ھا خوٗدایا
فٕٹھِ درام شرابہٕ پرأٹھ بے دٕرلیگا
زٕٹھِ اپہٕ ہن بےٚ ونہٕ ہس رازِ دل ہا
کھٹھِ روٗدم گتے لوٚدنم میہٕ کیٚشاہ راہ
نٕٹھ شرمندٕ چھس روٗزتھ کرِس کیٚشاہ
وٕٹھِ دفترِ ے چھٕٹے مُلا بس کنٕی گتھ
وَلاچھس کران تسَ پتے پوٚنپرٕینہٕ گتھ
ہٕنڈت زوہ پھٕ مال لوٗرتھ ژاو گنگہٕ بل
گنڈتھ سامانہٕ کفرکٕی جامہٕ گمل
ژٕھنڈِتھ آدکوہ بیابان دوٗت نٕرمل
أنڈِتھ تس نشِ چھُ مطلب مشکلن حل
بٕنڈتھ دراو پأنٕز پانے پیوس وٕسی شلَ
مٕنڈِتھ آب کا کِھنے نشِ رِم چھِ بے پھل

---

[1] احد کانڈر چھُ سنہ ۱۸۹۰ء منز کدلہٕ بلٕ پاپنٕرزلوان تہٕ سنہ ۱۹۵۴ء منز سپد رحمتِ حق۔ یِم أسی صوفی شاعر۔ سیوٚد ساد زبان چھےٚ یہندِ کلامچ خصوصیت۔

وٕنڈتھ مرزوفدا کرٕ صوٗفین ہنتھ
ولاچھس کران تس پتے پونپرینہٕ گتھ

ٲکیتھ مقامِ لقہس مٔنزرم کوٚڑم ستھکھ
لیکتھِ نامے چھوٚنی تنتہٕ گوم الحق
گرٕ کیتھِ صبرکٕ یہٕ دٔری یاو تتھ دِتُم نکھ
ہوٚکھتھِ سُمہٕ پتیم واللہ بلا شکھ
ٹھکتھِ تکھی وٕلی تلِم بارسے امانت
وَلاچھس کران تس پتے پونپرینہٕ گتھ

تفنگ لوٗنن میٛہ عشقن دلوٕلنس چیرنگ
نہنگ آم سُمہٕ بلے زولنم کنگ
پلنگ اَستھِ شغال کوٚرلس بہ ہر رنگ
تیلنگ رودزس بہ محکم ماچھمس بنگ
بہ ہر رنگہٕ وٕنی دِمس ژھارانس بے رنگ
ملنگ نیرس ٹلتھِ سوٗر کریمس تنگ
دَنبگ روزس نہٕ از چھس سیانی دعوت
وَلاچھس کران تس پتے پونپرینہٕ گتھ

فَنا فلا بقا باللہ تٔرِ اُنزراو
منع آو سر فاش کرنس ژہنتس ستھاو
گوناہ لوٚڈ جاہلس باوُن تمیکُ ناو
ہنا کر ہوش سرکارچ پہے گراو

صناہ دراو ہنیز پتھ عشقن ژھنس واو
پناہ منگ شیلہ شاأز نسِ کیتھ صدم آو
ونان بے لذتن یہ عشقنی تراوتھ
والچھس کران تسَ پتے پونیرنہ گتھ

تہی دس ڈالی کتاہ نمیہ پیش سرکار
بہی گوزہن ہنزے نکھی چھم سیٹھاہ بار
کہی کوٗر منے ولا آس چون دربار
أسی چھیِ رحمتس چانس ووٚمیدوار
تہی دیدن میہ چھم رسولِ مختار
تھیہ سأدرس ژ دس دُرکھار یکبار
توٚرے نامے لیکھتھ از پیوم دسخط
والچھس کران تسَ پتے پونیرنہ گتھ

رُکنے گنزرتھ احد کاندر چھُ دلشاد
نوٚنے تابان رسول اللہ دِمس ناز
اوٚنے نیُس گو ییتیے تتہِ گوشہ برباد
چھوٚنے بے پیر دِوان کیاہ دمہِ شداد
دونے دتھ ہاو پنہ نے جاہ ژ ستھو یاد
بونے لیس خہ دیہ خود کس دِیہ شہ فریاد
روٚنے دربارِ نشہِ افسوس گو کیتھ
والچھس کران تسَ پتے پونیرنہ گتھ

## اسد میر[1]



کرٕژ پھولہٕ ہَم تہٕ لوگو لا بوٚ لو — شَرمے ژٕلہٕ ہم تہٕ لوگو لابوٚ لو

وارِ حُسنٕچ نو بہارس منز — کارِ زٕلہٕ ہَم تہٕ لوگو لابوٚ لو

تھٕرِ باغس لولہٕ کہن چمَن — مُشک مَلہٕ ہَم تہٕ لوگو لابوٚ لو

آرٕ وَل چھس ژٕز مژٕ نارے — خارٕ ژٕلہٕ ہَم تہٕ لوگو لابوٚ لو

عشقہٕ ہیچان نازٕ کِس سَروس — پان وَلہٕ ہَم تہٕ لوگو لابوٚ لو

دَتہٕ وچھان چھس بہٕ ہُمبر زل — کتہٕ اَلہٕ ہَم تہٕ لوگو لابوٚ لو

بیٚتہٕ جسمس تہٕ روحس چھُے یکسان — تَتہٕ زٕلہٕ ہَم تہٕ لوگو لابوٚ لو

ژٕ سے مٕے گوٚژھہٕ ہم ژٕ سے مٕے آسُنے — دٕ سے مٕے گلہٕ ہَم تہٕ لوگو لابوٚ لو

تھوٚد تہٕ تلہٕ نہٕ اکھ قدم زانٕہ باغ — لوٚدٕ تہٕ ڈلہٕ ہَم تہٕ لوگو لابوٚ لو

گلُ لالس نازٕ کے سازے — داغ چھلہٕ ہَم تہٕ لوگو لابوٚ لو

مُشکہٕ چانے اسداللہ میرس
سپنہٕ بلہٕ ہم تہٕ لوگو لابوٚ لو



---

[1] اسد میر زاد سنہ ۱۸۷۷ء کنیت تہٕ گذریے سنہ ۱۹۲۸ء منز۔ یم آسی ہوکرمید سگامیہ روزان۔

## احد زرگر ۵



لاہر کر دِپان منٛز چی سِپار — کافر سپدِتھ کوٚرم لیقرار
حرفن مانٛے زانہٕ ہُشیار — کافر سپد تھ کوٚرم لیقرار
زنٛدٕ کر مۆردس ہٕتی صحبت — رنٛدٕ چالہِ بأگرٕس لول محبت
گِنٛدٕ نے مادٕ نروصلکُ زار — کافر سپد تھ کوٚرم لیقرار
لیَس ہٕنٛز لکاح چھُے با تدبیر — تہنٛزٕ سے بَبر چیٚو دامہ شیر
یُتھ نٕہ گا لنگل کرٕی کانٛہہ اغیار — کافر سپد تھ کوٚرم بیقرار
ہمیشہٕ روزمأ لیس دِلِوٕ گردن — لیَس زاکھ تَسی ہٕتی وأمِل بن
گرٕ ڈھ برادر کرٕ کُھ پیٚرو پار — کافر سپد تھ کوٚرم بیقرار
گنٛنہِ کر پنٕنہٕ لِنِس اولادس — ہنٕہ ہنٕہ ماز تراو ڈٕرہی یاوس
مانٛہِ مے من کر پانس نہار — کافر سپد تھ کوٚرم لیقرار

---

۵۔ احد زرگر زاو سنہ ۱۹۰۴ء منٛز تہٕ رحمت حق سپد سنہ ۱۹۸۳ء منٛز۔ تَسند مزار چھُ ڈانگر پوٗر نرورِ بٔڈ خوبصورت طریقس منٛز سجاوِتھ۔ احد زرگر چھُ وُہمہِ صدی ہند کارِ دگُن صوفی شأیر۔ علامژن، رمزن، استعارن، کنایَن تہٕ تمثیلن ہنٛد بر پوٗر استمال چھُ احد زرگر سنٛزِ شأیری منٛز سپدِ مُت۔ انٛھ منٛز چھُ سازٕ ٹ لَے، زندگی ہنٛدی تجربہٕ تہٕ روحأنی پڑاون ہنٛز بادتھ اکِس تُھہدس گارِ گرِ ہنٛدِ پأٹھی۔ اَمی سٕند کلامہٕ چھُ لُکن زبان زد تہِ تہٕ موضوع بحث تہِ سپدِ یہِ کلام روزان۔ (ڈاکٹر آفاق عزیز)

حرامس تکبیر یَر دِلوٗ نیاز     بیٖیتھِ نہٕ آسہِ قبلَس تتہِ پرٕ نماز
کرٕ امام سُے تیٚس ٹکو زنّار     کافر سپدِتھ گوٚرم لقرار
لوٚسے چھُس محیط لوٚہے چھُس لبسیط     لوٚسے ما آسہٕ کلُ شیئٍ محیط
ازمن یادٕ گوٚ کلٕ سمسار     کافر سپدِتھ گوٚرم لقرار
میٚنے لوٚد آدم میٚنے دِلیٚتُس جان     میٚنے زاو محمدؐ میٚنے دوٚن قوران
میٚنے نِشہِ لوٚن دراٗو ملکُ جبار     کافر سپدِتھ گوٚرم لقرار
شرع زانِتھ وَتہِ پکھ لوٗر     وَرآ الورا ادٕ منظور
فرع تہٕ اصل بیوٚن بیوٚن تار     کافر سپدِتھ گوٚرم لقرار
خاص بن پاسبانن لنشہٕ تل     ساسہٕ بدٕ نیے شاسھ دِیہ یَرکل
آسمانکو ملک کرکھٕ سنگسار     کافر سپدِتھ گوٚرم لقرار
زاہد سپاسہِ دِن مثلہِ دشمن     شاہدن کرٕ قتل واحد بن
عابد خالس گوڈٕ دِلوٗ نار     کافر سپدِتھ گوٚرم لقرار
باہوش چھُس باوان سیر     بے ہوشن دوان الماس تیر

دوٚن احد زرگرن غزلہِ رنگبار
کافر سپدِتھ گوٚرم لقرار[1]



---

[1] یہ بیت چھُ اَکثر گیوِنہٕ یوان۔ خاص کر چھُ عبدالرشید حافظ یہ کلامہٕ گیوان۔ مگر گیونس دوران چھِ تَس متن پرٕ نس منز کیہنہٕ غلطی گژھان۔ مثلن سُہ چھُ لیس ستی نِکاح چھِ بدلہٕ چھِیٚہ پران۔ مالِس دلیو گردن بدلہ مالس دلیو گردن پران یہ زن غلط چھُ۔ (ڈاکٹر آفاق عزیز)

# احد زرگر



عالہٕ رَسہٕ تے ہا دلبرٕ لولو    دارٕ بوزتم سوزٕے جگرٕ لولو
نارٕ تٔہنگل چھم بسترٕ لولو    دارٕ بوزتم سوزٕے جگرٕ لولو
چھُم کامن دِمنا جامن چاکھ    منٛز عامن وننہٕ ہا چانٛنی فراق
لُکہٕ پامن بال کیا کرٕ لولو    دارٕ بوزتم سوزٕے جگرٕ لولو
نارٕ تُرٹہٕ کھوتہٕ سخت آم یارٕ سندٕ پوش    دارٕ زانٛ جنس رُودم نہٕ جسِ تہِ ہوش
آرٕ ولہٕ گوم گلہٕ جعفرٕ لولو    دارٕ بوزتم سوزٕے جگرٕ لولو
آم دامنجرٕ چونے تیرٕ مژگان    شامہٕ سوٕنہ درر دگ چھس للہٕ ناوان
درام کرٕ ہی تھے سینہٕ پنجرٕ لولو    دارٕ بوزتم سوزٕے جگرٕ لولو
کشہٕ لاٗیتم حُسنن چانٛذ تلوار    کھشہٕ رٹو ستے ترٛاونس سرٕ بازار
پشہٕ نادنس چھُم مرٕ مرٕ لولو    دارٕ بوزتم سوزٕے جگرٕ لولو
واوٕ گرٛژھ تو پیغام ہتھ یارس    داوٕ لاٗجنس سور گوم لوکہ چارس
گراوٕ میانہٕ چھس روزِ محشرٕ لولو    دارٕ بوزتم سوزٕے جگرٕ لولو
زورٕ کوٚرنم ملکے دلسے لوٗکھ    دورٕ کوٚرت پیٚم عشقن سفراہ زلوٗکھ
شورٕ عشقنہٕ دٔزس ذرٕ ذرٕ لولو    دارٕ بوزتم سوزٕے جگرٕ لولو
روزِ محشرٕ چھُپے یارٕ سنٛز جاے آمی    سوزِ سینئے میٛہ اتھ پیٛٹھ چھم گواہی
بوزِ سے لیس گومت آسہٕ سٔرٕ لولو    دارٕ بوزتم سوزٕے جگرٕ لولو

آرِ داُوِتھ راوِرن چھا دستوُر     خارِ ستھاُوِتھ دِرِ دل رۄُدہم دوُر
پرارِ ناوِتھ کرِ ژھنس بر لولو     دارِ بوزتم سوزِ جگرِ لولو
احد زرگر چھم گومت سودایی     ژالہِ کِتراہ یارِ سنز بے وفایی
چھےٚ نہٕ انصاف ہا ستم گرِ لولو
دارِ بوزتم سوزِ جگرِ لولو

## احد زرگر



کرلوٗٹھ یارِ دود پیٹرن پیوم پانس     لوٗٹھ کوٗرنم دینس نہٕ ایمانس
زلوٗٹھ سفراہ کیا ونہٕ بیگانس     لوٗٹھ کوٗرنم دینس نہٕ ایمانس
ینہٕ بوزم کنہٕ تمی سند گفتار     تنہٕ ترووُم کلمے لوٗرم زُنار
ژھینہٕ کعبس ہینہٕ آس بتخانس     لوٗٹھ کوٗرنم دینس تہٕ ایمانس
گس دیتنم تس رۄُدم نہٕ رفتار     تس تس کران شش کلہِ گوٗنڈنم نار
وس زاجی نم فان گوم منز آنس     لوٗٹھ کوٗرنم دینس تہٕ ایمانس
لوٗرِ جامے لاگتھ چھم دِلبر     گوٗرِ گوٗرے چھس کران ہفتہٕ پیکر
حوٗرِ ونہٕ ولن شوٗبان درِ دانس     لوٗٹھ کوٗرنم دینس تہٕ ایمانس
طوطہِ زنگی چھ انھ عشقہٕ شدرس بہار     زوتہٕ ونی چھےِ اتھ منز لال بسیار
فوتہٕ ژورم موختس تہٕ مہرجانس     لوٗٹھ کوٗرنم دینس تہٕ ایمانس
ییتھ ملکس منز لبان جادوگار     تتھ شہرس چھ پادشاہ میونے لگار
ستھ اقلیم چھےِ تام بیا سلطانس     لوٗٹھ کوٗرنم دینس تہٕ ایمانس

کینہ ژٔڈ ژٔڈ رودم دینہ ڈولنس　　چینہ جبشس ستی جنگ کرلؤنس
سینہ داری داری رودس توفنجالنس　　لؤسٹھ کورنم دینس تہ ایمانس
رشکہ میانے ژھیپھ ہیتھ روز تنہا　　تشنہ تھاوُنس زانہہ تہ کورنم نہ تسلاہ
عشقہ ژورن لوگنس طوفانس　　لؤسٹھ کورنم دینس تہ ایمانس
ڈنجہ تھاوُنس نہ سوران آم یاون　　رنجہ ناوُنس ژھونجبر دِتنم درشن
گنجہ آباد ہنجہ دِتھ چھ وارالنس　　لؤسٹھ کورنم دینس تہ ایمانس
ہر موکھہ لیس موکھ ہاوِ دلِ آرام　　کرنس نشہ بٔیون چھےٚ کفر اسلام
برہتر رنتھ ساٚل کرِ یکسانس　　لؤسٹھ کورنم دینس تہ ایمانس
سیرِ سوخنن تہ پھل لیس سنتھ گو　　زیرکی تےٚ حسبہ ہوشہ نشہ وسنتھ ہیوٚو
پیرہ فتوا کیا کرِ دلوانس　　لؤسٹھ کورنم دینس تہ ایمانس
شوقہ ستین نالی گوم عشقن طوق　　گاہ عاشق گاہے چھس معشوق

احد زرگر مشتاق پانٔنی پانس
لؤسٹھ کورنم دینس تہ ایمانس

## احد ذرگر

در دِلہ سرپلے احوال باوے　　وولہ کالی راوے کھبکھ ارمان
سرِ دلہ بر بستر وتھراوے　　وولہ کالی راوے کھبکھ ارمان
ینہ کنہ لوزم چانی شووے　　تنہ بالہ بندرم شنز تہ سامان
سنہ گوم تنہ کرتن ملہ ناوے　　وولہ کالی راوے کھبکھ ارمان

ہاوسہٕ درالیس امہِ چانہٕ ناوَے — داوس لوگتھ میون زُو جان

واوس اتھِ یِم نامہٕ سوزِناوَے — وولہٕ کاٗلی راوے کھبکھ ارمان

سُلہِ گلہٕ لوٗزِن موے برٕ ناوَے — دِلہِ دِلہِ چاوتھ لوٗر پیمان

دِلہِ جگرکُ مانہ پیشکش ستھاوَے — وولہٕ کاٗلی راوے کھبکھ ارمان

ژدٕرِ ژدٕرِ کوتاہ اوٚش لوتراوَے — سوٗرِ نار ئیژ کال گوم للہٕ وان

حورِ بیپیر میٚہ زردی عشقہٕ آمہ ناوَے — وولہٕ کاٗلی راوے کھبکھ ارمان

ژوہ شوٗنٕ طرفن ٹکھ لوزِناوَے — دوہ شوٗنٕ ساتہٕ اکہِ لگہِ پرُسان

لبشہِ وِنہِ دِلہِ کی پرٕکاٗلی پاوَے — وولہٕ کاٗلی راوے کھبکھ ارمان

یارِکن دا آرتھ لوزھیانہِ گراوَے — آردین ژٕ غاٗرن اَسہِ دیدمان

مارِکن منٕز ماسیمہٕ کنتھہٕ تراوَے — وولہٕ کاٗلی راوے کھبکھ ارمان

کَن زن ٹبرِ ہے سُن یادپاوَے — وَن وَن چھُ وِنہٕ تے لشہِ راوان

دوٗن دوٗرِ بر ہیوان امہِ ٹاوٹاوَے — وولہٕ کاٗلی راوے کھبکھ ارمان

دَبہٕ شُند لیوٚ کھمُت کتہِ نہناوَے — موہیہِ موہیہِ بالہِ کاٗم چاٗنی زولان

نیٚہ منٕز شَیرِ شَیرِ آلو دیاوَے — وولہٕ کاٗلی راوے کھبکھ ارمان

زرگرا احد لوٚ سوز دایہِ ناوَے — ہرزر روزَے زیرِ فرمان

کرزاتھہٕ آدنکُ وِعد فٹراوَے

وولہٕ کاٗلی راوے کھبکھ ارمان [1]



---

[1] باٗتھ چھُ بیٹھا جُست منتھ تہٕ توٗلتھ۔ موسیقی تہٕ چھس لسے گیہٕ اسی تھے۔ گراون ہنٕد برمار چھُ ییتھ باٗتس بیہ ہن لکہ سارو بناوان۔

# احد زرگر



نیبرٕ زالان سوٚ ندراہ ژدٕن لونن
أندرٕ کھالان ینٛدرس ستہٕ سوس پٔن

بوٚمبرٕ نالان کیا ژھُچکھ گیٚن گیٚن زن
أندرٕ کھالان ہینٛدرس ستہٕ سوس پٔن

بنٛدگی کرساقیس اندتھاو ذاتھ
زندگی لٔب نفین ازا ثباتھ

دوٚنٛدکی برمژ راو بوزکھ سوٚ خن
أندرٕ کھالان ینٛدرس ستہٕ سوس پٔن

گُلہٕ ہبٕرات ییلہٕ پھوٚل از ظلمات
ظلہٕ ظُلمات لتشرٕ گوٚ پادا پٔرٕبات

گُلہٕ سکائینات تمبلوٚ تھن جلون
أندرٕ کھالان ینٛدرس ستہٕ سوس پٔن

وردارس پٔرمارُن چھُہ دستوٗر
موٚرٕدارس تتہٕ تکبیر منظور

دربارس منٛز زال فکرٕ تے ظوٚن
أندرٕ کھالان ینٛدرس ستہٕ سوس پٔن

ویٚبرٕ ڈنگلُ زیبرٕ زل روزٕ کیہنہٕ کال
پھیرٕ والِس نیرٕ ہتھ پوشیدٕ حال

شیٚرٕ آسہس تلپاتالکُ سوٚن
أندرٕ کھالان ینٛدرس ستہٕ سوس پٔن

دوٚنٛی ژیٚنگن گلفام رٕنگنے منٛز
من ہنگن اصلکُ وصلکُ شنٛز

دوٚن جنگلن منٛز گُلہٕ فولاد تن
أندرٕ کھالان ینٛدرس ستہٕ سوس پٔن

گوٚ ڈٕزا ایک نامہٕ لشہٕ گورس پٔر
یا یک راز ڈیشکھ بالا یہٕ سر

دایک وُن آیکُ مانے وٚن
أندرٕ کھالان ینٛدرس ستہٕ سوس پٔن

طرف میم ذال دال ئیٚزکال تھاوُم
حرفہٕ دوستان دردل للہٕ لوٚدم

حُرف جیم گوم أنزران اچھرٕ دوٚن
أندرٕ کھالان ینٛدرس ستہٕ سوس پٔن

غنچہِ نَنیٖڈ سے بۄزِ مکی ڈٔتھی دارِ بر — بمہٕ چھے رۄنہِ دایان زیرک دہر

دمہٕ چھہِ نیٖسے وۄچھہ تہٕ کمہٕ لیہ آلون — اَندرِ کھالان ہیندرس ستہٕ سوس پن

احد زرگرہٕ حاصِل کر حقیقت — واصِل لب مجازہٕ کنہِ تور دتھ

عارفو نادٕ معرفتہٕ اَندرِ ہی تن

اَندرہٕ کھالان ہیندرس ستہٕ سوس پن

## احد زرگر



یہ دوس آر دتھ راوِ راوُن رواچھا — یہ یاوُن ہیٖنِ سنیٖ چھاوُن رواچھا

ہتو جود گارو کُسو جود کوٗر تھم — یہ دوٗد غار زانن باوُن رواچھا

عجب نازہٕ داوِ تھہ کتھو مُشرِ راوِ تھ — جنون تے عشق وِزہٕ ناوُن رواچھا

حُسینن ہندی کار کرہٕ نی خون بسیار — یہ حسنک خنجر زھٹہٕ ناوُن رواچھا

یہ کیتھہ قاتلاہ پیٖوم بسمل کرٕ تھ گوم — اَڈِی کھشہِ ڈٕیتوس تراوُن رواچھا

ہجو مے عشق آم لوٗ ٹھاہ کرٕ تھ درام — دل و دین بتاراج نیاوُن رواچھا

بہ لوٗ ژالہٕ دوٗر برد مے نالہ بردر — یہ لوچر مینہ رٗوس شولہٕ ناوُن رواچھا

ڈوٗلم ہوش بِلکُل ژٕ ڈلم دل چو بُلبُل — ژٕ یہ اتھہ گُل رو خس برد ہٕتھاوُن رواچھا

زلُف چھی اوٗیزان تمے کام زوالان — یہ خستہ جگر لبتھہ سھاوُن رواچھا

دِتم یارہٕ دیدار یتم بلہٕ بیمار — ستمگارِ سرِ مُشراوُن رواچھا

قیامت چھہ کیا کتھہ جدائی نسبت — تلو نار تھنبس رلاوُن رواچھا

نیٖمسِ گرٕھہ بیداد سہ دِیہ نالہٕ فریاد — تمن آلون خند تراوُن رواچھا

ہا احد زرگرِ دلخستہٕ مضطر — یہ دردے دروٗن ژھایہ تھاوُن رواچھا

## احد زرگر



زولہٕ چھُمَ نہٕ ژیٚبے روٗس دلبرَے　　وولہٕ ہو کرَے وولہٕ ہوکرَے
موٗلہٕ لوٗٹھِس چانہٕ دوٗر برَے　　وولہٕ ہو کرَے وولہٕ ہو کرَے
ترٲوِتھ ژوٗلکھُ ستھٲوِتھ فراق　　ہٲدِتھ کٔمِس ہیکہٕ سینہٕ چاکھ
نٲوِتھ میٚہ تن چھُمَ عنبرَے　　وولہٕ ہو کرَے وولہٕ ہو کرَے
دردے جگرِ بلکلُ سنیوم　　گیوٗلُم کٔمِس پانس بنیوم
کردَے خودایس کیٛاہ کرَے　　وولہٕ ہوکرَے وولہٕ ہوکرَے
حیلہٕ کیٛا روٗٹھُم تٔمۍ ڈانبلن　　لِلہٕ ژارہے دِژنم نہٕ تن
دِلہٕ سے میٚہ کوٗرنم پنجرَے　　وولہٕ ہو کرَے وولہٕ ہوکرَے
کسَ ونہٕ میٚہ دل چھُم بےقرار　　تسَ مالوِان اکھ دانہٕ عار
وس نارٕ زاجِنم لوچرَے　　وولہٕ ہو کرَے وولہٕ ہوکرَے
ہیرِ ہَے پھُلَے چھُمَ یادنس　　یی نے چھاوِنہٕ دِمہٕ کسَ
ہَے ہے یرَ ہی ماگژھِ برَے　　وولہٕ ہو کرَے وولہٕ ہوکرَے
پامن لٔجِس کامن گٔنیم　　شامن میٚہ چاٗنی چھیہہٕ پٔیم
نامن ہا کوٗرمَے دفترَے　　وولہٕ ہوکرَے وولہٕ ہوکرَے
خالَے سیاہ ہووِتھ زبر　　بالَے میٚہ گوٚ حالَے دِگر
چالَے لگَے طالع ورَے　　وولہٕ ہوکرَے وولہٕ ہوکرَے

سُنٛز ژٕوٕر عشقُن ییتھِ میٚہ پیوم     نٕز پاٹھِ لۄٹاٶِتھ میٚہ گوم
ؤنِ چھُس دِوان ہر بندرٕ     وولِہ ہوکرے وولِہ ہوکرے

جیم چھُے وٕلِتھ الفٕ قُدس     سیم چھُے بدان رٕوے چھُے شمس
میم چھُے دہان چشمہِ کوثرے     وولِہ ہوکرے وولِہ ہوکرے

مَس چیتھ ژٕ مس دلوانہٕ گوکھ     کَس ہیتھ ژٕ پالو مۄنت بنیوکھ
رَس کیتھِ لۄگُے دِل کافرے     وولِہ ہوکرے وولِہ ہوکرے

زرگر احد آلو کران     مَے لولِہ کُے شیشن بران
کرسنہٕ سیم ماہ پیکرے
وولِہ ہوکرے وولِہ ہوکرے

احد زرگر



نَہٕ چھُم تن پان نے جسمِ وجان     بہ کیتہِ لبکِپن میٚہ کیتہِ ٹھیکان
نَہٕ چھُس بیرُون نہ چھُس درجان     بہ کیتہِ لبکِپن میٚہ کیتہِ ٹھیکان

نَہٕ چھُم رفتار نہٕ چھُم گفتار     نہ چھُس کاردار نہ چھُس بیکار
نَہٕ چھُم ہتھیار نہ لبے سامان     بہ کیتہِ لبکِپن میٚہ کیتہِ ٹھیکان

نَہٕ چھُس باہوش نہ چھُس بے ہوش     نہٕ چھُس کۄل زۄر نہ چھُس باگوش
نَہٕ چھُس خاموش نے چھُم زبان     بہ کیتہِ لبکِپن میٚہ کیتہِ ٹھیکان

نہ چھُم کانٛہہ حد نہ چھُس لا حد | نہ چھُم سرو پا نہ بالاقد
نہ چھُس ابجد نہ ابجد خان | بہ کتہِ لبکپن منٛیہ کتہِ ٹھیکان

نہ چھُس در تن نہ چھُس در من | نہ چھُس در کن نہ در دیدن
نہ چھُم کینٛہہ کھین نہ زمن اکھ آن | بہ کتہِ لبکپن منٛیہ کتہِ ٹھیکان

نہ چھُم طمع نہ لا طمع | نہ چھُس بے زر نہ چھُم جمع
نہ چھُس شمع نے شمعدان | بہ کتہِ لبکپن منٛیہ کتہِ ٹھیکان

نہ چھُس آفتاب نہ چھُس ماہتاب | نہ چھُس در خاب نہ در لہو و لعب
نہ چھُس در کعبہٕ نہ در بت خاہ | بہ کتہِ لبکپن منٛیہ کتہِ ٹھیکان

نہ چھُس چنگہٕ نے نہ سیتارٕ ساز | نہ چھُم آلو نہ لبے آواز
نہ ناز سارنگ نے رازٕ گمان | بہ کتہِ لبکپن منٛیہ کتہِ ٹھیکان

نہ چھُس سون رو کھ زسٕر سرنل | نہ چھُس لو سے ترام نہ چھُم کینٛہہ زل
نہ چھُس کانٛہہ شئے نہ چھُم کانٛہہ کان | بہ کتہِ لبکپن منٛیہ کتہِ ٹھیکان

نہ چھُس بیدل نہ چھُم دل شل | نہ بے منزل نہ از آب و گل
نہ وحشی جنِ ملک انسان | بہ کتہِ لبکپن منٛیہ کتہِ ٹھیکان

نہ چھُس عیار نہ چھُس امین | نہ چھُس دینٛدار نہ چھُس بیدین
نہ چھُس کافر نے مسلمان | بہ کتہِ لبکپن منٛیہ کتہِ ٹھیکان

وطن کتہِ چھُم کتھن دِیو واو | زتن نیر تھ ییر سِر و ٹیڑھ ناو

احد زرگر رندان قوربان
بہ کتہِ لبکپن منٛیہ کتہِ ٹھیکان



# احد زرگر



اَلَستُ بِرَبِکُم گوم نِدا تَمہِ تام شیٚیَے
بلیٰ دٲپِتھے گوس وِاللہ زونُم نیٚیَے
نالُودِ أندرے لُودکوٚر ستھَس وۄستادَ یے
معبوٗد میون چھُکھ لو ہاروزے بندَے گرِ یے
ڈٲکِہ گوم جاگِتھ آم لأگِتھ سٔنی باسِیے
موکھِتھ کُنہٕ ڈیوٗنٹھُم پانہٕ موہ وِلیٰ اِنسان رہ سیے
زہنہٕ ہانٛزھ گگٕتھیم وِنہٕ تُکس ازلِنہٕ باگہٕ سِنیَے
تِنہٕ چھُس فلوا شِبن طرفن ہیتھ زاگیَے
کُنہٕ شیٚچھ بوٗزِم شٔنز شٔنز گیٚیم عِشقِنہٕ پیَیے
ؤڈٕ دِیاوِ ناوَنَس پاڈٕ پانَس موہ یسے موہ یسے
شِلہٕ کسِ شدرس دَمہٕ دَمہٕ کِیم دم دِترِ میَیے
دِلہٕ کسِ لُدرسَ ہمرنگ نہٕ کاتھہٕ مہر جانِیَے
وَحدَتہٕ نِشن درایہِ کثرت حسَرت چھُپیے
حاَرت چھُ لاحد لوٗرِی دوہ نوٗسے مجبوٗر گییٔ
زوٗ دہن لالنَ ہیوتِ میہ کٔنِے درُدا سینِیَے
سَنُہن تہٕ أکِس منٛز چھُ تمہِ کُے نُورا سینِیَے

قال گوم بدنام حال ونتم کس باوٕ یے
دال گوم چون دام زال لوگنم بے نو کتِھیے
احد احمد پانہٕ محمدؐ دِتھ جلوٕ یے
احد زرگر گرا یے ہاوتھ تمنبہٕ لوٕ نیے

احد زرگر



رنگ بالِ ڈولِم تازٕ گلس سۭے میٚہ دِلس کان
سنگ کالِ ژولِم رازٕ بلس سۭے میٚہ دِلس کان
حیدٕ رووسی چھو کھآم رآیِلس لیٚترِ کترِم پان
ادٕ گآم زدٕ لشہٕ ناآیلس سۭے میٚہ دِلس کان
نار چہ ریٚہ چھم جسمس کلس دمبدم تیزان
پارٕچہٕ زولنم سوٗرہ تلس سۭے میٚہ دِلس کان
گلہٕ نیلہٕ رنگ گوم صندلس پیوم رنگہٕ زعفران
گلہٕ زلو میٚہ گیمو تمبلس سۭے میٚہ دِلس کان
سونہٕ وانہٕ ژھونڈم سٹیکہٕ ڈلس باگہٕ آم میرجان
درٕ دانہٕ بیرٕ ون آبرٕ گلس سۭے میٚہ دِلس کان
ہنتہٕ دِژ میٚہ نظراہ پانژھلس پوٗر کمان
شنبہ تہٕ داہ اُسِم موہر چھلس سۭے میٚہ دِلس کان

ژٕلِہ وٕلوٗر ہیتھ ژایہ ژلِس اَندرٕ اَنزراوان
زٕلرٕہِ گیوٗر کوٚر نفسہِ ژھلُس سُے میٚنہٕ دِلس کان

مرداہ آسہِ منز محفِلس عارِفے رندان
اردٕاہ ہیٚژِتھ واتہِ ٹھلُس سُے میٚنہٕ دِلس کان

یِی پانہٕ ہیٚژرٕوٚم جان موٗلُس تی ستھوٚوٚم ارزان
بےگانہٕ دٕپان توتہٕ لوٗلُس سُے میٚنہٕ دِلس کان

احد زرگر زاگہِ شٕلِس لاگہِ غزل خان
باغہِ رضوانچہِ حوٗرٕ ولُس سُے میٚنہٕ دِلس کان



## الفت سوپوٗری[۱]



بٲلۍ ونتے مارے ئتس کرِ میٚہ سیتی اصالتھاہ
ژھینہٕ فساد گژھِ صلاح کرِ نژھے وکالتھاہ
بنُن گدُرن یا سرپنُن گژھِ تہٕ ہرگز غاٛرس ونُن
یا گژھِ تتھ کانہہ چارٕ بنُن نتہٕ درٕدرج رفاقتھاہ
لوٚزٕ کھےٚ میون ژھنہٕ تلُ تہٕ قدم گژھہٕ تہٕ سوٚیے دِلبریدم
میانیٚ وٕنی زہس سارۍ صدم جان بنیم وسالتھاہ
دوس آسِتھٕ سِدٕ کھ دُشمن آب روٗدےٚ نہٕ اندر چشمن
تمِہ دوٗرٕ نہٕ دٔز میانی تن چھم توٚے ندامتھاہ
روٚیہ نازنین پوشید تھوٚون پان میوٗنے ادٕ ژٕ روٗون
چھم نہٕ موٗلوم تمیٚ کیازِ تھوٚون ہنگہٕ منگک عداوتھاہ
میٚہ چھُ پنہٕ نےٚ جگر دزان مارٕ خاٛہی پتو بہ پان
وُچھِ جہان نہٕ گژھِ ماجان سوٚ چھِ منٛد چھِ خجالتھاہ
بوزِ ہرگاہ بارے دِگر کینہٕ میونے کٔڈِ دِلہٕ نبر
انہٕ گنے عامس مژر ونہٕ نژھے صداقتھاہ

---

۱۔ الفت سوپوٗری چھُ سوپور رٕوزان۔ اُمی سندس زندس بتہٕ متعلق چھُ تحقیق جاری۔

تھے انداز اڈ تلہ بہ قدم سپھیر ہر سہ بہ دم بہ دم
ووتھے شورش عرلو عجم گڑھے مشہور دلالتھاہ
تھمے ستین تہ بیلہ گڑھے نہ شہ رام سوز بالا عرضی تمام
سو نمبراو کھ ساڑی حکام لگے شاہی علالتھاہ
سولوڑی الفت ونان تڑرانہ لوکن ضوڑوڑ مڑر
ڈرلوڈوے عالمس اندر کرے برپا قیامتھاہ
باآلی ون تے مارے منتس کرے میٹہ ستی اصالتھاہ
ڈھینہ فساد گڑھے صلاح کرے تڑھے وکالتھاہ





کالہٕ لوٚمبرس مژر چھُ آسانی
آبہٕ ہوہس اثر چھُ آسانی

شیٖنہٕ مانٛنیٚن گلن پیٚواں دٔستی
لولہٕ نارس تژر چھُ آسانی

یار یارس ہِوے لوکُم واللہ
صحبتس منز بشر چھُ آسانی

سہوکھ دِواں یام بند کران ڈٔریاو
مسٔ فقیرن بجر چھُ آسانی

پراد منزل ژٕہ کر ہیمتھ واراہ
کرِوٹھ عشقٕن سفر چھُ آسانی

یام گمراہ گژھان بنی آدم
آسمانی قہر چھُ آسانی

یِی وُچھان تی تہٕ لب دیان کھمہٕ بلا
خود غرض ہا بشر چھُ آسانی

بے وفا یار ییلہٕ ڈلان نظرو
عاشقس جوان زہر چھُ آسانی

وُچھ مَیہ اکثر اپرٕ لگان ییٚنہٕ سوٚتھ
صابرا ٹوٚٹھ پنٛزر چھُ آسانی

---

له . ایوب صابر زاو ۱۹۳۶ء تٔنٛت لوگام کولگامہ پٔتھ کینہہ ریوٚد دوہ ستادۍ یِمو چھیہ وارِیاہ نظمہ تہٕ غزلہ لیٚکھمٕژ۔ ڈنٛگین چھیہ شنکر لوٚر عنٛی پورِ روزان۔

## اطہرؔ [1]

دۄر برتہٕ دگ میانٕۍ یٚتھ رمہٕ زر میانۍ دِرٕے چھےٚ
از تام للہٕ وٚمِم تی مینہٕ بسٔر میانۍ دِرٕے چھےٚ
مُدیا تسَ گنٛڈٕ نرگسِن وتھ راٰد پر فٕنسَ
کِنہٕ زوُنہِ ترآوٕ بس دوُلہِ نظر میانۍ دِرٕے چھےٚ
شبنم وژھوو ہی چھلنہٕ ہیتھ تمیَ تال خوٗر چمنس
نبہٕ ترٛٹھ یہِ چھاکِنہٕ مُدٕ وجزر میانۍ دِرٕے چھےٚ
کوہ نگہٕ پوش زر دوُد کارِ تکنِ لیّدرِ ژھٹھ پھیرٕے
لولس اندر تہِ چھا لوُت یٚزر میانۍ دِرٕے چھےٚ
ورِ ہندبہِ ژو سُر ہردٕ زُزرُ ژام ژٕلتھ گوم
دِم کامہٕ دِوٕ اکہ شامہٕ لُطف میانۍ دِرٕے چھےٚ
از دراہہِ ولیّسن ہتی ون وِنہِ کوٗت سنا مہٕنزٕ
کِنہٕ عاشقن دوُنۍ میوٗل شُھزر میانۍ دِرٕے چھےٚ
اطہرٔ نتہِ شہا جانٕۍ امارن سہٕ پتھر ترٛوو
بنہِ ادٕ ساتھاہ ییہِ سہٕ مژر میانۍ دِرٕے چھےٚ

---

[1] پوٗرٕ ناو چھُہ غلام محمد اطہرؔ ۔ تاگہٕ بل ترال چھُہ روزان ۔ کشمیر یونیورسٹی طرفہٕ کوٗر کھ جغرافیا منٛز پی ایچ ڈی ۔ از کل چھِ دِلہِ ہنٛزِ جامیہ ملیہ یونیورسٹی منٛز بحیثیت لیکچرار کام کران ۔

## آفاق عزیز



عاشن ارامہِ نیے منز    ڈدِ ون چھُ میانہِ باپتھ
موصوم زندگی منز    ڈدِ ون چھُ میانہِ باپتھ
ترساوِیس یہِ دُنیا    مُرِ زندگی چھےٚ تمُی سنز
جعفرِ تہِ یاسمن منز    ڈدِ ون چھُ میانہِ باپتھ
نظرن میٚہ پردِ تھاوِکھ    تمناہ مزارِ بڑی گیہِ
خابن خیالہِ نیے منز    ڈدِ ون چھُ میانہِ باپتھ
چانبن اِشارِ نیے پیٹھ    داوس میٚہ لوگ آدن
آرن تہِ مرگنیے منز    ڈدِ ون چھُ میانہِ باپتھ
پڑھ ڈڑھ میٚہ آستاتن    سندرن مُشدِ نیے پیٹھ
لوزا نمازِ نیے منز    ڈدِ ون چھُ میانہِ باپتھ
ییلہِ ییلہِ میٚہ وعدِ دتِنم    ڈنی تم بہانہِ تے فند
کیلن کلامہِ نیے منز    ڈدِ ون چھُ میانہِ باپتھ
ارمان میٚہ عمرِ روُدم    زانھہ سیوُد سہ کتھ میٚہ کرِ ہے
قسمن تہِ وعدِ نیے منز    ڈدِ ون چھُ میانہِ باپتھ
تھلہِ تھلہِ وچھان چھُ ساین    بازِ سے یہِ لیس خیالاہ
سبزارِ گلشتن منز    ڈدِ ون چھُ میانہِ باپتھ
آفاق چون مطلب    ترِ فکرِ رسول میرس
شام و سحارِ نیے منز    ڈدِ ون چھُ میانہِ باپتھ

## آفاق عزیز



میون تقدیر چانین اتھنے منز    چون تفسیر چانین کھتنے منز

ناوتس کیاہ نیتھ گوٚر ڈیکہ چونے    سالہ اینہ ہن شوقن نندبونے

زندگی چانٛی ڈیکہ چِھن رکھنے منز    چون تفسیر چانین کھتنے منز

شولہ ماران بمہ چھےٚ خوبصورت    ٹارہی مے کش وچھنس چھم نہ جوارتھ

ماہ عاشق کِنتی گیہ وتنے منز    چون تفسیر چانین کھتنے منز

مدمتہ نے اچھر والن منز    موٚت یاون چھہ چانین لالن منز

جادٕی برٕی برٕی آدن خطن نے منز    چون تفسیر چانین کھتنے منز

یہ چھے سیرت ساگر چونے روے    یہ چھہ مژھی لہن ارمانن ہند خوے

چھے آسان یہ کانژھاہ لیچھن نے منز    چون تفسیر چانین کھتنے منز

دل مہہ وِنی روح چانی غارت گر    دسٹھ اسہ وِنی مشکچ زلو ساگر

نِرآلوان زن ہرنہ گتہ نے منز    چون تفسیر چانین کھتنے منز

مژھی جارج اڈرن چھے ہیر لوٚن    اہربلہ کے آسچ چھے ملون

موٚت آفاق گومت چھہ گوتہ نے منز

چون تفسیر چانین کھتنے منز



## آفاق عزیز



خراب بہ کرٔتھس میٚہ کیازِ تھاوُ ژٕ یہٕ ستی محبت ژٕ یہٕ ستی محبت
ژٕ یہٕ چھے حفاظت ہتن میٚہ زاگان ژٕ یہٕ میاگیٚ نفرت میٚہ چون الفت
نہ چھس قبلک نہ چھس نکن ہنٛد نہ راضی کانٛژھاہ میٚہ گوٚ وٕنیکتام
ژٕ یہٕ روٗس سرٕخم کوٚرم نہٕ کانٛسے غولام بہ چوٗنے ژٕ آغہٕ میونے
دٕہ میٚد روزم میٚہ لَس دوٚہ چانی کتھن چانین چھے وٕنہٕ تفاوت
خراب بہ کرٔتھس میٚہ کیازِ تھاوُ ژٕ یہٕ ستی محبت ژٕ یہٕ ستی محبت
لُس یہ وٕنہٕ تہٕ دنان گژھی تن کرُن یہ ژٕ یہٕ تہٕ میٚہ کران روزد
ڈرُن چھُ ماجان مرن چھُ بہتر طوفان ژالُن کرن نہٕ سرخم
دوہ کتھ چھُ کھوژُن میٚہ کیاہ چھُ باقے ڈلُن نہٕ وعدس سوٗ گیہٕ حماقت
خراب بہ کرٔتھس میٚہ کیازِ تھاوُ ژٕ یہٕ ستی محبت ژٕ یہٕ ستی محبت
دِوان روزِن میٚہ پامہٕ دشُمن گلان بہ روزِس امارِ چانے
بہ دادِ اندرِم کھٕٹمس دوہ بادٕ سے یہ سینہٕ زخمی ژٕ یہٕ کرِ بہ ہاوِ
ژٕ یہٕ پانہٕ مولوم گژھی صداقت بنٛتھ میٚہ آمُت ژٕ یہٕ چھے عداوت
خراب بہ کرٔتھس میٚہ کیازِ تھاوُ ژٕ یہٕ ستی محبت ژٕ یہٕ ستی محبت
بہ تھوٕ وِتھس خوش دوہ سے کتھو ستی اتھو ژٕ یہٕ ماز انٛہہ کوٚرتھ وٕنیکتام
وُوہ کرتیارِ وقت ژٕ یہٕ دوٚتے ژٕ یہٕ موقہٕ آوٕ سے جواب دِنس

ژون ہتھس ہیتھ ژینہ کیاہ کرُن چھے تھوُن ژوڈے یہ چھینہٕ طریقت
خراب بہ کرٔتھس میٚنہ کیازِ تھالُوژِ ینہ ہستی محبت ژینہ ہستی محبت
عزت قبیلکُ مینہ راوِ روزوم مینہ نہٕ تھوُم ولقار چونے
مینہ لوٚرنہٕ پروا قبیلہٕ کرانیکُ ژینہ ہستی اوسم مینہ وعدٕ گوٚرمنت
بر ہیان چھُ دِل آفاق عزیزس ژینہ چھےٚ نہٕ کانہہ غم تمٔس قیامت
خراب بہ کرٔتھس میٚنہ کیازِ تھالوژینہ ہستی محبت ژینہ ہستی محبت

آفاق عزیز



یاد پیٚہ تنٔے یارٕ گوٚرمنٹ وعدٕ تے
زیادٕ محبتھ چھےٚ کران بربادٕ تے
کتھِ پیٹھن اٚکھ کران میانی دٕری
ؠی کران گیہٕ بے اثر فریاد تے
یاولس مِیالس گوٚرتھ نیلام ژینے
شراد نہٕ دوہ از پیوان چھم یادِ تے
میانٕز دٕری ہاوان ژینہ اکھ دٔالنہہ گیئ
پنٕنچ دٕری ہاوسہہ میٚہ ہاسہہ گوٚ بے دادِ تے
مُدرِ زِلوٕ وُنٕز وُنٕزِ تھوٚکس سٔنگین دِلس
زانہہ لنہہ بوزان سُہ چھُم روداد تے
وٕنٕز دِوان آفاق عزیز چانہن وتن
سٔنٕز ووٕنٕز ژھاران مٚیہ لوٚسِم پادِ تے

## آفاق عزیز

وچھان ژھایہ ننے یس میٚہ اوس وارٕ وارے
بہ کوٚرنس تمیٚ دلبرن از اوارے

کرٕم زاکی ہارے میٚہ تمیٚ یاد نکیٚ دوٚہ
ہران ژالہِ اَدٕش چھس دِل چھُم وُجارے

میٚہ دلکِس سکوٗنس سۄ لوٗٹھاہ کرٕتھ گوٚم
بہ وَدِنا میٚہ زخمن گمٕتی چھِم انبارے

دِنم پامہٕ لکھ ماتتے وٕنیہہ بہ کھیمہٕ ہا
ہُرد قسمتس چھُم میٚہ لوٗ نے بہارے

سیٹھاہ آسہِ دوٗرٕ پیوٚمت پکھ ژٕ پالیس
کتھن چانہِ ننے کُس کرِ اعتبارے

میٚہ اوٚش ٹکہٕ لیوان چھِم بہ دمہٕ جامنے چاک
مژرٕ چانہِ لولکُ بہ کوتاہ دوٚن پیارے

لگان چھُم نہٕ انتھٕ کھوٚر میٚہ کُنہِ ژٕ نیٚ ورایی
ژٕ نیٚہ روٗ سنے یرٕ زندگی بہ کیتھٕ کُنی گذارے

بہ نرورِ دِوان چھُس وتن چانہِ نے دُعی
ژٕ درگاہ میٚہ پیاران شام و سحارے

ژٕ چھُکھ میون آفاق بہ چھس چانی محفوظ
خطن منٕر دوہے سوزِی تھمَ اشتہارے

## برجناتھ بیتاب [1]



کرَن یِم خاکہِ تیٚتھۍ تدبیر پانے
رنگن ہِندۍ پھیرۍ بَنن تصویر پانے
وُچھن۔ پیٚٹھ تسَ تیٚتھے کمجار ییہِ ہیے
نظر آٔسس بنان تفسیر پانے
قِتل کرنکۍ شۄہل انداز اوسُس
پرَان توبہ کرِان تفسیر پانے
زمانن دِژ اگر فرصتھ ژِبہٕ ہاوے
سوپَن آسن ونان تعبیر پانے
یِمن قہلتھ زمانن ہنز چھۍ سبھاگِس
تِمے لیکھن پنٕنۍ تقدیر پانے
ژٕ زن بے تابہٕ تھوکھ ناو ژوٗرے
ژٕبنہٕ کڈنے لوٗن پننۍ تحریر پانے

---

[1] برجناتھ بیتاب زَلو ۲۰، نومبر ۱۹۵۲ء کیٚتھ لوبہٕ پوٗرا اَکِس گوم اننت ناگس منز۔ سُہ چھُ دوردرشن تہٕ اکاش وانی منز بحیثیت نیوز ریڈر تہٕ نیوز ایڈیٹر تہٕ کام کران۔ بیتاب صٲبن کلام چھُ عوام پسند تہٕ لُکہٕ سادی۔ اتھ کلامس منز چھے عام دگ تہٕ عام لے۔ لوکھ چھِ یتھِس کلامس سیٹھے لول بران۔ اوہند کلامہ چھُ موٗدد تہٕ میوٗٹھ۔ اتھ منز چھُ فراق تہٕ تہٕ کرکھ تہٕ لول نہٕ تہٕ دِل بہلاٚوی تہٕ۔

## بشیر دادا



دوہہٕ اکہِ میونُے مقبر سجاوکھ پانے پشتاوکھ
لولہِ منز میانی دگ للہٕ ناوکھ پانے پشتاوکھ
کفناہ ولنم ڈولے برنم کوچہِ چانہِ منز کڈنم
ادشی دسی دِ گئے دأرِ شرراوکھ پانے پشتاوکھ
پیرس میانس لرِ کھتہٕ ناوکھ نرِ ہیتھ میونے ناو
مجبوٗرِ بٕلیہِ گژھکھ سہٕ تہِ نہناوکھ پانے پشتاوکھ
قبرے میانے پوش بٕلیہِ چھکھ یاد ما پیمہٕ لو
خاکس میانس سو رباہ بناوکھ پانے پشتاوکھ
از یا لگاہ لولہٕ خطن منز میونے پیتھہ ژھارکھ
لیس اکھا دسمکھی تس انتھہِ پرناوکھ پانے پشتاوکھ
شنیچھ ہا بشیر ژ لکھ بٕلیہِ ترژہِ ھنے دچھتم تہٕ ونہٕ بکھ کباہ
وہ شاہ ترأوتھ زلو نندگلاوکھ پانے پشتاوکھ



## پریم ناتھ کول ارپن



خوش لوٗن نندٕ لوٗن وسیٚے میون دِلبر آونے
تھٲرتھٲر چھُم مےٚ ب شاید شرمےٚ دِلکےٚ دراونے
وادٕ کوٚرمُت یاد چھُسنا سادٕ کٲژاہ زاتھ نس
آدِ نے ادٕ کونہٕ تھاولوٗن میون دِل تمبراونے
گُل وُچھتھٕ بُلبُل چھِ توشان اکھ اَکِس روٗشتھٕ ونان
میانہٕ یارو چانہٕ حُسنک چھُم مےٚ گلزار چھاونے
عاشقن پاٚغام وصلُک آو ہیتھ لولُک بہار
ودنُے چھِ تِم سنگدِل تہٕ بے عار یارِ ہِم مُشراونے
ہے وُچھتھٕ بُلبُل تہٕ گلزار شولِہ ماران لولہٕ نار
نو بہارن تھوٚو مےٚ انتام روییہ گلفام ہاونے
ژھینہٕ ینہٕ گوٚمےٚ مدن وارِ تنہٕ ونان چھُس ولہٕ زار
سکتہٕ ہینہٕ ہنہٕ گومیٚہ اظہار تنہٕ تن ملہ ناونے
ہا لوٚمبورو چانہٕ بانتھ چھُس یمبرزل کھاسی ہیتھ
لالہٕ وِنتم ہیٚنے سوا کم پیالہٕ لولکی چاونے
ضایہٕ کرتھس ژھایہٕ روٗزتھ ہاسے مُشرتھ مامے میانٕ
تبلہٕ تہٕ پھیری ناژٕ ونتم ییلہٕ مےٚ مُشرتل ساونے

وقتہِ آخر راز دِلہٕ کٔی بُلبُلَن میٚے تھوٚد دُنِتھ
کیاہ ژرٕے کوٚرتھم دادو بیداد یاد سورُے پاوِنے
حسُن تھاہ یمبرزلو وچھ میون دل گگرِ لالہٕ نے
وقتہِ فرصتھ پرٕژھی زِ تِمہٕنے حال میونے باوِنے
یاہٕ اکھ ارمان رُوٗدم عشقہٕ پیچالسَ وٚنم
لُوٗزِ تھے رزِ پان کھولن آوزن البا وِنے
رُوٗ ٹھمت چھُم ژٕے مٚے یمی سنٕز آتش آسم وآنسہٕ ہنز
پرٕتمیہٕ دِتم کس ژٕ رُوٗ ٹھکھ وٚنز کمو منہٕ ناوِنے رت



---

رت ۔ یہ بٲتھ چھُ عام لُوٗکن منٛز سبٹھاہ مشہوٗر مگر اصلی شاعری چھُ عام لُوکو مُشرومٕت۔ ارِ پٕن
سنٛدِ ساری بٲتھ چھِ لکہٕ لیہ ہندِ رضا من تہٕ پٲروکار۔ (ترتیب کار۔ ڈاکٹر آفاق عزیز)

لہ پریم ناتھ کول چھُس ناو تہٕ ارِ پٕن چھُس تخلص۔ یہ زاد سنہ ۱۹۱۹ء منٛز لوگام یارِ پوٗر کولگامہٕ
تہٕ مُتھی جونمہِ سپد سنہ ۱۹۹۷ء منٛز سورگواس۔ ارِ پٕن سنٛد اکھ نیچو ادم کار ناتھ کول چھُ ونہٕ کِن
ڈائرکٹر CIIL میسور۔ تہٕ بیاکھ یانے ڈاکٹر روپ کرشن چھُ کاشر ترقی بوٗرڈ گ
دلی ہند سکریٹری۔ ارِ پٕن سنٛز شاعری چھے آدن یاد پیوم" ناوچ کتابہٕ منٛز سنہ ۱۹۸۱ء منٛز
چھپے مژ۔ ارِ پٕن سنٛد اکھ مشہور بٲتھ خوش لیوٗن ندٕ لوٗن ولسہِ ہے چھُ سیدٕ ملو کشمیرِن رسول
میرُنس ناوس تحت مشہوٗر کورمٕت۔ محمد یوسف ٹینگ صاب بن تہٕ چھُ یہ بٲتھ کلیاتِ
رسول میرس منٛز شاملِ کوٗرمُت۔ تاہم چھِ کلیاتس منٛز کل شبہ بند شاملِ بیلہٕ زن ارِ پٕن سنٛد
یہ بٲتھ بہن بندن پیٹھ مشتمل چھُ۔ (ترتیب کار۔ ڈاکٹر آفاق عزیز)



کمن دِلبرن کیاہ بنن چانہِ ویرے
گرٛھان سوٗر سیمین تنن چانہِ ویرے

ژٕ لالہٕ بہتھ شاد خورم بہ گلشن
چھُ مجنون پھیران وَنن چانہِ ویرے

ژٕ شیرین مشتاق گژھٕ پانٕ پانَس
چھُ فرہاد سَنگر کھنن چانہِ ویرے

بران تھوٗنہِ دل پیالہٕ نِے چانہِ باپتھ
چھِ لختےَ جِگر کیہنہ رَنن چانہِ ویرے

یَژھکھ لوٚدٕ ژٕ زوٗ عاشقن ہنٛدِ دِنےٚ نا
انھَن کیتھ پننی سر انن چانہِ ویرے

شہوَنزٕ او شاہی پرٛاوِکھ گدا یی
سمندر وہین منز جوین چانہِ ویرے

پھولان در چمن گل تلان شور بُلبُل
چھِ گُل ہردِ بردٕ نِٹھے چھون چانہِ ویرے

ووٚلو ژٕ سُمٕ کرِلس انان عار چھکھ کَنس
غزل چانہِ فقط تَس سنن چانہِ ویرے

## جانباز کشتواڑی



زمانے پوٗک نۂ ہمدم تونۂ کیا گو
نمِس گئۂ زلف برہم توتہِ کیا گو

گژھی نےَ صاف دِل دِتہٕ لافِ ساسا
نٹھو چیتہٕ آبِ زم زم توتہِ کیا گو

اگرِ نے جذبہٕ یےَ ایثار آسِی
دوہس پرتہٕ اسمِ اعظم توتہِ کیا گو

مُبارکَ زاہدا جنت ژیۂ آسِن
متہٕ ستھاوِن مینۂ جہنم تونہِ کیا گو

لیکھتھِ ابلیس ہسے ازلَے چھےٗ لعنت
کوٗرن بدنام آدم توتہِ کیا گو

بہ شرطس پیٹھ غزل ازلو زناوے
ژٕنےَ سازَس میٔہ دِکھ بم تو کیا گو

نظرِ اسرارٕ سنز چھےٗ جانبازَس
ژٕنے روز کھ میٔہ ہمدم تونہِ کیا گو



---

۵۔ کشتوارس منز شاہ اسرار صاحبنس زیارتس کُن اشارہ۔



کھنجہِ گیہِ جگرس مئیہ دِگرس ماہتابا یاد پیوم
ڈنجہِ دِل رٗوُدم نہٕ کسٕ گگہِ آفتابا یاد پیوم

وُچھ بروبے قبلہِ رٗوزتھ چھُس کران کعبکُ قسم
زنتہٕ ییٚڑ کالکُ مشتھ گومُت شرابا یاد پیوم

یاد پیوٚو پرنیتھ کاٗلنسِ سُلہِ یاٰژری لوٚدوے یاد پیوٚو
چاٗنی دِرہٕ بے ییٚڑ کالہٕ کیٚ اکھ لوٗسٹھ خابا یاد پیوم

مئیہ تہٕ کرٗلوو از جگرٕ ہٕ تہِ دِمہٕ ہا اکےٚ سجدا مگر
اتھ ثوابسَ کُن وُچھتھِ بدلہٕ ثوابا یاد پیوم

جانبازو ییلہِ مئیہ پُرٕ مجنونہٕ سنز عشقنز بیاض
وَہی پنُن دلوانہٕ دِل خانا خرابا یاد پیوم[1]



---

[1]. دل مُہ ون تہٕ لیُہ انُن وُدل باسنہ چھُ یہ ۔

## جانباز کشتواڑیؔ [1]



گژھتہٕ وٲلۍ ڈٲلۍ واو ہیاٚ اَلس ماہ جبینس ون سلام
دِل پریشان چھُم گومت شاہِ ہے مہ جبینس ون سلام
بُلبُلا یِمہٕ ساتہٕ واتکھ تتھ حسین چمنس اندر
نرگسس تے سومبلس بیٚیہِ یاسمینس ون سلام
ہی تہٕ بیٚیہ مسول تہٕ آسِس ناز برداری کران
راز تھٲوِتھ رازِ ہے منز نازنینس وَن سلام
چشمہٕ چھےٚ بادام تَس روخسار زن پھولہٕ وُن گولاب
اُلفہٕ قد چھُس چھس ستھاوِتھ باریک بینس وَن سلام
یِتھنہٕ راوکھ پوشہِ چمنس منز تہٕ تھاوکھ پام ہیٚے
ہوش ڈالان تیٚس حسینن تس حسینس وَن سلام
گلگ گنڈِتھ لعد از سلام وٲنزلیس اَژنہٕ مشراوِہس
جانبازنہٕ طرفہٕ دلکس دِل نشینس ون سلام

---

[1] بیٚیندلوپرٕ نادوس غلام نبی جانباز۔ جانباز اُسی بجتینہٕ شاعر وۅستادان بٕیم اُسی یا نہٕ گیوان۔ تمیہِ دژ اُسی وۅستادان غلام نبی ڈول دال۔ ڈول وال چھُہ کشتوارُک اکھ گام۔ یتہٕ یم یانہٕ روزان اُسی۔ جانباز زاو ۱۹۲۵ء یس منز تہٕ گژھ ریوٗ ۱۹۹۰ء کیٛتُس۔ بہندِ کلامہٕ چھیٚہ لوپرٕ ریاستس منز مقبول۔ چلندلوپرٕ نادِ لس منز اوس یمن جان کرمال تھاصل۔

## جانباز کشتواری



نظر چاۓ روزِن میٹے کُن بامہ روزِن
ژیٚہ کُن روزِ سرمیون خمَ ٹاسٹھِ یارو
اکُے دِل میٚر اوسُم سُہ کوٚرمَے حوالے
میٚہ کیا اوس بییہِ تی ژیٚے نش ژوٗرِ ستھووُم
ژِ بے وابہ پاٹھن میٚے کُن کرتہٕ نظراہ
ژیٚے چھُے ٹلِۍ لگُن ہنٛدٕ وہم ٹاسٹھِ یارو
ژِ چھُکھ بانبرلۄ مُت خبر کور لاران
بیہ ماچھے خبر خون ماکاٛہہ چھُہ ہاران
بہ ژھاین تہٕ گراین ہنٛن زوٗژیٚے وندہے
ذرا تراوٗ سوٚت سوٚت قدم ٹاسٹھِ یارو
اتھس میانہِ ہے مٔنز ہنٛن اتھہٕ ژیٚے تھووتھ
ژِ کر یاد تمہِ وزِ گواہ کس ژیٚے تھووتھ
بہ نے دلبرو تتہٕ مقابلہٕ ژیٚے روزَے
وُچھی کس ژیٚے یم مانزِ ہمَ ٹاسٹھِ یارو
سُہ اوس دٔیے گوٚمت ژیٚہ یتھ حُسن ڈیٚت نے
بہ تاریف کرٕ ہے تہِ کتہٕ روٗد ممکن

یِمَے ماہرٕ پیچان ستہٕ ابرو بناوتھ
پھٹر آوِتھ ژھنن ادٕ قلم ٹاٹھِ یارو

بہٕ چھس جگر کرٕی کرٕی رچھان چون دل از
مے کُس دردِلا وُچھِ دِیچھ بے قرآری
اگر پڑھ لیوان چھُسے نہٕ پنُنو اُچھو وُچھ
مے چھِی تازٕ جگرس زخم ٹاٹھِ یارو

یہٕ رٕ وُچھی خونہٕ جگرکِی بہٕ چھس ژآنگر زالان
بہٕ چھس مشکلو پان پنُنٕ نے سنبالان
خطاہ چون ساتہٕ حسن میون ٹالن
چھُہ کیاہ امہِ لُشن لُوڈ ستم ٹاٹھِ یارو

نوُوے از وُچھان چھس بہٕ اندازٕ چونے
خبر کور کُن از چھُہ پرواز چونے
وُلو لوز نتہٕ ضایہٕ گژھہ ساز میونے
ژبہٕ چھُسے جانبازن قسم ٹاٹھِ یارو[1]



---

[1] یہٕ بیاتھ چھُہ کھہن، کھلن تہٕ دان ڈلن منز گیونہ علاوہ محفلن منز تہٕ گیونہٕ یوان۔ موسیقی ہند بکھرِ کینی چھُہ یہ پورِ کشیر منز مشہور۔
(ترتیب کار ڈاکٹر آفاق عزیز)

## جانباز کشتواڑی



عشقِ چھُم ابتدا عشقِ چھُم انتہا     عشق میونُے امام اُخری آخری

ؤلی وڈلو چانہِ کنہِ چانی درِ ے برزبان     ناد چھُوتے مینہ آم آخری اُخری

تو یہ کرِ وِنی لگاہ پتہِ لنہہ چھمہِ بہ زانہہ     مَے کُشتی ہندِ بروسہِ لنہہ کرِ بہ زانہہ

تو یہ بروِ نِھٹے رژھاہ چھُے قسم ساقیا     چاوِ زہم اکھ زِ دام آخری اُخری

محفلِک رنگ وچھِتھ لوِ دیدِ لنے مینہ پتوِد     لوُت بدلنتھ نہِ اَخرِ سنبلُنے مینہ پیوِو

قاصداہ وُلی زِ گژھ چھُے قسم ذاتہِ سُند     میون ونتس پیام آخری اُخری

آب پرنے اَزیک تام سورم مگر     کیتھنہ نہِ ترآوِتھ مینہ کوُت چیوِ خونے جگر

اکھ رژھاہ یاد کر چھینے زینہ سَارِ ے خبر     دوِ ذِی چھِھ چھُونے نظام آخری اُخری

ییہ نہتھ اُکسِ دِتھ کنن منز یہِ آواز گو     حسرتھِے ہِتھ دِلس منز یہِ جانباز گو

دوِ ذِی یہِ دُنیا مبارک تو ہی آسہِ تِن

میانی لوُزِ زو سلام آخری آخری



جانباز کشتواڑی



کتھ پیٹھ خراب کوٚرتھس اتھ کتھ جواب دِکھنا
حسرتھ میٚہ وُنہٕ چھہٕ دا راہ واپس شباب دِکھنا
چیتس نتہٕ تہٕ نارِ پانس پتہٕ کھار راہ زمانس
بیٚلہٕ یکھہٕ ژرِ مقابل قطرن حساب دِکھنا
محشر چھےٚ ژھاے چانی نتہٕ دوٗرہٕ گراے چانی
مولس خوداچھ حافظِ ردیس نقاب دِکھنا
کتھ کرٕ میٚہ خوشنوائی تیٚلہِ مانہٕ ہا خدائی
یتھ میانہِ دل بجائی مجرا ثواب دِکھنا
دولہٕ عشقہٕ سوز باوے غزلاہ ژیٚے لوزہٕ ناوے
تُلا یارہٕ جانبازس بروٚنہہ کنؠ رباب دِکھنا



## جانباز کشتواڑی



میہ ہیوٗ تہٕ محمود آسہٕ ہے کاتھہ　　ژٕ یہ ہیوٗ تہٕ گوٗژھہ کاتھہ ایاز آسُن

ژٕ یہ بر دنٹھٕ کنہٕ گوٗژھہ لگار دوہرِش　　یہٕ میانہٕ لولکُ ساز آسُن

نہ روزِ قائیم شباب چونُے　　نہ روزِ دائیم رباب میونے

چھُہ یتیرٕ شہُل تہٕ چھُہ تاف آسن　　یہٕ گوٚ نشیب دِ فراز آسُن

دِلے چھُہ مشکِل رژھُن دِلسن منز　　میٚیے روٚچھہ یہٕ دل پانہٕ مشکلِن منز

میہ نٚش عبادتھ چھےٚ دِلنوازی　　چھہٕ اُتھہٕ دنان دِلنواز آسُن

میٚہ چھُنہٕ تران فکرِ واز حانا　　برابری زن ژٕ کتھہ ونان چھُکھ

یٚتیٚن مساوات اوس لازِم　　یٚتیٚن شُبیا امتیاز آسُن

فرق چھےٚ کیا زاہدس تہٕ رندس　　میٚہ نٚش ندامتھ ژٕ یہ نٚش عبادتھ

میٚیے کنٛ ونٛھتھ گژھہ میہ حارتن منز　　یہٕ گوٚ تسُند بے نیاز آسُن

میٚہ چھُم تمنا یہٕ نار عشقُن　　یہٕ گوٚژھہ لگُن دوٚن دِلن برابر

یہٕ جانبازی ژٕ یٚیے فکر ترہی
چھُہ کتھہ ونان جانباز آسُن



## حبہٕ خوتون



روزِہ نےَ یاوُن بوز بٲلی ووٚلےَ ووٚلےَ [1]
تاوَن چھُہ دُنیا کٲلی یاوٕنَس گرٛژھان چھِلےَ
شامہٕ لٹہٕ درالیَس کامہ دِوٕہٕ تین بوٚہٕنین تلےَ
پامن بہ لاگِجی نَس ملٕہ وا گجی نَس ژھلےَ ژھلےَ
ہاسٕہٕ پوٚشو ہیٚزٕ دار مالہٕ حضرت بلےَ
دزٕ دزٕ ہمہٕ سنتین ملٕہ وژھہ کمر پیمبرٕ زلےَ
سوٚنہٕ لانکہِ یار گوم ناوٕ سٲلس آسہِ ماڈلےَ
لِشاطہٕ سپھرٕ تھ نٲلہٕ مٲر گوَ مُقابلےَ
ناوٕس بینہٕ مو وعلہٕ بہ تہِ ماڈلےَ ڈلےَ
لرزےَ موتینہٕ کٲلی طوطہٕ ماکلےَ کلےَ
دوٗپ حبہٕ خوتونہٕ دادی لدٕ چھس بلےَ بلےَ
ہرشبہٕ رأٔضی پانہٕ روزِم نبیؐ مور سلےَ



---

[1] . یہ بٲتھ چھُہ گیون والین لٕنشہٕ محفوظ ۔ تاہم چھُنہٕ کلیات حبہ خوتونہٕ منٛز درج لیوکھ
کٲمِل صابن ترتیب دِتمٕژ چھِنہ ۔

## حبہٕ خوتون



راہ بخشتم سأرۍ پروردگارو ژٕ ہیٚہ کہو واتہِ لو میانہِ مرنے

ہیٚنہٕ لو آلیس وٕہن کہو برٕ لو وٕنہٕ کٔے رنگ گوم خاصہٕ برٕے[1]

لولہِ سے تھوٚو تھمو للہٕ دٕن نارو ژٕ ہیٚہ کہو واتہِ لو میانہِ مرنے

لٔدۍ لٔدۍ دراہمو مالہِ کھچالو ژٕھراتھہٕ ساوٕنے مثر قبرے

ادٕ کونہٕ یٲرٕ ووتھ ہمو لو کیچارو ژٕ ہیٚہ کہو واتہِ لو میانہِ مرنے

ژٕچھہٕ تمٕۍ شٕخین کرٕۍ کیتھِ کارو نہ سہ کھوٕتہ تیرن نہ سہ تبرے

ادٕ لتسَ ناو پیو شیرِ جبارو ژٕ ہیٚہ کہو واتہِ لو میانہِ مرنے

سیپارٕ ترٕہ ہیرٕ پرٕنم اکہِ آلو پھیر لو کیہنہ گوم زیروزبرے

عشقن خط کانسہِ لوٚرنہٕ یکبارو ژٕ ہیٚہ کہو واتہِ لو میانہِ مرنے

نب چھم بدلتس حبہ خوتونے ادٕ لو آہم زانہہ تہٕ خبرے

تٕلہ یکھاہ ییٚلہِ تراٚوتم اند مزارو

ژٕ ہیٚہ کہو واتہِ لو میانہِ مرنے



---

[1] برٕے لفظ چھ کأمل صأبن لیوٚکھمت۔ تاہم چھ صحی لفظ برٕے۔ وٕنہٕ تہٕ بر چھیہ اکے قدٕ نہٕ اکے رنگہٕ۔ وٕن گو بر کٕل چھ گٕنشوٕ ہیٚن آسان۔ تاہم چھ بر کلس برِ ببول نیران تہٕ وٕنہس چھ چاردأین تراوان۔

## حاتی کھار[1]



پوشہِ شہرِن منز بہار آمے — یار کوتے آمے لُتّے ییے
چھِم لیکھتھ منے لانِ نامے — یار کونے آمے لُتّے ییے
دِآن باغس دآن کیاہ ووزلی — انتھہ کھور چھپِ مانز رنگہ متی
گام کزلے یم دوزلے جامے — یار کونے آمے لُتّے ییے
عشقہ شدرس کس چیے دامے — لاگ ڈنگل لال کھال لُتّے یمے
موے چاونس دامے دامے — یار کونے آمے لُتّے ییے
چشمہ چانے کیا پر خمارے — چھس لو روان چانے امارے
نالہ نراو ہا چانی جامے — یار کونے آمے لُتّے ییے
بالہ ہیتھ کے ہا بالہ یارو — بالہ وسان کرے نالہ متّے ییے

ونہ حاتی کھار ونہ نے آمے
یار کونے آمے لُتّے ییے



---

[1] حاتی کھار اوس وہاب کھارس مول۔ حاتی کھار زاو سنہ ۱۷۹۰ء منز کھروشار تہ سنہ ۱۸۶۰ء منز گذرِیو۔ یم رُودکر پیرن فقیرن ہندِس صحبتس منز گوڈ بیہتھ۔ یمو چھ وارِیاہ غزل تہ نظمہ تہ لیچھہ مژ۔ یمہ منز لنشہ موجود چھنے۔ مزید تفصیلاتو خاطرہ وچھو کلیات وہاب کھار۔
(ڈاکٹر آفاق عزیز)

حأتی کھار



دپوے مے بالہٕ یارس چانہٕ برتل پیاریلو
تمےٚ دوٚپنم پیارٕ وٕنہن تہٕ ستی چھس لو

مےٚ دوٚپمس کوت کالاہ پیارٕ برتل
تمےٚ دوٚپنم لوٚت کالاہ سپد کھ تہٕ اہل

مےٚ دوٚپمس کیتھ کأنی سپدٕ اہل
تمےٚ دوٚپنم نراو پننہٕ نے ژکھ تہٕ جہل

مےٚ دوٚپمس پیار وُن چھس آرٕ کوتے
تمےٚ دوٚپنم مےٚ چھہٕ دپان شلہٕ شوتے

مےٚ دوٚپمس وارٕ وچھتھ چھکھ تہٕ کتےَ
تمےٚ دوٚپنم بیتھہٕ پاٹھی اُس نہٕ کالسہٕ اَتھے

مےٚ دوٚپمس اد کیتھہٕ پاٹھی یکھہٕ ژاتھے
تمےٚ دوٚپنم وُنی دِوان گژھ عشقہٕ وتے

مےٚ دوٚپمس ساز عشقن کیتھ چھہٕ آسان
تمےٚ دوٚپنم رنگہٕ رنگہٕ چھس گل پھولان

مےٚ دوٚپمس سوز کیاہ اتھ عشقہٕ نارے
تمےٚ دوٚپنم لوزٕ وُنے موختہٕ ژارے[1]

---

[1] عکس قلمی نسخس منز چھ مانہٕ ژارے۔

میہ ڈوسمس زاگےَ پپٹھ ناگہ لیبے
تمۍ ڈونپم تمہِ گڑھتھ چھےٚ در دِ نیبے

میہ ڈوسمس کرکھ نا دوٗر میانۍ ہانکل
تمۍ ڈونپم کنۍ ہچ چھےٚ قلفس تل

میہ ڈوسمس امہِ قلفچ کیاہ چھہ ہونر
تمۍ ڈونپم کنۍ چھہ قلفس کلمہ ژےٚ پر

میہ ڈوسمس کلمہ کیا گو یا اللہ
تمۍ ڈونپم زان گٔس محمد رسول اللہ ؐ

میہ ڈوسمس امہِ کلمک چھم میہ یقین
تمۍ ڈونپم اٹھۍ پپٹھ روز مستقیم

میہ ڈوسمس یکہ دن روزِ یا یہِ نبدر[1]
تمۍ ڈونپم نبدرو پپٹھ چھےٚ ژمیے گنڈر

میہ ڈوسمس امہِ گنڈرک کیاہ چھہ حاصِل
تمۍ ڈونپم بنیہِ گنیژر ہاہ کوٚر ننتھ حاصِل

میہ ڈوسمس کعبہ تےٚ بتخانہ گو کیاہ
تمۍ ڈونپم چھس بہ وچھان کس کرِ کیاہ

یی بوزی بوزِ عقل میانۍ گیہِ گتس
ہیوٚ نصیحت حاٚتی کھار ونھاو ژیتس



---

[1] نبدر گیہِ دنھ ہوایی اڈ ؛ وڈر دنیا۔ لوح لنگر بیترِ۔

## حسن ڈرائیور[1]



ستم گار کیاہ کیاہ کوٗرم چانہِ باپتھ
دِلو لگہٕ گیلن زوٗرم چانہِ باپتھ

رُٹھم چون مذہب موٗکھم دین ایمان
لوٗرم رام رام صبحو شام چانہِ باپتھ

چھکتھ لوٗن زخمن کوٗڈم خونے جگر
شہ پیالن اندر مَس لوٗرم چانہِ باپتھ

بہ کھوٗژس نہٕ پامَن صبحن تہٕ شامن
توٗے روٗنہِ دامانہٕ جوٗرم چانہِ باپتھ

سوٗکتہِ نیٛہہ تہٕ نیٛندرِ شہ کتہِ دانہٕ آرام
یہِ کُس عشقہِ ژوراہ پھوٗرم چانہِ باپتھ

کوٗر تھ یام اتھہِ داس لوٗر نتھہ زہر الماس
میٛہ سے نیٛز جگرس توٗرم چانہِ باپتھ

وچھان آو ڈرائیور حسن لورِ انوار
شہ تصویر سینس موٗرم چانہِ باپتھ



---

[1] حاجی غلام حسن ڈرائیور زاو ۱۹۰۸ء ہس منز خانیار شیشہِ گر محلہ تہٕ ۱۹۸۰ء ہس منز سپد رحمت حق۔ یم چھِ لوہہ کدل لال بازرٕ دفن۔ یِتہِ یمو زندگی ہندی آخری دوہ گذارِ شمس الدین حیرت کاملی پاندان اوس یِہند مرشد۔ یمو لیچھ غزلہ، نظمہ، ڈراماتہٕ مثنوی تہٕ۔ ۱۹۹۱ء منز کرٕ حسن ڈرائیورنی کلیات ڈاکٹر آفاق عزیز تہٕ ڈاکٹر محفوظہ جی ترتیب دِتھ چھاپ۔

## حسن ڈرائیور



شرمندٕ ہو یارہ کرٕ ہتھ تیلہٕ اولے ژٕ برونٹھ ڈنزٕ ہے [1]

اورٕ آیہٕ ہم تہٕ لأیہٕ تھم تبر لوٚت پھیر تھ نظر دِتٕہ ہے

چانہٕ دادے پھیرس وٕنن مجنون گوٚ سے نا کنن

بہسہٕ لأکاہ ہنتھ چھپیہٕ سے چأنی سانہٕ آنگنی نظر دِتٕہ ہے

تیرِ باران دورِ لوٚیتھم جگرس ہو پارٕ گوٚر تھم

خوٗن میونے چھے ژیے پیشکش لالوا کھ زدام چھیہٕ ہے

سورمہٕ چشمے راحتہٕ جان لولہٕ عاشقن کتراوان

دادِ چانے گئیس بیمار زانہہ تہٕ بارو خبر ہیتٕر ہے

بمہٕ کمان تیرِ مژگان کھم کھم جسم گٕلم چھی گرٹھان

لرزٕ موتہٕ نے طوطہٕ چھی کلان مرن دفتن گرکھ دتٕہ ہے

حسن ڈرائیور آمت موآلِ یا رسول اللہ متہٕ کرتہٕ خالی

کِلہٕ شین سے چھے دپان پُل صراتس میٚنہٕ نار دِتٕہ ہے



[1] حسن ڈرائیورن اکثر کلامہ چھُ موٗدرتہٕ رسیل تاہم چھنہٕ یمہٕ غزلس منز زیادے رٕسیج لیے۔

(ترتیب کار: ڈاکٹر آفاق عزیز)

## دلسوز ٹنگ پوری[1]



غنیمت زان دم ہا یارِ اَمُخر  چھُ دنیا تاو نُن بازارِ آخر
مُسافر چھکھ مثالاہ چھُے یہِ دنیا  سفر گَژھی کَڈُن کرِکھ رفتار آخر
پنس گرژھہ لَنَس چھُ ماژھین تا قیامت  جمع سپدن سُٹھاہ انبار آخر
بلاشک پامُسٹھی یہِ دنیا بے وفا زان  چھُو نیوا تھ وِ گَڈِی سمسار آخر
یہِ وقتے نزع سپدی جان قابض  پرِکھ لاحول استغفار آخر
کُنے زِ ژان تراوِ نے بیلہِ اسے مُسافر  دَیکھ کوٹ گیٔہِ میٔہ تِم غمخار آخر
بُنتھہ آمت چھُ دلسوز س وُنتھہ گوَ  شُنتھہ کس گژھہِ یہِ میون گفتار آخر

غنیمت زان دم ہا یارِ اَمُخر
چھُ دنیا تاو نُن بازارِ اَمُخر



---

[1] غلام نبی دلسوز زاو ٹنگ پورِ ۱۹۱۹ء منز۔ جمہ سپد لولہ کچھ وائلسہِ منز ۱۹۲۵ء کیتُت رحمتہِ حق۔ شاعری علاوِ لیکھی تمہِ ڈراماتہ۔

دلسوز



ستم گارٕ چانہو اشارو بہ مورس
یمو حُسنہٕ کہو تاجدارو بہ مورس
ہُران چشمہٕ دُچھے بَران لولہٕ پیالے
چھران گوہرے آبدارو بہ مودس
صنوبر قدس کرٕ نظر یام نزاوم
سیاہ زلفہٕ کہو ظُلم گارو بہ مودس
ہوس گوم غالب ژٕ وُچھہِ منھ دُبارے
سُمتھ سارِوے پہرٕ دارو بہ مورس
اُژتھ دردِ باغس دِتم وُنی ژٕ پارِی
گُلے لالہٕ رویکۍ امارن بہ مورس
کھسِتھ پان ستھالیوم وُچھم یُتھنہٕ کانہہ اکھ
ژٕ ژٹتھ جونہٕ شیٖ جود گارو بہ مورس
زرو یے ندامت کران شِکو دلسوز
وَلو یارٕ چانہو خمارو بہ مورس



## دِلسوز



حُسنہٕ پٕرٕیے وَنہٕ وان درایہِ لولو — وَلے وِلّسی ییے عید ہے آیہِ لولو
دل مینہٕ نیوٗتھم یاوٕنہٕ گرایہِ لولو — وَلے وِلّسی ییے عید ہے آیہِ لولو
دردٕچ باغس چھِ لگمژ سپھلیاہ پوٗر — پردٕ أندری مینہٕ وُچھکھ سوٗ پیچ حوٗر
تو شِرِ بالہِ ییے پوشن ژھایہِ لولو — وَلے وِلّسی ییے عید ہے آیہِ لولو
خاصہٕ وردن پیٹھ نیرمی نیبر — بُتھ نہٕ للہٕ وَنٛ روزی اِدٕ سے شُر
پیتہٕ پھیری گژھکھ ماضایہِ لولو — وَلے وِلّسی ییے عید ہے آیہِ لولو
روشہِ مژٕ چھکھ بنیہٕ نِس تقدیرس — گیٖہ محرم سٲری اتھ سیرس
شادیانہٕ چھے از ہر شایہِ لولو — وَلے وِلّسی ییے عید ہے آیہِ لولو
دم غنیمت زانُن گژھِ دِلسوزَ — غم تہٕ فکرِ سے نرآوتھ خوش بہ خوش روز

دردٕ گلؐ چھاو بے پروایہِ لولو
وَلے وِلّسی ییے عید ہے آیہِ لولو



## دلسوز



روشہِ ووہلو ہالوشہِ ہٲر لو    بال پرارے پرارے ووہلو
دوس دارے آدنہٕ کہ یارے    دوہ ٔتارے ٔتارے ووہلو
نازنین چھکھ نازکھ بدن[1]    گوکھ نیرتھ منز سرحدن
دردِ چانے چھس لووِدن    اڈش ہارے ہارے ووہلو
جوگہِ ژ بیے ہتھ جوگنہِ ٔبنتھ    ہٕ تہِ نیرے ژٲٹھاہ ڈٕلتھ
شُری پانے سؤراہ ٔملتھِ    ہیتھ لارے لارے ووہلو
ناز رولیہِ ہادن ہیمیٔ    تانٕہ بارانٕہ ٔملی لو ہیمیٔ
ہٹہِ کٔے رتھ قوربانٕہ دِمے    مٹہِ کھارے کھارے ووہلو
یارٕ دٲدی کرٕنم ریزن    رژہِ خونہٕ رژہِ ریہہ چھم مینہ تیزن
لولہٕ زخمن تے دردٕ تیزن    سینہٕ دارے دارے ووہلو
میانہِ متیو احوال ونےٚ    تقدیرن دٲجم وٕنے
لوٹھ دردِل گوٚزنم ترہنےٚ    گوس مارے مارے ووہلو
یارٕ دوٚدے زالان بدن    زانہِ دل سوزلیٚ رووآدن[2]
دودللہٕ وٚن رٕوٚد دٲدیلدن    گوکھ پارے پارے ووہلو

---

[1] اکثر کتابن منز چھُ نازکھ بدن بدلہٕ نازکبدن لیکھتھ، یہ زن صحی چھُنہٕ۔

[2] باقے کتابن منز چھ یم شار گرائمر لحاظہٕ بیٚنہٕ والیہِ زمانس ہیتھ دالیتھ کرٕنتھ حالانکہ تہِ چھُ غلط۔

## دیناناتھ نادم [1]



وۄتھی باغچہٕ گُلی کوکو کرٕہی کرٕہی جل تہٕ قُمرِ مَنیہٕ ناوِ نے
وۄچھی سونتکہٕ واوکھ ہُو ہُو آمُت باغہٕ نوبُرو ز ناوِ نے
گاہ لوٚگ گٹہِ ستی مٔتی کرٕ نے شبنم لوٚگ باغس گھتی برٕ نے
مینہ چھُ یاسان شاید اَڈ برس تلَ وُزٕ مل لٔج مس میٔراوِ نے
پاٹی مستس عطر تہٕ پھلی لیم ٹلتھِ رۄہ پۄ سنبزِ تنہٕ سوٚنہ سند جامہٕ وٚلتھِ
کمہِ تیتھہٕ سال نوٚنہ ریہہ آمُت چھُے نوٚو جود گلشن تھکہٕ ناوِ نے
کوہہ ہیٹھی پاں ژادرِ ہیچہ کرٕتھ روٗنہٕ دامانس چھوٚنہِ موکھتہٕ کرٕتھ
بوٚت ژوٗنہِ ڈٕتھتھِ ڈٔلہ پلنے پیٹھ آمٕژ موٚت یادن چھاوِ نے
یمبرزلنے کلہٕ نومرٕ آوِتھ دادن ژھٕہن شبنم چھکراوِتھ
مالنہِ شیٚچھ بوٗزتھ مہرینز زن داٗرِو گرٕ ہیچ اوٚش تراوِ نے
نوٚو لوٚش چھُ کھوٗتمُت پوشہِ تھرٕ ین باوٕٹ گلہٕ نے تےٚ بنگرِ زرین
دۄ ہینے ہند دۄدِ شُر پینہٕ لوٚنہٕ کھوٗنہِ سھیرِ وتھہ لٔج ہاوِ نے
انگ دٔیت کھوٗنگی جامن آرِولن رنگ سھیرٕ گلہِ لوٚرلوٚشندِ جہِ ڈٔلن
موصوم لالن سیٚندِ نالن پیٹھ آمٕژ مسول اَسہٕ ناوِ نے

---

[1]. دیناناتھ نادم زاو ۱۹۱۶ء مٕنز شیشہٕ یار سرینگر ۔ ۷ اپریل ۱۹۸۸ء گوو سورگواس ۔
[2]. بُن ہندِ اکہ ٹہرِ ڈیکھ ناد ۔

اَمنگ پاغاماہ ہیتھ فطرتھ آمژ گلٕ واو تہٕ شبنم ہیتھ
افسوس فقط انسانٕنے لیوت آدناو پنٕن منٛدٕ چھاوٕ نے
مزدورس لوٗرس ژوٗر کرٕتھ زردار پننٕ داماہ بٔرتھ
سرِ بازرٕ پھیران ناز کرٕتھ آدمی مازس موٗلٕ ناوٕ نے
رتہٕ قطرن ساہن بتہٕ کٔنی کٔنی غلہٕ دارو دبہٕ گیتھ مارتھ ژھنی
بیٹھٕ دراستی ہھقرٕ نے غاز ئلتھ استانن دَشہٕ مژراوٕ نے
ہلمن کیتھ ہیٔنے ہیٔنے موہرٕ تہٕ زر دُنہٕ پھیران فرہنگی بآزیگر
سوہٕ شنیز ہھکرِ ہیتھ دِلنٕے تل آمتی اَسہٕ بیٔیہٕ ژھلراوٕ نے
وولٕ زیرٕ دِموٗ از طوفانس مظلومس بیکس انسانس
آلہِ تو درنتھ چھلِہ چھلِہ گرٕٹھِ عالم یٔلہِ وزلہٕ ین شیچھ باوٕ نے
نوٗو سونتھ جومہوٗرک دِتھ تاجاہ درامت زٕ جِمنس نوٗو تاجاہ
اَندرِم ذرٕ ذرٕ ہیتھ از نادم آمت بزرس وُزٕ ناوٕ نے
ووٕتھی باغچٕ گُلی کوکو کرٕہی کرٕہی جل تہٕ قمیر منہٕ ناوٕ نے



## دلدار[1]



ژیٚنے سَے ژٔری دل کرٕنٕ میٚہ ستی کتھ میٚہ تو تہٕ چۄنے امار ہا یارو
اگر ژٕ ستھاؤ ہم ہٕٹس پٔھن لٔنتھ بہ لو کرَے زامنہ لکار ہا یارو
ژٕبٔنے فکرِ ژٔری نے یامہ ژٔری نے میٚہ ملے چاۄنی ژیٚنے آسے ہُرنے
میٚہ چھیٚم نہٕ طاقت بہٕ ژالہٕ کوتاہ یہٕ دورِ رکُ چۄن ازار ہا یارو
ژٕ تیٚتھ کر کھہٕ تیتھ کرَے نہٕ ہرگز میٚہ لۆد مزارس اُژن تہٕ آسم
مٔرتھ تہٕ سورسم نہٕ یہٕ چۄن محبت کرَے بہٕ زوجان لنثار ہا یارو
ژیٚنے سونتھ کالکٕ بہار آمت منٚہ لوپشہٕ باغس زَزرچھ ژامت
میٚہ زندگی ہنٕز ترآومژ ہٕسےٚ سنتھ بہٕ زۆدِ لِس پیٚتھ تیار ہا یارو
میٚہ چانہٕ باپتھ قبیلہٕ ترووُم بہٕ کرانہٕ درالیس میٚہ لانہٕ اوسُم
میٚہ مرنہٕ برونٹھے وۄچھم قیامت ژیٚنے ہرنہٕ چشمن خمار ہا یارو
میٚہ غم چھِ چۄنے دوہس تہٕ راتس میٚہ ژیٚے اندر دلدارٕ دل چھُم
میٚہ کتھ لکار چھُیم یہٕ مالہٕ دولتھ میٚہ لس لکار چۄن دیدار ہا یارو



---

[1] . دلدارن یہ باتھ چھہ ریڈیو میٹھہ گیونہ آمت . یہ چھہ کاشرِ بٕنزِ سٹھاہ مقبول .

## رحیم صاحبہ سوپورِی[۱]



اسے آدنکہِ مدلو پادَن پمپے دماہ بیٚہہ

دادِ چانہِ چھس ودآلو اوٚش چھس ہران دماہ بیٚہہ

اوٚسس یہِ یارچونے وفا کوٚرتھ نہٕ میونے

دُنہِ چھے ایل ودنے پتہٕ پھیری دماہ بیٚہہ

موت گوس لوٚبہِ لباَلبس مس گوس گردِ آلبس

لےکرکنتُ ترالبس عذالبس اندر دماہ بیٚہہ

عذاباہ گوہڈُ ژٕ سرکر چھکھے زنٕدٕ زندَسے مرَ

اُتی گارتن شُہ رہبر ینٕو راوکھ دماہ بیٚہہ

یسے پیرکوٚت ژٕ واتکھ وَتہٕ وتہِ ماژٕ راوکھ

ژٕ سے سرگالنہِ لنشہِ تراوکھ یکھ برٕ دُشہہ کنُ دماہ بیٚہہ

رحم صاحب چھے ان برِ ینٕہ نے یان ژٕ ہرکر

خُدی ہنا تراو بیتھ سر بنکھ افسر دماہ بیٚہہ



---

[۱] ۔ رحیم صاحب زاد تلوآنیِ محلہِ سوپورِ سنہٕ اوس ۱۷۷۵ء رحیم صاحب گذرِلیوٚ سنہٕ ۱۸۵۰ء کیٚنت ۔ تم چھہِ دفن تہٕ سوپورے ۔ تم چھہِ صوفی شاعری ہندی یہٕ دُپی زِتہٕ اکھ اہم پھچھان ۔

## رٔشیٖ اسمال[1]



چھوکھ لۄہے دِتم بلغار وٕلسی یے
دار خامی روُدم لوکچار وٕلسی یے
زرِ کوتاہ جگرس چھم آزار
لاگتم طبیب چھس بیمار وٕلسی یے
یہ چھےٚ دنیا بزم تے بازیگار
مۄلہٕ تکے دراو گلُ تہٕ خار وٕلسی یے
منز گلہٕ نے شوبہ ناگلہٕ انار
وِلہٕ بوزتم یتم درکار وٕلسی یے
اندرٕ وزان چھم میٚنے سوز سلطان
دٕمہ دَمے گوم اضطراب وٕلسی یے
موٚت منصوٗر عشقن کھول بر دار
کوٚر سہٕ زاہد وکنہٕ بمبار وٕلسی یے
عشقہٕ ژوٗرن نیوٗنم صبر و قرار
بے رنگس کیتھ چھےٚ انہار وٕلسی یے
منز مدہنس شوبان سون سردار

سوکھہٕ مو کھے پیوم کس بار وٕلسی یے[2]
چھوکھ لۄہے دِتم بلغار وٕلسی یے
ساتہٕ ساتے کیازِ لوگتھ بے عار
چھوکھ لۄہے دِتم بلغار وٕلسی یے
کیاہ وفا گوَ کس یا بیی درکار
چھوکھ لۄہے دِتم بلغار وٕلسی یے
تمیٚ نیوٗنم دِل تے دِلہٕ کے قرار
چھوکھ لۄہے دِتم بلغار وٕلسی یے
کیا چھےٚ بم تے کس گو شاہہٕ شاہان
چھوکھ لۄہے دِتم بلغار وٕلسی یے
نارٕ منز سے لوٗراہ گوس اظہار
چھوکھ لۄہے دِتم بلغار وٕلسی یے
رنگہٕ رنگے رنگ میہٕ گیٚم اظہار
چھوکھ لۄہے دِتم بلغار وٕلسی یے
رٔشیٖ اسمال دٕمہ دٕمہ توٗری کُن لار

دم ترآو دِتھ کوٚرم دیدار وٕلسی یے
چھوکھ لۄہے دِتم بلغار وٕلسی یے

---

[1] ۔ رٔشیٖ اسمال زاو ۱۸۵۲ہ منز لیتہٕ پور پانپر ۔ تہٕ رحمت حق سپد ۱۸۸۸ہ منز ۔ رٔشیٖ اسمال اوس پننی باتھ پانے گیوان ۔ سہ اوس تھوڑ و کھتہ گیوان تہٕ شران تہٕ اوس ۔ عام لوکن چھےٚ تسند کلامہٕ زبٲنی یاد ۔ موٗدرتہٕ میوٗٹھ کلامہٕ چھےٚ بموُد وٕنمت ۔ [2] ۔ یہ باتھ چھےٚ گوڈنچہ لٹہٕ چھپان ۔

## رئشیو اسمال



میٛہ ہاگو دادے چانے ہیٛہہ — ژیٛہ کوٗوو لالو موٗسٹھ لیوٕ شریٛہہ
تریش مالیجہِ یوٕ میانہِ متیہٕ ژٔرے — ہٹرکے رتھ دِمے داماہ چیہ
تمہِ کھوتہٕ لوٗسٹھ نوٗ باسیوم کیٛہہ — ژیٛہ کوٗوو لالو موٗسٹھ یوٕ شریٛہہ
ألِفے ہیرِ تے ألِفے بوٗن — ألفے میلتھ شیٚن طرفن
ألفس مانِے تَتھ دَپان ہیٛہہ — ژیٛہ کوٗوو لالو موٗسٹھ لیوٕ شریٛہہ
ہا دُکاندارے میانہِ مَتے — دُکان چاٗنی چھم وترِ وتے
ہامکانہٕ رستیو بہ ہا لگے تہٛہ — ژیٛہ کوٗوو لالو موٗسٹھ لیوٕ شریٛہہ
عشقے گُپتھ تے عشقے ژھیٛپتھ — عشقس کُس ہیکہِ مانِے ڈیٛتھ
عشقہِ دادِ عاشقن نیٛندر نہ تیٛہہ — ژیٛہ کوٗوو لالو موٗسٹھ لیوٕ شریٛہہ
عشقہٕ دود کھوٗرمُت شیخ صنعس — موٗت اوس عاشق پامہٕ درژھس
رِندٕ اوس چھِنِدر ڈود ہُنز کور [1] ریٛہہ — ژیٛہ کوٗوو لالو موٗسٹھ یوٕ شریٛہہ
شریعتہٕ چرٕ وتے سیوٗد یکھ لتو — فراغت لیکھ ادٕ حبس کرٕ لتو
رئشیو اسمالو پایس یٛہہ
ژیٛہ کوٗولالو موٗسٹھ یوٕ شریٛہہ



---

[1] . اصلی لفظ چھ کور ۔ وزن برقرار روزنہٕ خاطرٕ چھ کور ریہہ بناونہٕ آمت ۔

## رئیسی اسمال



چھکھ پانے بخشن ہارے — ہاو دیدار ہا علمدارے
پیتہ ساتھاہ بلئے بیمارے — ہاو دیدار ہا علمدارے
سئدرِ دیدِ ییلہِ ناگ کن وُڑھے — تتہِ ووتھان نورِچہ نہِ ڑے
ہیبہِ گوندِس نورک آکارے — ہاو دیدار ہا علمدارے
پائدِ کوزِ لے پاک روحانی — تس ذاتن بخشِ سلطانی
تھوندِ بخشنس نورِ انوارے — ہاو دیدار ہا علمدارے
ییلہِ زاہم سئدرے ماجے — کھونہِ للہ وتھ دینہ کنے تاجے
دذپ للہ دیدِ توڑی پیتہ لارے — ہاو دیدار ہا علمدارے
اتھہِ پیٹھہ ییلہِ دوُد پیتھر نروُ وتھ — ژبیرہ مانفسک کیہنہ طماہ تھووتھ
ہندِ زترِ ستی کوز ستھ افطیارے — ہاو دیدار ہا علمدارے
ییلہِ بیو ڈھکھ کیموہ غارس — موت گوہم پتنس کارس
ماجہِ گنجہ نے ہادوہ دس ہارے — ہاو دیدار ہا علمدارے
دوچن . ماجے بیہہ تے ساتھاہ — تام پیرن کرئ کراماتھاہ
کتہِ لنجو موہا دوہ دس دارے — ہاو دیدار ہا علمدارے
دذپیش ماجے جسم چھے میونے — تیلہ کینٹرہاہ ہاوتم پینہ نے
کڑنیز منیز کھوت مازوار دارے — ہاو دیدار ہا علمدارے
کسوترائوی تھکھ شڑی تے باڑے — کوتے واتے چانہ خدماڑے
زوُن دیدتے بابہ حیدارے[1] — ہاو دیدار ہا علمدارے

---

[1] اصلی لفظ حیدر ۔ وزن برقرار تھادنہ خاطر حیدارے ۔

تانٛ پیٚرس پھیرہٕ ماٮ۪ے — چوٚن دِتینک شرٕ بٔرٕ پیاٮ۪ے
خرقہٕ ترٛوٗ دکھ روٗ ٹہٕ فرارے — ہاو دیدار ہا علمدارے
شُکلہٕ پھلٕ مٔتیٚ چھی گُلہٕ جعفر — شوقہٕ بابہٕ صاحب آسان پانپر
کونگہٕ پوش تمہٕ کھول وارٕ وارے — ہاو دیدار ہا علمدارے
اکھ ساتھاہ یکھنا سونٛے — سوٗرٕ سے وندے قبیلہٕ کرونٛے

ریٚشہٕ اسمالٕس ہاو انوارے
ہاو دیدار ہا علمدارے



ریٚشہٕ اسمال

کرٕ یٔارہٕ شیخ العالم رحؒ — وُوٗ تھو لالو پیارو رُیپہٕ ؤن[۲]
لوٗر پھوٗلمُت نوٗرٕ کے دقتے — سٔ ہا مقبول اوٗسے اوٗلے
تیٚ آفتاب گومُت چھُ روشن — وُوٗ تھو لالو پیارو رُیپہٕ ؤن
رُیپہٕ ؤنہٕ چھے تتھ کنہٕ یٔارہٕ — باہ شتھ ملاّہ بیٚھ آسے سارٕ ی
پٔرِ تھے نماز وقتے پیشن — وُوٗ تھو لالو پیارو رُیپہٕ ؤن
تتہٕ پیٚرس سٔمے یہٕ سارٕ ی — تمو مسلہ تھٲو کھ جارٕ ی
کھینہٕ نٔعمترٕ رنہٕ ہیکھ بیٚوٗن بیٚون — وُوٗ تھو لالو پیارو رُیپہٕ ؤن

---

۱۔ یہ یٔارہٕ چھُ گوڈنچہ لٲرِ چھپان۔ ۲۔ رُیپہٕ ؤن چھُ زار پورہٕ کنہٕ تہٕ راڈرٕ ہیٚر کنہٕ اکہٕ وڈرٕ ہنٛد ناو۔ یہ ادس شیخ العالمنہٕ وقتہٕ مکمل جنگل۔ییمہٕ کنہِ یہ رُیپہٕ ؤن ناوٕ مشہوٗر چھُ۔ اکہٕ دوہہ یہ ادس شیخ العالم اتی بہنہٕ ۴ کسِ کنہٕ پیٚٹھ۔ بہہ شتھ ملہٕ عالم آیہ بحث کرنہٕ۔ییمہٕ کنہٕ پیٚٹھ اکھ نفر ہیکہٕ بتھ نتھ پٔر رلوٗانیہٕ مطابق علمدارنہ قبورہٕ کنی بہو شتو نفرو پیشن نماز۔

رُپیہٕ ونے پیرٚزادٕ غارس    کرٕن سلام پننِس یارس
تتہِ ناگاہ کوڈٕ گرٕ کٕ پٲڑ رن[1]    وُذٕ تھٕو لالو پیارو رُوپیہٕ ون
پیرٕ پھیران کوہن تہٕ بالن    ہندِ زرٕ زرٕ ووپل ہاکھ ژھاران
تٔس ذاتن تھٲو نے کھہن چہن    وُذٕ تھٕو لالو پیارو رُوپیہٕ ون
بہٕو شتٕو ؤزٕ ہٕس مسلہ    تتہِ عالمن گومت چھُ تسلا
نتہِ مسلن کٔنہ ماوس ژھہن    وُذٕ تھٕو لالو پیارو رُوپیہٕ ون
بادن ہٕرٕ آیہے پھیران[2]    اکہِ اندٕ لیوان بیٚیہِ اندٕ ٹیران
آسہٕ اسان پیرٕ تیپہٕ دالن    وُذٕ تھٕو لالو پیارو رُوپیہٕ ون
سپاہ سالار آیہٕ نازان    گوسپھرِ مٔنزٕ پیرس ژھاران
گٔنیہٕ سٔرسپہٕ کٔنہ ماچھس ژھہن    وُذٕ تھٕو لالو پیارو رُوپیہٕ ون
پوشٕ بٕھلِ مو وارہیہ باغس    کوٚرٕ میٔہ سرٕخم پننِس آغس
وٚون غزلاہ رٔشیِ اسمالن
وُذٕ تھٕو لالو پیارو رُوپیہٕ ون



---

[1] خیال چھُ کرِنہٕ لیوان زِ علمدارس اوس باھنے گرٕ تہِ کھٕسُن آسان تہٕ رُپیہٕ ون جایہِ دراو گرٕ مٕتیٕ یِندِ پٲڑرٕ ستیٕ ناگ یُس پتہٕ خوشکِ گو۔

[2] بادن ہٕرٕ آس شاہی دربارچ اکھ مارٕ مٔنزٕ تہٕ خوبصورتھ گیوون واجینٕ۔ شاہی دربارکہِ حکمہ مطابق اوس تٔس علمدارس امتحان کرُن۔ مگر پیرس تیپہٕ والہٕ مجابہ گیہِ تٔس اکی نظرٕ بٔڈہٕ ۔ یہ واقعہٕ چھُ مو کھتہٕ لوکھ رٕ نوشہرٕ پیش آمت۔

## رحمان ڈار[1]



ژندٕ نے ہاژندن دارٕ ہے　　لولہٕ نارن ہے زاجی نس

یم کتھِیوٗ عشقہٕ تیٖر　　لاگیم بلے ؤطبر

جگرس کوٗر ہم پارٕ پارٕ ہے　　لولہٕ نارن ہے زاجی نس

شیٖن زن گاجی نس　　جوین سبہٕ لاجنس

واجی نس مٗنزی ژنبہٕ آرٕ ہے　　لولہٕ نارن ہے زاجی نس

عشقن یہ کافر　　ترٛاوٕ پرتھ دارِ بر

اشہٕ نے چھم وسان دارٕ ہے　　لولہٕ نارن ہے زاجی نس

عشقٕنے سہلاب　　بے پردٕ بے حجاب

چھپنس روٗدم نہٕ وارٕ ہے　　لولہٕ نارن ہے زاجی نس

عشقن دود کھٕسے　　جایہٕ جایہٕ پیوم ہوٕسے

کس نہٕ گو یمہٕ سمسارٕ ہے　　لولہٕ نارن ہے زاجی نس

عشقن ژوٗر پیوم　　نارس منٛہ سوٗر گوم

مشنس روٗدم نہٕ وارٕ ہے　　لولہٕ نارن ہے زاجی نس

عشقن یہ افسان　　چھُے ونان رحمان

بوزٕ ونہٕ گوٗش تھوٕ وارٕ ہے
لولہٕ نارن ہے زاجی نس

---

[1] رحمان ڈار زاو چھِہ بلہٕ ۱۷۷۵ء منز۔ تہٕ گُذرِ لوٗ ۱۸۸۵ء کیٚنہہ شہ اوس کھنڈٕ واو کام کران۔

## رسول میر[1]



یارٕ روٗسے ہاوتم بُرقہٕ تٔلی منیجرابہٕ ژُمن لگیو

قدٕ نازٕ چہٕ اَمہِ پوٚت ژھایے خدٕ رسوٗل دُجنش ملیے

زُلفِ نازَن مو مار گرٛایے زُہہٕ زُمَن زُمَن لگیو

روٗے اُمہینہٕ خوے برگِ گُلاب دلشہٕ ذِہن پوان کرِتاب

کینٛہہ چھِہ بُرحال کینٛہہ گٔمتی خراب مَس چھُ ژٕمَن ژمَن لگیو

اَلِف بنی چھے روٗ پہٕ شمشیر خَستہٕ گٔاہتی کُم کُم شبیر

جانِ جانو گےٚ ژٔنے پتھ پھیرٕ ہا زاہدو زمَن لگیو

یانٕ وُٹھ چانٛی ماشوقہٕ شوبان جان ودِل میٚون تَتھ آیو لوٗبان

ژھاے تمہٕ چی گامژٕ محبوبن ریٚشہ زلو ژمَن لگیو

ہیٚیہ وُچھس روٗ پہٕ ہنٛدِ قبے معرفت زان وو تھمُت نبے

روٗے ہاوُ نتہٕ دِل پھیرم دُبے چاوٗ دوہ دعت ژمَن لگیو

دَنتہٕ روٗ سلِس گتہٕ مشے ہرِ نہٕ چھس بُرنہٕ آہتو اُشے

اَتھہٕ ترٛاوتم ہا سر کُشے ذرسہٕ مولایے بٕمن لگیو

---

[1] رسول میر زاو سنہ ۱۸۲۵ء گئیت میر مادان شاہ آباد ڈُورِ اننت ناگ۔ سُہ سپُد سنہ ۱۸۷۰ء منز رحمتِ حق۔

## رسول میر



تٔھر تٔھر چھم مٕرٕ شایَد شرمنے جگرس وزادنے

خوش یوٗن نٕنٕدٕ بون وٕنیسی یِیِ سیٖون دِلبر آدنے

وعدٕ کوٗرٕمت یاد چھےٚ نا سادٕ کِشرا زاٗنی تٔھس

آدٕنے اَدٕ کونہٕ تھاوٕ یوٗتھ میٖون دِل شقبٕہ لادنے

یارٕ اَکھ اَرمان رُودُم عشقٕ پیچانس پٕرٕ ژھوم!

بوٗزی تھے زٕرٕ پان کھوٗلُن آدٕ زَن اَبساوٕنے

ژھایہٕ رُودُکھ ضایہٕ کرتھس کوٚ ژےٚ مٕٹھے مایہ میٖانی

تیٖلہٕ ژےٚ پھیری نا مٕتے وٕنتم پیٖلہٕ منٛے میٖشرٕ تل ساوٕنے

گُل وٕچھتھ بُلبُل چھےٚ توشان اَکھ اَکِس رُوٗشتھ وٕنان

میٖانہٕ یارو چانہٕ باغک رُودٕ منٛے گُلزار چھپاوٕنے

سُے منٛے رُودُکھم آش پیٖمی بسٕنٕز ستھ منٛے اَسم یتھٕ دِلس

وَنتہٕ رُوسانیو کَس ژٕ رٕ دُکھ ھا وو ذکھموٗستہٕ ناوٕنے

رحمان دار پل ؒ



دو لو معشوقہ میانے کرَے ناوس فدائی
بلے دیدارہ چانے ذرے تو لو جدائی
ژیبے کتر تھا استہ دل میون مہ گو لا احد امار جیون
یرِ کرادس لازِم جیون کرَ ژِ پیشر بے وفائی
دما یتہ سون سالے برما دیتھم مہ لائے
اما چھے ژیبے سوالے کرم حاجت روائی
للہ بتہ سالہ سونے باللہ ژلہ ہم مہ گرِ دِ آنے
صلاح چھم ناو چونے مہ چشمن بینائی
مژر لد چھس بہ مضطر ہژر ہیتھ آس بردر
مژر تم دلہ کُس بَر دِتم دارالشفائی
رنگے میانے خطاآو ہنگہ لوٗد چھکہ ژہ دریاو
سنگے دلِ کینہ میون نراو بہ گومت سودائی
دِوان چھکھ جلوہ بامتھ نوان دِل لوبہ تامتھ
روِان دل درِ ندامتھ لوِان مشکے خطائی
بنی لیس میون ہیو حال دِنی سے لوہے احوال
ننی ژیبے ژلی اشکال کنے کلہ دِن گواہی

وٕنۍ کٔم خوش ترانٕے اَنٕے عار جانانٕے
کنٕے لوزِم فسلٕنے چھُپنے لۄد میٚہ داناپی
جگر میون گو بُرباد دِگر ووتم دِوان ناد
اگر لوز کھ نہٕ فٔرۍ یاد سو چھم عٔبدی رسواپی
صفاپی رحمان دارِس خداپی کرٕسہٕ دِلَس
عطاپی چھُے واصلس
ہر دم بادشاہی



---

لہ ۔ رحمان دار پل زاو سنہ ۱۹۱۴ہٕ منز لو ٹکس حبہ کدلہٕ محلس منز ۔ بندوق کھار محلس نزدیک چھ مزار کھہس منز دفن ۔ یِم درایہ سنہ ۱۹۸۲ءکیت ییٚمہ عالمہ ۔ یمیو ادس جبری سکولس منز لوپنزِ مہ حیماتہ تام لۄرمت ۔ ییٚہ ادس لۄڈ کو ٹھدار ۔ یمن اوس گوڈ صفاکدلک عمہ لالہ پیر ۔ امہ پتہٕ ادس یمہنٛد مرشید زھندن گانٛدربلک نیہ صاحب تہٕ منگرہ ینٛد لور صاحب تہٕ ۔ شاعری ہند شوق اوسکھ گوڈے پیٹھے ۔ یمہنٛد کلامہ چھ لکہ ساد کرتہ موددن ۔

# رجب حامد



بالہِ لوگُم رونٕز دامانہٕ لولو  سالہٕ واتہم یارِ جانانہٕ لولو
بالہِ گِندٕوَے بالہِ مٲدانہٕ لولو  سالہٕ واتہم یارِ جانانہٕ لولو
ییلہِ اوُسے مینہ تہٕ تَس لوُریکسان  تیلہِ کتہِ اوس دوہ راتھ کوہ بیابان
عرش کرسی زمین اسمانہٕ لولو  سالہٕ واتہم یارِ جانانہٕ لولو
حیلہٕ گرَنے حیلہٕ کرٕی بے شُمار  گلِ زایے لاجی نس آس نے عار
ٲمی ستھٕوٚ نم ناد انسانہٕ لولو  سالہٕ واتہم یارِ جانانہٕ لولو
آدٕ جامن ڈٕلی ڈٕلی گرایہِ ماران  دراو لوٚن اوس لوشیدٕ گنجہِ پنہان
ناو رامس کوٚرتھ رحمانہٕ لولو  سالہٕ واتہم یارِ جانانہٕ لولو
گاہ مندرَس منٛز تراو تیٚنہٕ نادٕ ستھ  ڈیکہٕ سیندٕر زنار نالی نرٲو ستھ
پوشہِ پوزا کرَے سبھگوانہٕ لولو  سالہٕ واتہم یار جانانہٕ لولو
گاہ کعبس منٛز چھُم لگتھ نماز  گاہ مولوی محمود گاہے ایاز
گاہ چھُم پران آیہ فرقانہٕ لولو  سالہٕ واتہم یار جانانہٕ لولو

---

له۔ رجب حامد زاو سنہٕ ۱۹۲۰ء کیٛت ترال تحصیلکِس سوٚتوُرگامس منٛز یہند ابتدآیی مرشدِ اوس مٹٕو ر ترالک عبد الغفار تانترے تہٕ آخری تہٕ ابدی مرشد اوسکھ غلام رسوٗل خان فدا عرف لسہِ خان فدا۔ یہند کلامہ چھُ موٚد ر تہٕ روحانی تربیتھ ہند ماحصل۔

رنگہ بنگس پرہنگہ کنکھ دتھر دوم    ہنگہ دارہ بن لوڑو لوڑو پردہ تھودم
چنگہ والیس ساز و سامانہ لولو    سالہ واتیم یارہ جانانہ لولو
حورِ تھودم پورتھ سورمہ تے ساز    دورِ داتیم دلبر شاہہ بیندراز
پورِ انماتہ نیرونہ وانہ لولو    سالہ واتیم یارہ جانانہ لولو
تنہ مڑرِ ننھ تنہ سینتی لاگس تن    مینہ ہیے منز رونہ موت للہ نادون
بینہ یکسان ولس افسانہ لولو    سالہ واتیم یار جانانہ لولو
رجب حامدن دون دیت کل جہالس    لوڑن عیان ڈلونھن لنشہ پالس
ترال ستورہ حال ٹھیکانہ لولو
سالہ واتیم یارِ جانانہ لولو



رجب حامد

نیرِ سالن آوسے نوبہار لئتی ہیے    پھیرِ باغن چھاو گلزار لئتی ہیے
ویرِ چانے پھلو لالہ زار لئتی ہیے    پھیرِ باغن چھاو گلزار لئتی ہیے
خون میونے گلی گلی نمنے چھے    زون چارداہ ڈیکہ چون تابہ ونے
نون زخمن ہیوم بلغار لئتی ہیے    پھیر باغن چھاو گلزار لئتی ہیے
چشمہِ بادام نرگس پھجٹر زن    عشقو گر چھکھ عاشقن تنمیلاون
خشمہ ستی مے لوٹ مار لئتی ہیے    پھیر باغن چھاو گلزار لئتی ہیے
موختہ حسکے شوبان گوش تل    لوختہ سکارن گرہی منی چھی افضل
خوفتہ گامنی کرتھ بیدار لئتی ہیے    پھیر باغن چھاو گلزار لئتی ہیے

رٚۄ پیٚہ بدلس چھِ کیاہ پھٲلِ منٛز گولاب
ژھو پیٚہ لٲگتھ دٲرِسے لٲگتھ طناب

ہفتہٕ خانے بنزِ ملژار لستی ییے
پھیرِ باغن چھاو گلزار لستی ییے

نالی کیمخاب زرباف بنیہ اطلاس[1]
زالی وانکن وچھہ وچھہ گوم تلواس

کھالی مالن چونہٕ لبسیار لستی ییے
پھیرِ باغن چھاو گلزار لستی ییے

ضایہِ کوٗرتھم یاون بنیہ لوہ کیچار
کرایہِ عشقنہٕ تو لفنفس تہٕ اوفے نہٕ عار

پاسے میون کرمنہٕ چھِ بار لستی ییے
پھیرِ باغن چھاو گلزار لستی ییے

بیتہٕ شالہٕ مار پیالن برٛی برٛی موہ سے
چھینتہٕ داماہ اچھ چکھ پے درپے

نِتہٕ لجمٕز چھم آلوارٕ لستی ییے
پھیرِ باغن چھاو گلزار لستی ییے

تتہٕ مژر نتھ لاگے تتہٕ سنتی تن
منہٕ منتز باگ للہ ونتھ دوٗن دبارن

بنہٕ یکسان ژلہِ دوہ گنیار لستی ییے
پھیرِ باغن چھاو گلزار لستی ییے

مس دِتھ نیو نتھ حامدہٕ جبس دِل
کس باوے عشقن دوٗد مشکل

بس زونم چون دیدار لستی ییے
پھیرِ باغن چھاو گلزار لستی ییے



---

[1] کیمخاب اوس بروٗنہہ کالہ اکھ قیمتی کپڑ۔ کیمخاب چھ آسٹرک لفظ۔ یہ زبان اُس کشیر ہندٕ ابتدائی قوم ناگ بولان۔ آسٹرک زبان چھیہٕ کاشرِ زبانی منز بنیادی ماخذ تہٕ۔
(ترتیب کار۔ ڈاکٹر آفاق عزیز)

رجب حامد

○

بالی دُنیا آخر تا دن زان ۔۔۔ کالی گژھوے خالی اتھہٕ ہاوان
کیا از زالوس آلوس در دُنیا ۔۔۔ ییتہٕ نیرُن چھُم کالی از یا پگاہ
کتہٕ میونے اصلی جایہ ٹھیکان ۔۔۔ کالی گژھوے خالی اتھہٕ ہاوان
بندٕ کر تو بندٕ گی ذاتس سٕتیٚن ۔۔۔ وندٕ رہنہٕ کوٚل سوران چھوٚن یاوٚن
اندٕ واتی پیرس رٹھ دامان ۔۔۔ کالی گژھوے خالی اتھہٕ ہاوان
جورٕ کرٕ ہی کرٕ ہی وگہِ نے وینہ ناوان ۔۔۔ دورِ دُنیا کرٕ ہی کرٕ ہی سارٕ ہے فان
سورِ یاوُن سوندرن روزِ ارمان ۔۔۔ کالی گژھوے خالی اتھہٕ ہاوان
رنگہٕ ڈنگلے لدٕ ی لدٕ ی چھہِ لوٚر آنی ۔۔۔ ییمہٕ سمسارٕ چھیٚنہٕ کانسہِ لوٚر آنی
شنگلاتن اُخر چھہِ سوٚر سپدان ۔۔۔ کالی گژھوے خالی اتھہٕ ہاوان
لوٚر تراوان حوراچھہٕ نارٕ وزمل ۔۔۔ کالی وانتن چھس کالہٕ اوٚبرس تل
کسم صوٚرژہ خاک درخاک سپدان ۔۔۔ کالی گژھوے خالی اتھہٕ ہاوان
افلاطون لقمان جالینوس ۔۔۔ سام رستم خسرو کیے کاؤوس
میسلی خاکس سہراب ہیتھہٕ ترکیان ۔۔۔ کالی گژھوے خالی اتھہٕ ہاوان
سُلہ سوٚنتے لیس گوٚ ننگل کرنے دراو ۔۔۔ ہرد و اتھہِ سٕے کرِ فصلس کراو
پھل گو ٔ نرٕ نے کھلہٕ منزٕ بالگراوان ۔۔۔ کالی گژھوے خالی اتھہٕ ہاوان
زندٕ پانس زندٕ چھیِ ڈٕلی ڈٕلی کفن ۔۔۔ تم چھہٕ حیات موجود شین طرفن

رجب حامدس تمہٕ نے سٕتی یکسان
کالی گژھوے خالی اتھہٕ ہاوان

رجب حامد



عید آیہ عید قوربانہ ہے ڈلیسی یے
جایہ جایہ چھم شادیانہ ہے ڈلیسی یے
تھہدِ پایہ مرتبہ ماہے رجبس
شاہ کھور آوے شعبانہ ہے ڈلیسی یے
ہلال ڈلیشہ کر روزہ ہا روز دار
درہ ہا ماہہ رمضانہ ہے ڈلیسی یے
روز دار روزنتھ فرقان لوزِ نتھ
توفلا نماز اشبانہ ہے ڈلیسی یے
عیذ دوہیہ صبحن شادی شین طرفن
شاد چھی ہندی مسلمانہ ہے ڈلیسی یے
تن تنہ نادستھ جبامہ بدلاؤ دِم
گوڈنی پوزمیہ فرقانہ ہے ڈلیسی یے
یاری یاری لگہ ہے تس روزہ دارس
تس چھے عید دیدان عیانہ ہے ڈلیسی یے
دم تہ کھڈ ژھاولی روسی اثہ نادِم
اکہ اکہ کری میہ قوربانہ ہے ڈلیسی یے

لاٗلہٕ دراےیہ ساٗلس نِشاطہ تاٗلس
شالہٕ مار باغ چھاونہٕ ہے ولسی بے
ساز کوٗز سوندرو ناز پاٗراٗدِنھ
راز بلہٕ وچھمیہ وننہٕ وانہٕ ہے ولسی بے
چھئے رجب حاٗمدس عبد گرِ پانس
پیر چھم شاہہٕ جیلانہٕ ہے ولسی بے



رجب حاٗمد

پیٚس در راہ گیٚس سرہم[1]
تِتےٚ حاٗران وچھم کم سخم
موٚدر محبت کرِ لوٚو الفت
توٚندرِ زاٗلتھ کوٚرنم دم
زیٚنےٚ آیس کرِٕتھ تسلیم
تتیٚ ووتُم کرِٕتھ سرخم
شریعت پرٕ طریقت زر
چھ معرفت عارفن محرم
ٲنتھ ناسوت گژھُن ملکوت
ننُن لاہوت گژھِ مرہم

تمٕس کیٚاہ میانہِ لولکُ غم
تمٕس کیٚاہ میانہِ لولکُ غم
ہندِرِ لاٗگتھ ژۄلِتم کس پیٚتھ
تمٕس کیٚاہ میانہِ لولکُ غم
ونے مو مختصر الف لام میم
تمٕس کیٚاہ میانہِ لولکُ غم
حقیقت کرٕ کٔنی نظر
تمٕس کیٚاہ میانہِ لولکُ غم
انُن پیغام از جبروت
تمٕس کیٚاہ میانہِ لولکُ غم

---

[1] کیہنہ گیون واٗلی ونان "پیٚس سر راہ"۔

نفی اثبات ستر سے کرتن    چھُ لوٗن عیان شہن طرفن
بنی یکسان بُنتھ آدم    تمِس کیاہ میانہِ لولکُ غم
رجب حامدن وۄنے موختصر    عجب عرمانہ کیٛ دفتر
رندن چاوان چھِ جامے جم
تمِس کیاہ میانہِ لولکُ غم

---

لہ کیہہ نُسخو واکی وناں "پیس سہراہ" ۔

رجب حامد



ہارہِ لگہ بے سو رمہ چشمن تہ لولو    مارہی عاشق چانی جلون تہ لولو
ژون چار داہ ڈیکہ چھون ناپانی    خون کرہی کرہی زورِ چھکھ رودزانی
لوٗن شوٗبیاہ نازِ زخمن تہ لولو    مارہی عاشق چانی جلون تہ لولو
ہمہ جور لوہستی چھکھ گمہ نادان    رمہ آول زاویل موے پریشان
شمہ شوٗبان چھے زلفن تہ لولو    مارہی عاشق چانی جلون تہ لولو
ناگہ سھوٗن تن تنہ نادان لال    باغہِ نشاطی نا کرِنا ساتل
زاگہِ شالہ مار روزِ ڈیڈین تہ لولو    مارہی عاشق چانی جلون تہ لولو
مایہ چانے ساین وُنی دِوان    دایہ تہ آتشِ لجمژ چھس بدمان
کرآشے عشقن چھم درمن تہ لولو    مارہی عاشق چانی جلون تہ لولو
موٗبدِ وانہ سوداگرِ تھ بلہ آس    نردِ بازن دردِ چانہ گنڈنے دراس
پردہ زالِ عشقہِ نارن تہ لولو    مارہی عاشق چانی جلون تہ لولو

ذرہ کوتاہ دِرائیہ شراوِ نیز زوٗن  مُرلوٚد وَے یارس منہٕ ژٕھیپِ خوٗن
سِرِ آفتاب گوٚرِم ہیٚر بوٚن تہٕ لولو  مأرِ ئ عاشق چاٚنی جلون تہٕ لولو
رجب حامدن سوٚنتر سےٚ دوٚن نے مجاز  عطر تنہٕ کوٚر سو نارِ رے سورمہٕ تہٕ ساز
منتظر یکسان سپدِ رے دوٚن تہٕ لولو
مأرِ ئ عاشق چاٚنی جلون تہٕ لولو

رجب حامد



افسوس دُنیا کالنہٕ تو لوٚگ سمسار ہستی
تہو لاکن وٕچھِو تہٕ کم کم مزار دأتی
کتھ ماجہِ زالوٚکھ کیازِ آلوٚکھ ادلے ذأتی
ننگےٚ تہٕ نوٚنے اتھ چھوٚنے کیٚا چھےٚ ہستی
کھوٚنہِ ماجہِ رُوٚچھنکھ دوٚد ہا چاداں چھےٚ لولہ ہستی
منتر روٚنہِ منزلس للہِ ناوان اُنسی کیستی
نزرہ دِہرِ ہیٚتھے دراکھ گیٚنڈ نے شُرِن ہستی
شتہ دِہرِ وأتھِ بابہٕ دِہد چھپِ وٕچھان وأنتی

---

ٮ۵. سوٚنتر چھُ ترال تحصیلک اکھ گام ییٚتہِ رجب حامد روزان چھُہ۔

بتہ ڈُہروائتھ پیوکھ فکرن خیالاتی
ژاٹہ ہال نیوکھے دہارِ بابن آئی ءِستی
بہہ وُہر وائتھ پیوکھ فکرن اصلی ذاتی
تیھر کتھن دیدبابس منزم ہا واتی
ترڈہن تہ ژوہن منزلوُرکھ مہار ذاتی
ہووُر گرژھتھ آکھ ژنی ہتھ باحشماتی
پنڑ وُہری خاندارہی کر تھو ژنیہ ذاتی
چھکھ دوس دشمن رنہ ناوان لوہ کچار ءِستی
نژہ وُہر وائتھ دڈہ پہ تھے بالس خراباتی
ژھوہ پہ لاگو بالو چھکھ ہا ڈولمت بجرے ءِستی
ژتجی وُہرس شری ژنیہ پالس کارس واتی
چھی خاص اولاد دکہ لایان، پیتہ کہو واتی
ینتراہ وُہرس اوسے بجر مٹھیو شانتی
چھے لوُژ اتھس ژاک مسجد گیہ لیو براتی
ومراہ راوِ ے گوکھ گمراہ شرنے ءِ بستی
نے دین و دنیا نے لگہ لیو ایمان ءِستی
رجب حامدو شکرِ یم درا ے منزلس واتی
عجب عملاہ کرتہ آسکھ عارفن ءِستی



---

لہ ۔ ژنگیہ خانہ دار ینو

## رحمان راہی



شہ گولاب روے ڈلوٗ نٕنٕھم بێیہٕ از گولاب چھاوان
مێہ چھہٕ وٕنہٕ مثالہٕ نێ منز رَنبہٕ وٕنٕ خیال راوان

لوٚ چھا پیوان گلاسَس کنہٕ لہرٕ ووٚژھہ ہواوس
نَتہٕ ژاو باغ کُستام مَلہٕ مأتی پوٗرٕی تراوان

ژٕیہٕ پیوان مێہ کنُ تہٕ باڑنے الغائبہٕ دوٗرٕ نظراہ
بہ کران دِلس شِکایت ژٕ چھہم نہٕ ہوش نفاوان

دِمہٕ کتھ بہ واتھٕ وَنتم چھنہٕ چوٗن کانہہ طرح سیوٚد
اَچھ چانہٕ تنبہٕ لاوان تُمہٕ چانہٕ خشمٕ ہاوان

کُنہٕ ساتہٕ لیوٚد زمانس چھُ کھسان ہتُھس سِرہٕ ہیوٗ
مێہ چھُ دِل شہ نوٗر ژھٹٕہ ونٕ ڈٕکہٕ چوٗن یاد پاوان

مێہ نہٕ نوٚگ نہٕ زانہہ یہ بوزن اندٕ کربہٕ نیلے اخر
نہ چھُ حُسنٕ پوٗرٕ رَلہٕ ونٕ نہ چھُ عشق آتش تراوان

چھنہٕ زاہدس تہٕ رندس بێیہٕ کانہہ فرق مێہ باسان
ہێہٕ چھُ فطرٕ وادٕ کرلشان یہٕ چھُ مُلرٕ مُلرٕ چاوان

متہٕ وَن تہٕ راہیس کیہنہ شہ چھُ از تہٕ پرأنی پاٹھٕن
گنہٕ منز پریگاش ژھاران ژھٹہٕ منز شکارہٕ تراوان



## رحمان راہی



زنارٕ روزٕنہٕ باپتھ چھہِ مران لکھ ژٕ مژکھنا
لو تہِ پاٹھی جکھا پیالہٕ کیوٚہو اُف تہِ کژکھنا
تھہرٚ چانہِ اسٚ ترٲیہِ گژھان ضایہِ وُچھان چھٕس
مِنہٕ کٕہنژر رِہلی غونچہِ سپھوٚلتھہِ آے مژکھنا
نہ چھُہ دارِ الان پرٚدٕہ تہٕ نہ چھُہ براندٕ دزان ژونگ
وادُس چھُہ دپان کاوژٕ مولوم کژکھنا
تَتہٕ لوٚچھہِ کھسان یَنہِ نارٕ بُرژٕ لوٚچھہِ دسان شین
ہیَے برٕگہٕ چھٕٹری! میون کژہِن گام تژکھنا
نہ چھےٚ پرٕژی یہٕ نہ بحرین نہ عجب مُلک نہ راسخ
ترِژتا پرِ وَ ترِ ہے مَنہٕ! گلزیژٕ پرکھنا
ہرِ سونٕتہٕ تیوٚ لنگٕلی لوٚش تہٕ درِ ہردٕ ہوٚنڈرٕ کوندٕ
ہَسَہ دامنسَ ہَرگہہ نٕہٕ تہٕ ہٕنگسَ تہِ جبر کھنا
اِدٕ ساتہٕ رحبر چانہِ زنک گیوٚو تہٕ زمانن
اشہِ وانہِ مٔے لوٚد لیچھ سوٚ مرٕتی ژرٕ پرکھنا



رشید نازکی



اَمہِ لولہٕ نیایکہِ آوٕ لنز پیٚر وٲجنَس گٔتہِ لٲجنَس
شِشنہٕ مأنز ہنزِ ہنہٕ گأجنَس پدمان وٕلیسی یدٕ وٲجنَس
یَمہِ زندگی ہندی شٔنز وَوہ گٔتی سمیکھ مٔژرکنٕ پان میون
کمہِ تام دُل مُل آمہِ سِشٕر کتہِ گھأجنس کتہِ وٲجنَس
شوقس ووہ میدائی پُژ لوٚس غمک لبس اعتبار
اکھ ژھایہ گیثٕت یتہِ زندگی یتھ شُشنہٕ ہس یکٔمو لٲجنَس
سرسائی سحرٕ ہنٕد قسمَ بیمار ووہ ہہ بیکار رٲژ
یٔنٕز مسوّلاہ تمگ سونتہ مٔتی مٔژر رأوٕلس شٕر گأجنس
دِل آشہِ چانکہِ آمٕ رٕن کتھ مانہِ ہے داٖیانہٕ میون
اٲتھی لولہٕ نجٕدس وٕنزٕ دِدان شُتہِ دراوُتہِ منٕز چھأدٕلنس
ظُلماتہٕ لولکہِ امرٕتک یادٕ ن بہار اچھ آنز ستھ
مَژرِ آشہِ تنہا رأژ منٕز کُنہٕ زٕنز شمع زٕن زأجنس
آدٕن چھُ ڈُنہِ لتس دلبرس وعدان وفا نوزک کتھاہ
نازک چھُ آخر نازکے تمگ ناد بیٚہ بھٕر ڈاجنس



## رفیق راز



زُون دِمہٕ نَے بلایہِ خاب چھکھَے
ہَرنہٕ چیٚشمن ژٕ دستیاب چھکھَے

چانہِ باپتھ ئہ حالِ حسٲران چھُس
میانہِ باپتھ ژٕ درٕ عذاب چھکھَے

بوتلن منز کوٚنَے میہٕ نظرِ گیٚیکھ
پھِرنہٕ آمُت رٕسیُل شراب چھکھَے

گاڈ چھیے نا وٕچھس کِنہی کوٚرال
روٗدٕ گومُت تلاوِ آب چھکھَے

میانہِ کوٗٹھک یہ کاج ہَے تنبلیو
وارِ پھوٚلمُت کُنےٚ گوٗلاب چھکھَے

اکھ بٹا اکھ مساوی اکھ چھُ مگر
لولہٕ کُنزٕ ک یُتھے حساب چھکھَے

لوٗکھ ہے چھی کھوان نِصابس منز
گیٖنہہ ژٕ مہجورٕ سنزٕ کتاب چھکھَے

## سوچھ کرال [1]



آرٕ گٔرِتھ کرٕتھَس یار از وَلو سون بیے
پیارِ چھم مٕنٕہ نٮ۪ندرٕ لوانِ مٮ۪نہٕ چھُہ مارمۆنت چون بیے [2]

ہانٛزٕ مولاگ ہانٛزٕ گنڈٕلس کاثٕر زونہِ کاسٕتم گرو نیے
کٔمیوٕ کاژرٕ گاٛجتھس وَلہٕ سہ حال وُچھ سہ میون بیے

مان کسٕ کرِ ازل لٲلنِ پان میون گوٗژھ تالوٗنہٕ بیے
ہامٮ۪نہٕ نوٗزونے مولٕ چھُہ والان ازل لونہٕ بیے

لجموٗ تُھلیاہ ورشن باغس مٮ۪نہٕ ہا گوٗتھ درشن چون بیے
عرشس تہٕ فرشس منٛز خودا چھُہ لبہ دون بیے

---

[1] سوچھ کرال زاو ۱۷۸۲ء کیٛت بیندر پکوامہٕ تہٕ گذرلیو ۱۸۵۵ھ منٛز۔

[2] کاشرِ صوٗفی شاعری منٛز چھپٮ۪مہٕ یتھ بٲتس ساقی صاٮ۪بن دراتی ناٹہٕ کرمٕنز۔ ستہٕ امیٚکٕ ووج تہٕ مسخ گورمت بلکہٕ شارچ پرتیتھ مکمل بٲتھ مولہٕ پرٛاٹ منٛز۔ تاہم آوٕ یہٕ بٲنُھ تتھ ترتیبس منٛز ووہل درج کرنہٕ نیٚمٮ۪نک تقاضہ بٲمتھ، رلوایت تہٕ عوام کران اَدس۔

لبین چانین روزے برتل شتی تھے نزاوے ڈلہ گونڈے یے
گرنیثر مینہ تہ ہیتہ مو بہ ہا کرے دایہ تونہ یے

زبتھ مینہ لوگمو زوس دسواس کتھ کیتھ میون آسون یے
ہا ینتے آیوس تور چھم گرثھون یے

نبنگل کمئ سنا سونگل الماس تبنگل تھونم للہ دون یے
تھر ہند گولاب کال بر چھ گرثھہ دون یے

اچھہ ولہ کے ہا اچھہ پوشو گچھہ کٹھہ کرے وتھرون یے
ہالچھہ نالو سو چھہ کرالن ہا دون یے

آرہ کرث کرٔ ستھس یارہ از دلو سون یے
پیار چھم نہ نیندر لوان مئیہ چھ مار موت چون یے



سوچ کراں



دہیومے بالہ یارس یاری لاگو — تمی دوہیم لوزون چھس کونہ لاگو[1]

دہیومس لوز ناوتم چھس بہ بندے — تمی دوہیم لوزونی گیئہ شرمندے

دہیومس یئر کیا چھے لوکتہ گیری — تمی دوہیم لوسے کران چھس دستگیری

دہیومس لوکتہ گیری کیا چھہ حاصل — تمی دوہیم پی چھہ حاصل تی چھہ واصل

دہیومس لوکتہ اوس نتہ آو کتے — تمی دوہیم لوغتہ سپدی لو عشقہ دتے

دہیومس لوکتہ عشقن باو میہ تے — تمی دوہیم باومے تھاو کھژ کتے

دہیومس کیاہ چھہ اندر کیا چھہ نبر — تمی دوہیم پی چھہ نبر تی چھہ اندر

دہیومس ادہ کتن چھے ژیہ مقام — تمی دوہیم نے چھہ صبح نے تتہ شام

دہیومس نیلہ کتھ چھے ژیہ مکان — تمی دوہیم گاہ چھہ آباد گاہ چھہ وآران

دہیومس میہ تہ باوتم پنن آسن — تمی دوہیم پانس گرتھہ ٹھوژ کاسن

دہیومس کینہہ چھہ آباد کینہہ چھہ وآران — تمی دوہیم امہ سنی چھم کام نیران

دہیومس کیاز کرتھ طفلہ گی ییے — تمی دوہیم یہ چھے میونے چار سوبیے

دہیومس کونہ چھکھ پرواے وندان — تمی دوہیم چھس بہ پرواے تہ گندان

دہیومس جامہ ولنز چھی ژیہ پانس — تمی دوہیم دہرا کی چھی لامکانس

دہیومس جامہ کتھ کتہ چھکھ ژرلگان — تمی دوہیم رنگہ وڈی چھس نہ کالتیہ منگان

---

[1] یہ باتھ تہ چھہ ساقی صابن اصل شکلہ لشہ ڈولمت۔ تاہم آدیہ اصل شکل منہ اننہ۔ یہ باتھ چھہ عواس منہ انتہائی مقبول تہ مشہور۔ یمن بروٹھہ چھہ امہ قسمک طرح حاتی کھار دتہ آوان۔

دیپومَس رنگہٕ وٕنی کیازِ چھُکھہٕ منگان — تمۍ دۄپنَم ہالہِ وِنہٕ چھُم ہارلِوان

دیپومَس چھُکھ تٕرِ گَنے لاشر یکھ — تمۍ دۄپنَم امہٕ گرٕ ہتھ چھےٚ میانٕ طریق

دیپومَس انتھ طریقس ہمسے زاگے — تمۍ دۄپنَم ہرنہٕ چشمن سورمہٕ لاگے

دیپومَس سورمہٕ لاگتھ کیا چھُ بنان — تمۍ دۄپنَم پوزنہٕ ایزادٕ چھُ نتان

دپان سوچہ کرال الفس ماچھی بندی

چھےٚ پانے خداوندس خوداوندی [1]



---

[1] سوچہ کرال چھُ صوفی شاعری ہُندا کھ اہم تھوٚنٛ۔ ہیہُند کلامہٕ چھُنہٕ پورٕ پاٹھ دستیاب تاہم اوس ہہند کلامہٕ بیندر ملوامہٕ کہِن ہِٹن نُشہٕ موجود مگر جلایہٕ وطنی کنی گوو سوچہ کرالن کلامہٕ تہٕ گال کھانس۔ تاہم یہ کینژھاہ موجوٗد چھُ تِمہ چھُ صوفی شاعری ہُند اعلیٰ نموٗنہٕ پیش کران۔

## شاہ قلندرؒ



میٚہ سیتی کیا وعدٕ چھے آدٕنکہِ یارو
کوٚ وٚو چھکھ ژٕ وعدس کران انکارو
ژٕ چھکھ کوہہٕ دامن بہ لٲجتھس پامن
دِمے ڈٕز بہ گامن ژھارتھ شہارو
ژیٚہ لٲیتھ کشہِ تیر کیا چھم تقصیر
تیمے تیر جگرس گژھتھ گامہ پارو
ژیمے کیاہ چھے پرکل چھکھ ژلان جل جل
ڈَتے چھم نہٕ مولوم پتے توٚری لارو
ژٕ کمیو فیٚنے زوٚلتھم سینے
دزتھ سوٚر گومو چانے امارو
وَنان شاہ قلندر لوٚ ہے دم چھ بہتر
کسو آو ڈٕنیہس کرنے قرارو
میٚہ سیتی کیا وعدٕ چھے آدٕنکہِ یارو



---

لہ۔ شاہ قلندر اوس داتھہور زٕ وڈ یک روزن وول۔ سہ چھ ڈانگر پوٚرٕ داتھہورٕ دفن۔ صوفی شاعری ہنٛدفن اوسس زان نہٕ ورانتس منز میوٚلمٕت۔

## شاه قلندرؒ [1]



مدنو بدن مینہ زو لتهم — وڏڏم چانهِ بی پروائی
ذاتن ییتہ لوڌ آدم — زانهہ ما تهوون سُہ بی غم
ینس نہ گرژهنس چهِ راهی — وڏڏم چانهِ بی پروائی
اولے اوٽن محمدؐ — شمشاد وُچهه نس سروِقد
دوون عالمن زیبائی — وڏڏم چانهِ بی پروائی
عاشق پهیری منز جنگلن — ژهاران ژڏکِ کوه تہ ون
هیرادِ کرژکهہ بارگائی — وڏڏم چانهِ بی پروائی
مجنون پهیرلو سرحدن — عشقن نس زولے بدن
زندِ پانہ کرنس جدائی — وڏڏم چانهِ بی پروائی
ڇهے ونان شاه قلندر — عاشق چهه رازِ دفتر
جنتکِ دِتم چهه فدائی
وڏڏم چانهِ بی پروائی



---

[1] شاه قلندرس متلق اَسہ وار یاه کم حالاتِ زندگی دستیاب مگر ڈاکٹر محفوظ جی لیؤکهہ حال حالے شاه قلندرس متلق اکھ مفصل مونوگراف یتھ منز اَمس متلق مکمل تفصیلات درج چهِ (ڈاکٹر آفاق عزیز)

## شاہ قلندرؒ



جامہٕ چھُم ناصاف چھلہِ ڈوٗبی بٲیہے    چھلہِ چھلہِ صابن مَلہِ ڈوٗبی بٲیہے

چھوکہٕ تلہٕ مل ہیُتھ گلہِ ڈوٗبی بٲیہے    چھلہِ چھلہِ صابن مَلہِ ڈوٗبی بٲیہے

خُسنچہٕ حوٗرِ چھِےٚ لوٗرٕ ژٕ ییٚے اُٹھکل    رُستم دوران زن چھکھ یارٕبل

شاہ توسہٕ فردا ہلہِ ڈوٗبی بٲیہے    چھلہِ چھلہِ صابن مَلہِ ڈوٗبی بٲیہے

رسہِ رسہٕ چھوکھ کڈٕ میانہِ ہلوٗن    کنہِ ہیٚتھ ترٲوِتھ ہنہٕ یم آوِسَن

گرٕھنم ینہٕ چھلہِ چھلہِ ڈوٗبی بٲیہے    چھلہِ چھلہِ صابن مَلہِ ڈوٗبی بٲیہے

لوٗتہٕ لوٗتہِ وارٕ وارٕ کرِژ ناو آبسَ    رنگ ینہٕ نیریم اتھ کیمخابس

پنہٕ نےٚ رنگہٕ ینےٚ ڈلہِ ڈوٗبی بٲیہے    چھلہِ چھلہِ صابن مَلہِ ڈوٗبی بٲیہے

بہہ وِزِ ینہٕ یمِ لاگہم گیرسَ    زٲلی زنکھ ژٕ ژندن زلوٗن وِشنیرس

ہیچہٕ ہیچہٕ بنیہٕ سھلہِ چھلہِ ڈوٗبی بٲیہے    چھلہِ چھلہِ صابن مَلہِ ڈوٗبی بٲیہے

منتھ سنھٲوِزیم ینہٕ داغ روزیم    بہٕ ونٛدسے زوٗ مہربٲنی سنوٗسے چھم

چھوکہٕ تلہٕ پتہٕ نےٚ ژلہِ ڈوٗبی بٲیہے    چھلہِ چھلہِ صابن مَلہِ ڈوٗبی بٲیہے

بہہ ییٚلہٕ نیرتھ یارٕبل نیہٕ ہیکھ    دُبارٕ تتہٕ ییٚلہِ کرٕ نکھ چھل چھوکھ

ینہٕ روزیم کانہہ غم ڈوٗبی بٲیہے    چھلہِ چھلہِ صابن مَلہِ ڈوٗبی بٲیہے

رزِ ینہٕ ترٲوکھ درسہٕ دیاوٕ ناوکھ    جامہ میانی ژٹہِ کانہہ ینہٕ مند چھاوکھ

رُسوا کرٕہم للہِ ڈوٗبی بٲیہے    چھلہِ چھلہِ صابن مَلہِ ڈوٗبی بٲیہے

شہلسِ ترٲوکھ یمِ شیٹھ راوکھ    وارٕ وارٕ وَزہس ہیٹھ مژراوکھ

بانےٚ پنہٕ نہٕ اُٹھکلہِ ڈوٗبی بٲیہے    چھلہِ چھلہِ صابن مَلہِ ڈوٗبی بٲیہے

تہہ سان تراوکھ اَند شیراوکھ
سوٗنہٕ پنٕدٕ ملہٕ ساتہٕ ستی برہٕ زلاوکھ

ٹاٹھ لاگن میہٕ نازلہِ دوٗدٕ باٹھ ییے
چھلہِ چھلہِ صابن مَلہٕ دوٗدٕ باٹھ ییے

عطرٕ سے ستی عرقی گوٗلاب ے
بنبرے پوشو تہٕ کوٗستوٗر ناپھے

تہہ تہہ تھلہِ تھلہِ ملہٕ دوٗدٕ باٹھ ییے
چھلہِ چھلہِ صابن مَلہٕ دوٗدٕ باٹھ ییے

ٹاٹھ لاگہٕ وو تھمٕت پلہِ آسہٕ کھ ملَ
اَدٕ گرٕدہٕ شکہٕ روٗس یارس برتلَ

روے ہاوِ دلو مسول دوٗدٕ باٹھ ییے
چھلہِ چھلہِ صابن مَلہٕ دوٗدٕ باٹھ ییے

یہِ گرٕتھی تہِ دِمے فوٗرماو کنیٖز ہاہ
اَنہٕ رٕتھ ونتم ضوٗرٕ ورٕتھ چھُھے کیاہ

بہ وُچھان ترٕیے تھلہِ تھلہِ دوٗدٕ باٹھ ییے
چھلہِ چھلہِ صابن مَلہٕ دوٗدٕ باٹھ ییے

راجہ باے راجہِ چھکھ راجہ تون پوشہِ نے
دادلہ دکہٕ زد دلبر بو چھُسے

نظرِ چانہِ شاہ قلندر ملہٕ دوٗدٕ باٹھ ییے
چھلہِ چھلہِ صابن مَلہٕ دوٗدٕ باٹھ ییے



---

[۱] یہ باٹھ چھُ گوٗ ڈنجہِ لیٖرہِ چھپان تاہم چھُ بہ باٹھ تہٕ واس شنٕ رٕ برٕ و نھٹے مقبول۔ عامانہِ ممکن چھُ زِ فاصل صائیس پیٹھ ما آسہِ اشیک اثر پیوٗمت یمہ کنہ تمہِ بٕنٕ یہ باتھ دوٗبن۔

چھلہِ چھلہِ ملالہٕ ہاے دوٗدٕ باٹھ ییے
ازیی ژٕ سالہٕ ہاے دوٗدٕ باٹھ ییے

## شمس فقیر

ہا موختہٕ ہارو لوپختہٕ کارن موٚ روز ژھایہے
تَم لوکتہٕ و نے یَم ژیٚیے کِتھ میٚنے رَچھنے یہے
گُنے ژھاران سوٚن میٚیہ دِلس گُنے آیہے
دوٚن عالمن منٛز لوٚن چھُہ درامُت بے پرٛوایہے
ہا لوٚرِ بُرتیو لوٚرچھِ تے چھُم جایہِ جایہے
چھِنے حورِ پرٛی نالِ زٕرہی ژٕد نزٕ تے دایہے
چھُکھ دوٚرِ روزتھ سوٚنہٕ دوٚرن مارا ن گرایہے
کیا لوٚرِ لوٚرِ تے ہیٚرِ لوبہٕ چھُکھ سرتا پایہے
جوہر ژھانڈنہٕ لال فروشس بازار درایہے
چھُکھ موٚختہٕ ڈٕبن لوپختہٕ کارن ہند موٚلہٕ سایہے
بازینہٕ لیلاہ نازٕ معشوق یتھ نازٕ جایہے
چھُس شہلادان چھِنہٕ پیالن منٛز ہٕدٕرِ جایہے
یم لوٚرِ گیٔے تے تِم نہٕ لوٚرسے والس آیہے
محرمہِ رازن عاشقن چھے رمہٕ رٲنشن آیہے
شمس فقیر و عشقہٕ مسکین بیرون سرایہے
کرٕتھ موٚختہ ورشوٚن مرنٛز آلوم عرشیچہِ جایہے

شمس فقیرؒ

زنگی میو ماتنرے نم کمیو یارن دِتے برہم
میثرِ موڑ لوڈن آدم ناوپیوس بنی آدم
ناوپیوس بابہ آدم کمیو یارن دِتے برہم
کعبہ لوڈ حضرت خلیلنؑ زئین سار اسماعیلنؑ
انتھہ منزجیھڈ لوڈ آدم کمیو یارن دِتے برہم
نبیؐ صاب لبرِ دریاو ڈبہ تا جھس پکانِ ناو
جھس وزان زیروکم کمیو یارن دِتے برہم
بانگ پڑ حضرت بلالن قدم تروڈ ساڑی نبینؐ
امتس توری سرخم کمیو یارن دِتے برہم
مجنون پیوڑ برتل سنے لیس عشقیٔ کرتل
لاالہٰ زاوکارے خم کمیو یارن دِتے برہم
حضرت گئیہ بیمار خبرِ آیہ تس ژور یار
فاطمن ہیوت سے غم کمیو یارن دِتے برہم
شمشن لوزونہ وڑن دِلسے ہیوت نے کھنن
ساتہ ساتہ کاستس غم کمیو یارن دِتے برہم

## شاہد بڈگامی



مۆشس منٛے نِگارٕ پٕژ تتھ صدم مآنزِ اتھن وِچھان وِچھان
چیۆوِ منٛے شراب چون غم شوق پننُن رچھان رچھان
زہرِ ہلالہِ سیتی ژےٚ پیالہِ بوٚرتھ منٛے کوٚر قبوٗل
آبِ حیات زون منٛے چوم تۄ یے آسان آسان
ینہٕ ساژٕ جلوٕ نوٚن کڈکھ، ینہٕ ساتلکھ ژٕ بُرقہٕ تھوٚد
ینہٕ ساکرکھ ژٕ تتھ دِلس بێنیہِ تہِ سُہ کرُڈھ امتحان[1]
مرنہٕ پتن تہِ آسہم نظرِ تلے ژٕ رات دوہ[2]
قبرِ پھولن گلالہِ پوشس میانٛی غزل گیوان گیوان
بالہِ تھو نگین گژھے وۄنم حال پنن تِمو اۆسُم
ناگہٕ جو یوٗ دلاسہٕ دُیت پانہٕ گژھے وَدان وَدان
چانہٕ خیالہِ شاہدن نالہِ دوہ ہے سراب ژٕ
زون وصل منٛے پٕژ تتھ فریب لولہِ وتن پکان پکان

---

۱؎۔ بێنیہِ تہِ بدلہِ چھہِ لوکھ گیوان بێنیہِ بێنیہِ۔

۲؎۔ رات دوہ بدلہِ چھہِ گیوان وٲکی روز و شب استمال کران۔ (ترتیب کار ڈاکٹر آفاق عزیز)

## شفیع شیدا



وۄنی دِیو روٗخصت بگارس ژیر گوٚ[1,2]
شام گوٚ ییِٚتہٕ نے امارس ژیر گوٚ

اکھ سزا لبکھٕ نس ژٕے وأنْشا اکھ لجٕی
ہے ڈُلو کھأرِ دمے دارس ژیر گوٚ

شام تامتھ نیرِ ژھٹھ نَتہٕ عالمس[3]
کیٛوٗر کھُنز توٗ یارٕ نارس ژیر گوٚ

خوٗنہٕ مجنوٗن کرِو آلوَ ڈُتھو
پوٚش رنگہٕ ہَن لالہٕ زارس ژیر گوٚ

کأنْسہٕ ما چھُوٚ تیر وُنہٕ کاہنہٕ لایہٕ نے
ہے شفیع شیدا بچارس ژیر گوٚ



---

١. شفیع شیدا چھُ مسٔ موٚدُرتہٕ سوٚرۄٚد بخش شأیر۔
٢. یہ غزل چھہٕ وہمہٕ صدی ہندس شٔمِس ڈٕلس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ۔ (ڈاکٹر آفاق عزیز)

شفیع شیداؔ[1]



بٔنیہِ ژٕ بٔنیہِ ہم یاد بٔنیہِ گئے چاک جگرس بأ لیہے
بٔنیہِ مٔنیہ اۆش دَدرایہِ وۆتھ بٔنیہِ ڈُٹھ مٔنیہِ زخمن کرأ لیہے

ژۆٹ گوہ لابچہِ برأنثر میوٗنے سینہٕ میانہو دوستو
لوٗرِ شراپچہِ برأنثر میوٗنے رٔتھ خمس کلہٕ ڈأ لیہے

نازنینن ماہ جبینن ہیٚنڈی ہوس بُمبرأوی میٚنے
پٔنیہِ مٔنیہ جِگرکِ داغ ژٕ نأوِتھ تِمن نِنیہِ ڈألیہے

پٔرِتھ شبس گیہِ شیہِ قدرتس بٔنیہِ پراتکُ ہیوٗ ثواب
نالہِ مَتہِ لیَس یار زُلفکِ وأنکِ لیَس گئے نأ لیہے

ازتہِ ہیوٗ تھاوُن سلامتھ شوق تس مجنونہٕ سند
ازتہِ لوٗکن برونٹھ کنہِ ترأوُن مٔنیہ سرپیوٗ لأ لیہے

ازتہِ یٚتہِ جانٕن کتھن ہندموختہٕ چھکرتھ بازرس
ازتہِ یٚتہِ آواز چأنی بأگراوَن ڈأ لیہے



---

[1] شیداؔ صأبنہِ یمیہِ بأژی پأٹھی چھہ داریاہ بأتھ لیکھتہِ درأمی۔ شأیرن ہٕنزِ یہِ طریقہٕ ختم کرُن تہِ کیاز تِہُند کلامہٕ چھپنہٕ روزان ہمیشہ تِہنز سوٚمبرنہٕ ہنز زینت۔ اوسہِ قسمکی بأتھ چھیہِ زمانہٕ گذرنس ستی ستی لکہٕ بأتھ بنان۔

## شادؔ رمضان [۱]



کھش کوٚرتھ میانین امارن جان گوٚو
پانہٕ بیوٚٹھکھ شالہٕ مارن جان گوٚو
آہ کوٚرُم نالیو ژے لأیتھ تیر میٚے
واہ کران چھُس سینہٕ دارن جان گوٚو
الفتکۍ سودا کٔرِتھ واپس نیوٗتھ
دِل کُنتھ دوٚہ پرن شہارن جان گوٚو
اڈٕ کھشے ترأوتھ زُلفن اوسے غرضِ
پھش سٔھوٚوتھ دِتھ تلہٕ دارن جان گوٚو
ثروتھ کر زونم ژہٕ نیرکھ بے وفا
ڈُوٚٹھ سٔروٚوتھ لو بہارن جان گوٚو
یاد کرسے دوٚہ یِلیے وعدے دژوٚنھ
اہرِبل کِھن آبشارن جان گوٚو
ہشِ کتھا زانتھ ژے دوہ ہش میانی کتھ
کن تھوٚوتھ کر آہو زارن جان گوٚو
شادؔ رمضانٕنی تِمے تِم پرأنی خط
از لضابن چھکھ ژہٕ ژہاران جان گوٚو

---

[۱] شادؔ رمضان چھُ کشمیر یونیورسٹی ہندِس کاشرس شوبس منز کام کران۔

## شاد رمضان



میانہِ دلبر چانہِ رِژس دُنیا لباوُن چھا سہل
دوٚن دِلن ہُنٛد مٔیل گرٛھتھ دلدار راوُن چھا سہل

بُلبلس صحرادِ پوشن نِش چھُ واتُن نیب از
شبنمس دِل ہیتھ یتُن دامن بچاوُن چھا سہل

سونتہٕ اوٚبرس پیٹھ لیکھتھ پاٛغام سوزُن ٹھیکھ اوس
روٚدِ بٔبرن نام داٛتھ یاد تھاوُن چھا سہل

وائنسہِ ہُنٛد یارانہٕ ترٛاوِتھ تشنہٕ ہیوٚن تھادِتھ زلن
کائنسہِ ہُنٛد دیوانہٕ دِل پیمانہٕ چاوُن چھا سہل

چانہِ موکھہٕ شارن دِوان چھس ترٛائی کے ترووٚنے طرح
نتہٕ غزل اُزی کِہن دوہلابن دوٗر تھاوُن چھا سہل

یاد ییتھ یُن مقبرس پیٹھ ناد دِتھ گتھ گتھ کرُن
شاد رمضان چانہِ مرنک دوہ مناوُن چھا سہل



صمد میر[1]



وٕلِیو کارِ مُشکل بار گوب گوم دِتیراوُن پیوم
گو لالہِ پانُنۍ کالہِ رنگ گوم دِتیراوُن پیوم
کیاہ کرٕ نہٕ آیوس سمسارس غمہٕ رُوس ناکھیوم
دِمہٕ کسۍ ازلسۍ پی لیکھتھ گوم وِتیراوُن پیوم
در دِل مالِین دکہٕ دِتھ گوم وٲرِیو کرلوٹھ پیوم
حق ادس ہٕتِھ سخ کورم زاںٔم دِتیراوُن پیوم
یتھ چیر کھیٚے ینٛدرس توہہٕ کرُوم درٕ تلہٕ رُودادم
نوٗل گوٗسہٕ بازر موٗل ڈٲستھ گوم وِتیراوُن پیوم
موٗ کُجار اندر سے خط میٚہٕ سوزوم تتھ میٚہٕ پیارُن پیوم
لوٗ کُچار مٲلنو ژرٕنیے پتے گوم وِتیراوُن پیوم
پھمب ہٕنٛرِہ پینہٕ نے وِشرِہ نالیوم شرِہ ہستی صاف گوم
سنگدِل سفیدس رنگ میٚہٕ گوشوم دِتیراوُن پیوم
ونہٕ وٕلِیو ونہٕ کسۍ پی نہٕ زانیوم تی میٚہٕ زانُن پیوم
امہٕ سو نہٕ ہیٚرتم کامہٕ ہستی کاںٔم دِتیراوُن پیوم

---

[1] صمد میر زاو نمبل ہار بٲر کامہٕ ۱۸۹۲ءکیٚت تہٕ گذریو ۹ جنوری ۱۹۵۹ء تم چھہٕ نمبل ہار پلوبہٕ کنہٕ تہٕ پالہٕ پٲرِ ہیٚرکنہٕ لیو رِ گژھہ وُن ژھچنہٕ طرفہٕ دفن۔ سہٕ چھہٕ اہم صوفی شاعرن منز شمار سپدان۔

تتہٕ چھُس گلان وتہٕ کس ہیہ کیٛاہ گوم دوٕن ہندٮ۪ نباے ہیوم
اوش نتے خوٗن میہ دم کرٕتھ جیوم وتیراوُن ہیوم
نوسم پاد نوٗسیدہٕ زوٗ گوم یاد کرٕ نا یوم
تس پیٹھ صمد میرنس فداگوم وتیراون ہیوم

صمد میر



تن ناہٕ دُز آرٕ دلہٕ کہو کلہٕ کرو ٹھہراو
دیدارٕ ستی وارٕ بلہٕ کہو کلہٕ کرو ٹھہراو

ہے کیتی کرٕتھ گانگلہٕ دیہ کس تمناہ دراو
کھنیہ چنیہ بنیہ تھوٕ بلہٕ کہو کلہٕ کرو ٹھہراو

یُس ییتہٕ اوٕلے پھولہٕ تس تتہٕ گرُگونہ تہٕ ناو
تتہٕ چھا دِوان انہٕ کھلہٕ کہو کلہٕ کرو ٹھہراو

---

لہ۔ تن نارٕ دُز آرٕ دلہٕ۔ کیٛاہ کلہٕ کرٕ ٹھہراو۔ دیدارٕ ستی وارٕ بلہٕ۔ شارکس حلیہ چھُ تمام کتہ بن منزٕ ڈالنہٕ آمُت۔ کہو بدلہٕ چھُ کیٛاہ کرو بدلہٕ چھُ کرٕ، بلہ بدلہٕ چھُ بلہٕ استعمال کرنہٕ آمُت۔

دَچھِ لاَئنھ کھَر ہلِہِ ہلِہِ تتھ ماور زانھہ دراو
گاری گر کوتاہ دَلہِ کہو کلہِ کرو ٹھہراو

پلہِ کوٚنت پھوٚٹ سۄے کولہِ زانھہ نوشہ میٚنے نشہِ آو
نلہِ وٹھ میٚہ للہِ وُم لولہِ کہو کلہِ کرو ٹھہراو

یاد نہٕ بہ للہِ وتھ لولہِ بینہِ اکہِ دیدار ہاو
وُچھسے دوہے تھلہِ تھلہِ کہو کلہِ کرو ٹھہراو

ریحانہٕ ہستہ دِل بلہِ سو یہ کیاہ روٚٹ چکہٕ چاو
جوسے تسے شدرہٕ مارلے کہو کلہِ کرو ٹھہراو

موٚہ ییا ہسہ تسِ ٹھولہِ لوٚہ لاگہِ شیرس داو
شالس شبیا شراکھ ہلہِ کہو کلہِ کرو ٹھہراو

اغیارس گیہِ زولہِ صدمیرس آودراو
زنگ تہٕ پروٚن کوٚڈن پھلہِ پھلہِ کہو کلہِ کرو ٹھہراو



## عارف کرال [1]



پیرِ میانے شاہہِ جیلانٔے — سپر رچھتم مپر ہمدانے
چانٔی تارٖیف بہ کیا زانے — سپر رچھتم مپر ہمدانے
وچھتو خوٗدایہِ سنٛز کارسازی — پیر دستگیر رہنما چھُہ راضی
سٔید صالح پوٗر سامانے — سپر رچھتم مپر ہمدانے
پیر درالیوٗ پننہ نے وتے — عاصہ کھر کہہ اوسس اَتھے
توٗتِ چھُہ پیرا موٗت مستانے — سپر رچھتم مپر ہمدانے
گوٗ مدٔپنے شاہہِ جیلانے — یتھ شدرس ووت اکہِ آنے
گرٚزِ توٗ چھِ تے آب دراد روانے — سپر رچھتم مپر ہمدانے

پیرِ میانے متہِ مقبولو — بچہِ کٔڈٔنا گاندھے سٹھوٗلو
نظرِ چانے تمِ گیٔہ وڈانے — سپر رچھتم مپر ہمدانے
بصر چھ نتسَ کانٛدرٕ بابیے — پیر نظرے کہہ گبرزابیے
تمِ چھِ کھوٚرے مٔتی مستانے — سپر رچھتم مپر ہمدانے
کوٗل کڈنے ہیلہِ تمِ درابیے — کانٛدرٕ بلے وچھنے آبیے
ووت درگاہ آبلے روانے — سپر رچھتم مپر ہمدانے

---

[1] . عارف کرال چھُہ ۱۷۶۷ء کیٛنٛت ییٚندرٕ پلوامہِ زلوٗان ۔ عارف کرال گٔذرِیوٗ ۱۸۴۷ء منٛز سُہ اوس پانٛژہ تہِ شاعر۔ اَمی سٕنٛد کیٚہنہ بانٛتھ چھِ مسوٗدن منٛز رٔچھرِتھ ۔ اَہندے مرآد ۱۷۸۲ء منٛز مشہور شاعر سوچھ کرال لیٛس ۱۸۵۵ء کیٛنٛت مران چھُہ۔

ڈنھ آلبس پانے گرآنے — یا رحیم تہٕ یا رحمانے
لوٚرِ پتھٕ ژھٕٹے ڈوٚستھ دُرِ دانے — سپر رٔچھتم میر ہمدانے
جہازٕ رانن بڈٕ دِتھ بارو — لوٚسٹھ کھسی تو ہاگوناہ گارو
یتھ جہازس کیاہ گوو کانے — سپر رٔچھتم میر ہمدانے
شٔدرٕ منزٕ یِے جہازٕ گوٚ نارے — جہازٕ روٗمت اوس اکہِ گاڑے
برانتھ ترٲوِن مالہٕ تہٕ جانے — سپر رٔچھتم میر ہمدانے
زون پیرن چھم خطاہ پانس — ووسٹھ لاٗین آبے رواتس
شٔدرٕ منزٕ گاڈِ دورشانے — سپر رٔچھتم میر ہمدانے
ڈوٚپ سہٕ گاڈے وولہٕ گرٕ ھوٚیرتھ — یتھ شٔدرس اَسی یِمو سپھیرتھ
سٕپر اسی کرو آبک یہٕ بانے — سپر رٔچھتم میر ہمدانے
سٕپر کرنے درایہٕ آبکٕ بلانے — کارِ قوٚ درِتھ آب اوس وزانے
کتھ لوٗزتھ یتھ روٗد بلانے — سپر رٔچھتم میر ہمدانے
سنکہٕ منز کھوٚت موٚخت زٲنپانے — دوٗرِ کیاہ اوس زٕتہٕ تراوانے
تتھ منز اوس شاہہٕ جیلانے — سپر رٔچھتم میر ہمدانے
اوراد فتح یتھ ووت بردر — پر کھاونے مدینہٕ منور
تتہِ حضرتو کوٚر ہس نشانے — سپر رٔچھتم میر ہمدانے
اوس پیر اَکھ لڑی بالی — آیہٕ قرآن اوس ناٲلی
جایہ جلیے اوس پرانے — سپر رٔچھتم میر ہمدانے
کرتہٕ نظراہ ملکے جہانس — کم کیاہ گرٕژھی چانس خزانس

عارف کرال دعا منگانے
سپر رٔچھتم میر ہمدانے



## عبدالاحد آزاد [1]

ہر آلوٚے بہٕ پادن پالیس پیٹھو لگارو
ترأوِتھ میٚہ بالہِ ژوٚلہم ستھأوِتھ صدم لگارو
کوٚو زانہٕ کمہِ خشمے ژوٚلہم کرٕتھ میٚہ کرِشمے
کسَ کُن وُچھان چشمے وونیٚ لوسنم لگارو
أندرِی گنجِس بہٕ ہولےَ دل چھُم وزان میٚہ لولےَ
شرٕ باشہِ تے منولےَ وونیٚ تراو تم لگارو
کرٕہ تن کٔنھےَ وتے لوکھ معشوقہٕ میون ژٕرے چھکھ
ژیٚہ تہٕ مینے چھُ وعدٕ ازلکُ دہرے تے قسم لگارو
ونہٕ ہا کوہن تہٕ بالن تمِ میانہِ کھوتہٕ نالن
میونےَ جگرِ چھُ ژالن چانی ستم لگارو
کتراہ ہیٚژم ملامت کاُژاہ تجم ندامت
تمِ ساتھا قیامت کرَ مِشنم لگارو

---

[1] عبدالاحد آزاد زاو ژودٕ تحصیلکِس رانگر گامس منز ۱۹۰۳ء کینٕت تہٕ گُذرِیو ۴ اپریل ۱۹۴۸ء منز۔ آزاد چھُ ترقی پسند ادبُک اہم شأیر۔ بحیثیت انقلابی شأیر کوٚر سموٚ کاُشر قوم ہر رنگہٕ بیدار۔ یمو چھِ غزلہٕ، نظمہٕ تہٕ وژن لیکھمتی۔ (ترتیب کار۔ ڈاکٹر آفاق عزیز)

زاگ کرِ یوٚنہِ تر زٕ مٲنز ؤتھ کھٕ رٕ کتھ ژاکھ
دِلی کرِ شوٚر پٹھٕ ژلان لیکھ ہم لنگارو

زانِہ چھُم نہٕ زٕھِن مٕہ وٚدِلس دِنہٕ ہابہ تس مدلس
دِنی نیزٕ یٕیتھ بدلس کیتھٕ اوٗسے سِہم لنگارو
تیز کیاہ چھُ شولہٕ نارس آتش ہٕران خمارس
حُسنس تہٕ لوکچارس کیٛہنہٕ چھُنہٕ کم لنگارو
آزادؔ آو نالن وٚول چانٕہ زُلفہٕ خالن
چھِس لولہٕ موبہٕ والن گرٕ دی ہتی قلم لنگارو



عبدالاحد آزادؔ

خوش روز بہٕ سوز عشقُن بوز اے صنم غنیمت
دُنیا چھُ دارِ فانی اتھ منز چھُ دم غنیمت
کیا لاگ ساز و سامان ترٲو زُلف تا بدامان
کرٕ سالہٕ گُل خرامان چھی مٲنزٕ نم غنیمت
منز لولہٕ وارِ پھیرو بِم پوشہٕ ڈٲوری شیرو
وٚوتھ سُلہٕ سُلہٕ نیرو چھُے صبحدم غنیمت
صحراتہٕ گُل وُچھتھ اَس زانِم فقیرتہٕ سَنیاس
زانتھ بہٕ ژیٚنے پتے دراس چانی ستم غنیمت
نراوم قبیلہٕ دٲری لاجنتھ ژٕبہٕ یار مٲری
ناوس لگے بہٕ پٲری چانی صدم غنیمت

یَس پھوٗل نہٕ دل تہٕ جِگر ہیتھ لولہٕ نارٕ کٔمۍ زر
سۄ بوزِ روزِ محشر باغس ارم غنیمت
کیاہ کرٕ اتھ خُمارس ہیتھ نقد جان بہ لارس
بیدردٕ رشوٕ خارس دِیُن کانٛہہ رقم غنیمت
نادان دوستن ہُنر منتھ مَہ کھال پانس
تمہِ کھوتہٕ دشمنن کُن دارُن ہِلم غنیمت
آزادٕ ہے کتھاہ کرٕ لوٗد چھُس نہٕ زور تے زر
اُمی سُند ہَوس مہٕ راوِر چھُے بازٕہم غنیمت



### عبدالاحد آزاد

بے سوزِ دل ہنِ کیاہ سوزٕکہِ ترانہٕ والے
لوٗس مخولہِ مۄکر لولہٕ کہِ بہانہٕ والے
بُتخانہٕ ژٕنے بنوٗوتھ کعبٕک بناژ نہٕ تروٗوتھ
گیتا یہِ کیاہ خطاہ کھوٚت ونتم قورانہٕ والے
تقدیرٕ پننہِ ژٕ پانے تدبیرٕ پننہِ ژٕ پلانے
ژٕ ہی رنگ ژٕ ہی زمانے وہمو گمانہٕ والے
نئے دِل نہٕ سوزٕ ہمت دراکھ دنیچ علم منتھ
امہِ کھوتہٕ کیاہ قیامت آخرزمانہٕ والے

جاپان تہٕ چین گٔمٕژ سٕنٛد مکہٕ تہٕ مدینہٕ گٔمٕژ سٕنٛد
مجبوٗر زمین گٔمٕژ سٕنٛد ہا آسمانہٕ والے
لوٗزِتھ غرٔیبہٕ سٕنٛد آہ لرزان چھُ سورُ دُنیا
شُنگین یہِ چوٗن دل کیاہ زنگین مکانہٕ والے
یَس چانہِ عاشہِ بانٛتھ رالتس دوٚہ مس زھِننان رٕتھ
کوٚہِ چھپے کھران تَہِنٛز کیتھ مغروٗر خزانہٕ والے
کٔم چوٗنہٕ گچھ کران چھُکھ قولوٗنہٕ کسِ قلایس
عدلکی مکانہٕ لوٗہرِتھ رٕچھکہِ دُکانہٕ والے
آزاد اکھ زرا درائکھ گستاخ شوخہِ بےباک
عرشک جگر کورِتھ چاک فرشکہِ ٹھکانہٕ والے

عبدالاحد آزاد



دِل ساز نہٕ کر غمگین تقدیرِ تھکن والے
افسانہٕ پرن والے دلوایہٕ کرن والے
تقدیر چھُ النانس نیرنٛ منز مادانس
یَس توٗگ نہٕ گنٛدٕن جالنس بیچارِ گنٛدن ہالے
گنٛدہٕ کھےٚ دِلہٕ کسِ زارس ادِ گنٛدہٕ ستیٚ دلدارس
بیلہِ شورِ وچھان نارس درزِ پانہٕ بیٚنین زالے

دوستھ پانہٕ پنٕن سنٛز کرِن پانہٕ پنٕن رہبر
اوتار تہٕ پاٖغمبر لوٲن اَسی ہیتھ کالے
دوٗگنیار اگر چھُ مطلب لوٗزایہ نمازن ہنٛد
سوزِس یہ یہٕ بخشالشِ بنیہ تووٗری لدٕتھ ڈالے
انزرِس موول لیُس کھالان لیٖس آسہ ہُنزِس گالان
مردن لشہٕ ناانسان شہ تہٕ لیُس نہٕ تمٕس گالے
بٲیس دشمن گوَ بوے خوش خوے سیٖن بدخوے
کیاہ دنتہٕ ژہہ حاصل اوسے دینکہٕ دم دِنہٕ والے
انسانَس کرِتھ لعنت گنٛتھ پانہٕ کران قوٗدرتھ
روٗہ پیٚہٕ کھاسی چھِ انتھن کیتھ غم انزی اندی سوٗنہٕ سنٛز تھالے
ہیٚندِس تہٕ مسلمانَس شبرنتھ اَکی ہیے بانَس
زانُن تگہٕ انسانس کیاہ مانہٕ چھُ مثالے
تسَ دردہٕ غزل خالسَ صد حیف ہزار افسوس
یُس خام خیالن پیتھ زوٗ جان ہنٛن گالے



عبدالاحد آزاد



راوان یس چھُ آدن تس کتہِ قرار آسے
کیاہ زانہ بِنیہ سَندٕ دون لَیس تازٕ بہار آسے

خونے جگرِ چھُ چونے رِندن ہُند گِندونے
تُسے زانہِ لَیس لِلہٕ ووٕنے منز لولہِ شہٕ نار آسے

تدبیر چھُ کیا مردس تقدیرٕ کسے کردس
یِی گوم لیکھتھ فردِس تی کونہٕ منیہ یار آسے

کمہِ لولہٕ غزل پرٕم دُردانہٕ دھانہٕ ہرٕم
سوزس منیہ طومارٕ کرٕم لوزان ستہٕ یار آسے

چشمن ہنیزٕ ناگہٕ جوپیے سگ دیت منیہ دردچہ منیے
بوڈ ہردِ وُچھنے ہیے زن تازٕ بہار آسے

لوزان یم میانی ولیے آلیس نہٕ نیندر سے زٕ لئے
بالا استہٕ کرٕ زلس گلے تس ووٕنہ خمار آسے

وُچھ لالہٕ کمہِ مدن کھسے منزٕ ودن ودن
دوہہ اکہِ یم ساٹی بدن سوسن تہ مزار آسے

منز لولہِ کہن اخبارن آزاد چھے موختہٕ ہارن
منظور خریدارن ییتھ نامہ لنگار آسے



## عبدالاحد آزاد



بُالہِ یے ونتے دِلبرس وعدس وفا کرے
تراوِ نا ملالہٕ ہاوِ روٗ سے سۭنٛگادِ قدم کتھاہ کرے

وسمہٕ کرٕتھ خنجرٕ بمُن ژالیو بناز چمن
یمبرزلن تہٕ بادمن فصل بئنُ خودا کرے

رحم تے عار چھا یمن سنگدلن تہٕ ظالمن
زانہِ خودا کمن کمن مأنزِ نمن فدا کرے

اَمِی اندازٕ اے صنم تلکھنا لقابہٕ دم بدم
بنٛدٕ پرن صَنم صنم قبلہٕ تے کعبہٕ کیا کرے

آزادس چھُ لولہٕ زرتشٕ ژٕ سے سنٛگادٕہن اگر
دُچھتہٕ سِے عالمس اندر تازٕ فیامتھاہ کرے



## عارض ؎



چانہِ برتَل آلیس یژھِ مدٕلو — شلہِ پدمانی کرٕتھس لتژھِ مدٕلو
اسیہ رؤشتھ ودِ پرن نشہِ ہیوٗٹھک — لیَس ژٕلوٗٹھیو کھِ تس کیاہ گژھِ مدٕلو
خوشہِ باران ہارات لاران چھَس — لولہِ زرٕ چھُم پدنس رژھ مدٕلو
گاش چھیٚے ہمَو نازنیٖنہِ دوٗن چشمن — لال چھیٚے ہمَو گنڈِ تھو ھژھِ مدلو
سونہ ساوِس ردہ پہ تن آلیس ہیتھ — وژھِ واٚنجہِ دِمیو کژھِ مدلو
ماسے برتُم تہ پژٕرِ شہِ کتھ کرتُم — لاٚل پیاران چھَس یژھِ پژھِ مدلو
دارِ ترٚوِ پرتھ دوٚ پتُم ریتہِ خاٗرانتھ — دِتہِ جلواہ بیٚنہِ کیا گژھِ مدلو
میٚہ تہِ ژینم نہ چانہِ الفتہِ بیمارٕ — یٚتہِ لولک شُر ہیتھ گژھِ مدلو

گوٗش نادن تہٕ کن ستھاو فریادن
موٚت عارض بیٚنہِ کیاہ یژھِ مدلو



---

؎ غلام نبی عارضَن اوس رانگر ژودُر لیسان۔ مۍ اوس عبدالاحد آزادس ہیٚنتھ۔ عارض اوس جان لیوٗ رمت لیوٚکھمت۔ ۱۹۴۱ ءَ منز بنیوٚو سہ فارسٹر۔ عارض چھُ لولہٕ ہوٚت شاعر۔ مۍوٚدرتہ میوٚٹھ کلام چھُن وٚونمت۔ غزل نہ نظم چھِن تحریر کٔرِی متۍ۔ اُمس سیٖز ہیاتی منز ہے سیٹھاہ مشہوری۔ ۱۹۶۵ ء ستمبرس فوت تہٕ آدِ ینِس ماجِس لیٚر رانگرس منز دفن کرنہٕ۔ کلیات عارض چھِ غلام نبی گوہرن ترتیب دِژمژ تہٕ اکیڈمی کرٕ ۱۹۷۴ ہس منز چھاپ۔

## عارض



بال آیس چانہٕ الُفتہٕ لولو　　لأل دراَیس لالس پتہٕ لولو
متہِ لگہٕ لوٚ کتہِ چانہٕ وتہٕ لولو　　لأل دراَیس لالس پتہٕ لولو
سوٚنہٕ ساوٕنہِ سمسار گیلان چھم　　روٗ پیٹھ بدلنَس نبہٕ نار تیلان چھم
زیتہٕ وأنجہِ لولچہِ کتھ لولو　　لأل دراَیس لالس پتہٕ لولو
کالہٕ ہوٚلسَ زأگی وانکہٕ پیٚر ستھ چھس　　لالہٕ روٗلس گردن دأرِتھ چھس
میوٚن یاوُن چانہٕ قسمتہٕ لولو　　لأل دراَیس لالس پتہٕ لولو
میانہٕ دلبرو کیٚمو تاویز کرٕ ٔی نے　　کھمیہ پترٕ بنہٕ سوٚنہٕ میانہِ کن بڑٕی نے
نامہٕ لیکھہٕ لو ہٹہ کے رتہٕ لولو　　لأل دراَیس لالس پتہٕ لولو
تنہٕ منہٕ چھس شوقہٕ سان وَنہٕ ناوان　　نیرس وندری گوٚندرس وَنہٕ ناوان
کوٚ چھہ للوٚتھ متہِ محبتہٕ لولو　　لأل دراَیس لالس پتہٕ لولو
زنگہٕ زنگہٕ چھس وازہِ وان رنہٕ ناوان　　مس کھأسی ہیتھ مدنس منہٕ ناوان
کھبتہٕ لقماہ داما چیٚنتہٕ لولو　　لأل دراَیس لالس پتہٕ لولو
آبہِ زمَ زمَ ساقہٕ آمُت ہیتھ　　حوضہِ کوثر عأرض درامت چیتھ

ٹوٗری بڑی بڑی مے مأری فتہٕ لولو
لأل دراَیس لالس پتہٕ لولو



## عارضؔ



اِشارِ چانے قرار رووُم ژٕ بیے عاشق عشرتھ مے بے قراری
مے کرِ فقیری ژٕ سے بادشاہی بہٕ مفلسی ہیتھ ژٕ بیے تاجداری
قبیلہٕ ترادتھ ژٕ سے ییتھ بہٕ درالیس ہشرم ملامتھ تٕہٕ ندامتھ
مے یژھ تہٕ محبتھ ژٕ بیے دِ سے تہٕ لفرتھ مے شیترٕ گیلن ژٕ سے راضی ساری
قٕصور کیا چھم خطا کھوٗتم کیا بلایہ لگہٕ لو ہیو سے وفا چھا
ژٕ دور زاگان ہتن نہٕ ہاژن مے چشمہٕ لوسم ژٕ سے پیاری پیاری
مے دوہ کوہس میٹھ ژٕ سے تازِ یاوُن مے سور موُلمت ژٕ سے باغ پھوُلمت
ژٕ سے خال شوبان گوُلاب رولس گلالہٕ پانس مے خوٗن جاری
ژٕ سے شوقہٕ شاہی لباس لاگتھ شہانہ درامت نین شکارس
خیالہٕ چانے بہٕ سینہٕ داغتھ مے بروشتھ پکہٕ چنج کرم تیاری
دِلس اندر چھم چھتے تمنا ژٕ میون موحبوب بہٕ چانی لالہ لالہ
ژٕ اورِ مس چیتھ مے زوٗ اتھس کیتھ ژٕ سے آسے ہرنے مے دم شماری
کمانِ ابرو کمندِ گیسو الاندی ژٕ اوتھ سمتھ چھ ماہ رو
بہٕ خستہٕ عارض شکار ڈلتھ شکاری آمت ژٕ ستھِ زو پاری



## عارضؔ



ولہ

نیاسے لولکُ لالسَ باون چھُمُ — دود بدنکُ مدلنس ہاوُن چھُم

گُچھہِ کتھہٕ چھسَ پیاران معشوقسَ — لیچھہِ ناوِس نیلے اُنزراوُن چھُم

حوٗر دراليس دوٗرٕ کُن الہٕ راوان — ٹوٗسھٕہ یاوُن ہاوُن تہٕ باوُن چھُم

شٔرٕ یِمہِ سِندِ گرٕ پتہٕ گرٕ پھیرس — موٗت یاوُن لسٔی پتہٕ چھاوُن چھُم

گوٗرٕ کرٕ لوٕ درٕ دانہٕ سوٗن گرٕ لوٕ — زور موہ کرٕ بیم از پرٕ گھاوُن چھُم

بالی اَنتِن کنہٕ ہتہٕ منہٕ ناوِ ستھ — جامہٕ لولہٕ کِہٕ دامہٕ مَسٕ چاوُن چھُم

یارٕ کرٕ یتن چارٕ یا متہٕ کرٕ یتن — زار وٗنی وٗنی نار شہلاوُن چھُم

چشمہٕ نرگسِ نوٗرٕ وزٕ ملہٕ لوسَم — چانہٕ لولکُ باروٕ یتراوُن چھُم

راز راویم نوو ہروٕ نہٕ ناوان
موٗت عارضِ کتھہٕ ہیچھناوُن چھُم



---

لہ . عارضن اکثر کلامہٕ چھُہٕ لوکن منز مقبول۔ داں ڈلن تہٕ محفلن منز چھُہٕ عارضن کلام لیسلہٕ پاٹھی گیونہٕ یوان ۔
(ترتیب کار ۔ ڈاکٹر آفاق عزیز)

## عبدالاحد[1]



جانانہٕ سالہٕ سانے یکھنا بلایہٕ لگہٕ یوِ
بیمانہٕ چھیِ بٕرۍ بٕرۍ چکھنا بلایہٕ لگہٕ یوِ
تتہِ آو رنگ گوٗلابس ینتہِ تراو داغ گوٗلاٮ۪سَ
سُل ہا چھےٚ پاٮ۪سَ پیٚتو پکھنا بلایہٕ لگہٕ یوِ
میٚنہٕ چھُہ چون دِلسے امار لوٗتِ کیا روٗٹ تھٲم غبار
یے تابسَ دیدار دِکھنا بلایہٕ لگہٕ یوِ
بُزۍ بُزۍ کباب جگرس پیش کش یارہٕ تھٲیہٕ مےَ
چانے میٚنہٕ آتشہِ کرٕ مےَ تھپکھنا بلایہٕ لگہٕ یوِ
تراو کھنا ژٕہٕ ملاٮ۪سَ یکھنا سون سالے
کٔتھ چون خط و خالے ہاو کھنا بلایہٕ لگہٕ یوِ
نارہِ دوٗد سینہٕ میونے مِٹہٕ چھے بار میونے
کرکھنا چارہٕ میونے درکھنا بلایہٕ لگہٕ یوِ

---

[1]۔ عبدالاحد اوس نایدِ کَدلہ بسان۔ شاید گُذریوو ۱۹۸۸ء کیٛت۔ مےٚ اوس کاشرین بانٹن ہندِ لوکٹ لوکٹ پمپ لیٹ چھاپ کرٕتھ کنان۔ یمو چھُہ کاشرِ زبانٕ ہندِ واریاہ کلامہٕ چھاپ کرٕتھ ژُزھ رومت۔

بازیگر لاگیتھ آکھ تاراج کرئتھی دراکھ
سنگدل بے وفا دراکھ دراکھنا بلایہ لگہ یو
امہ لولہ چھے تبرے کوٚرنم زیرڈ زیرے
زاشہہ لسہ آم خبرے یکھنا بلایہ لگہ یو
کھسکھنا سانہ ہیٚرے پوش لاگے بہ شیرے
لالہ ہندِ گرِ اطلاس لاگکھنا بلایہ لگہ یو
دلر بس چانی لادن سرہو وندے یادن
کن ستھاو میانین نادن ستھادکھنا بلایہ لگہ یو
وۆن احدن خیالاہ تراو میونی ملالاہ
عرض میون پیشہ مولاہ نکھنا بلایہ لگہ یو



## عبدالکریم



شیچھ میانہٕ تس کس نیٖیے | چھُم لول کر سناہ ہیٖیے
ڈُھنٛڈ وچھ بہٕ وُچھہِ ہن ہیٖیے | چھُم لول کر سناہ ہیٖیے
ہا واوِ تس دلقرارس | نتہٕ گراوِ چھس انتظارس
دلہٕ تس اوِ یاد پیٖیے | چھُم لول کر سناہ ہیٖیے
آدن تس پتہٕ روومُم | دمہٕ ستی پان بدلوومُم
ساٗدن دۄنم سہٕ ہیٖیے | چھُم لول کر سناہ ہیٖیے
روزنہٕ کھیے ستی فرقانس | نزدیکھ واتکھ نہٕ پانس
واصلن تہٕ حاصل چھیٖیے | چھُم لول کر سناہ ہیٖیے
چشمو ستی گرژھہِ یکٕن | نتہٕ کیاہ چھُ نہٕکے تھیکن
عالمہِ غائب یہٕ نیٖیے | چھُم لول کر سناہ ہیٖیے
نین جنگلن تہٕ غارن | لبے چھُیے بنیا دارن
تمہٕ تور واصل گیٖیے | چھُم لول کر سناہ ہیٖیے
ہا پانہٕ کتہٕ چھیے نربہٕ گرے | کتہٕ آکھ تی کر تہٕ سرے
عارفن تہٕ عیان چھیٖیے | چھُم لول کر سناہ ہیٖیے

---

لہ ۔ شاید ، بلکہ

۲ہ ۔ وۄستادن ، مرشدن ، مدد کرن واٗلی ، وتھ ہاون واٗلی ۔

تاشوق ستی از سکارس عاشق چھُے انتظارس،

ماشوقہ سنزٕ رے شیٖیے چھُم لول کرسناہ ییٖیے

زونم نٕہ مے یٔژ کالس ووتُس اندر وِصالس

مۆر میون تیٚتی اوُسیے چھُم لول کرسناہ ییٖیے

از راہبہِ خود وُچھ آگر عبدالکریمہٕ حبس کر

محمدؐ عربی چھُپیے

چھُم لول کرسناہ ییٖیے



عبدالکریم

سیرٕ پنہم پادٕ گو نشہِ آدمس طول زٕ یے لگٕ آب کھالنہِ کوٗنٹرس[1]

پیرٕ محرم وارٕ کرتم اتھ ورس طول زٕ یے لگٕ آب کھالنہِ کوٗنٹرس

سیرٕ گنجہِ منز پیرٕ دژ تھم اکھ ذرا دوٗرٕ[2] دانٕو گاہ میہٕ تروٗم جابجا

زیرٕ بم چھے تارِ نیوٗ نم جوش وٕہ حبس طول زٕ یے لگٕ آب کھالنہِ کوٗنٹرس

سیرٕ چاٚنی چھُس للہٕ وان چھُم نہٕ زٕ ہن زیرٕ چاٚنی چھُم میہٕ گامژ ہر سو عَن

پیرٕ ستھ چھُم چیرٕ چانس دامنس طول زٕ یے لگٕ آب کھالنہِ کوٗنٹرس

---

۱۔ پیرٕ گوٗ شاہ کھسن نہٕ دُسن۔

۲۔ وزن قایم روزنہ باپتھ چھُ دوٗر دانہٕ لیکتھ تہٕ چھُ لفظ دُر دانہٕ۔

ناو مبأنی شولہِ ماران منز ڈلسَ     واو وایان منز بہ وو تُسَ نیر ملسَ
داوِ عشقنہِ چھُس بہ لوٗگمُت باوِ کسَ     طول زٕ ے لگی آب کھالنہِ کوٚنثر سَ
تراوٕ سورُے تھاو پانس کُن خیال     داو زٕ یتھ ادٕ سپدِ کھ لازوال
تراوِ غفلتھ راوِ تہٕ اندر راوِ لتسَ     طول زٕ ے لگی آب کھالنہِ کوٚنثر سَ
دایہِ اکہِ نتھ داتہٕ لو ولسَ در حرم     ماہہِ تابان شاہ میرٕ وچھ تتہٕ باحشم
شاہ جیلانؒ ہستی چھُے تسَ افسرس     طول زٕ ے لگی آب کھالنہِ کوٚنثر س
ملکوتس منز تاخیدِ پان سرائے     جبروتسَ لِنشہِ گژھنے پادٕ پر
حبلِ الورید سیر کر چھُے در نفس     طول زٕ ے لگی آب کھالنہِ کوٚنثر س
تن تہٕ من گند ہستی داوس گرنہ وڈان     ہمن ہستی رہبر منز لسَ کُن گژھ لکان
دوہ تہٕ راتھ ہاوِی سہ امہِ کے گھس تہٕ وس     طول زٕ ے لگی آب کھالنہِ کوٚنثر س
پوٚختہٕ عبدالکریمہٕ لوٚڈ وے چھُے نُن     لوکتہٕ عشقُن دم بدم دردِ دل کھنن

موختہٕ ہارس زٕھین مہٕ کر زانہہ گنز رتسَ
طول زٕ ے لگی آب کھالنہِ کوٚنثر س ؎



---

؎ تاخیدِ چھِ کاشر پاٹھی تحقیقکس مانہِ لیس منز استعمال سپدان۔
؎ یہ باتھ چھِ ریڈیو پیٹھ گیونہٕ یوان۔ محفلن منز تہٕ چھُ عبدالکریمن گیون مشہور۔

(ترتیب کار۔ ڈاکٹر آفاق عزیز)

عبدالکریم



ہمو کوڑ ہو تہ اللہ یار لئتی یے
تمے گیئہ وعدہ وفا دار لئتی یے

چھُ تمہ نے دیدنے دیدار لئتی یے
تمے گیئہ وعدہ وفا دار لئتی یے

سہ نوراہ نور نشن پادُ سین
محمدؐ ناو تھندے رود تھکُن

بہ کرہس سر ینُ نیثار لئتی یے
تمے گیئہ وعدہ وفادار لئتی یے

قدے بالا میہ ڈلو نتھم دِل میہ گو شاد
دِسَ تصدیق بیو تھم کوڑ میہ فریاد

میہ گو آلو بہ ثراس دربار لئتی یے
تمے گیئہ وعدہ وفادار لئتی یے

یمے اندر چھ ثراہتی ہفتہ خالنس
تمو کوڑ سال بیشک لامکانس

چھِ واتان تور واصلہ کار لئتی یے
تمے گیئہ وعدہ وفادار لئتی یے

یمیس کرِ نظرِ سائی پیر کامل
سہ واتی عالمس غائب گیاہ چھپھ مشکل
مگر آسن سہ گژھہ ومدار لئتی ییے
تمے گئیہ وعدہ وفادار لئتی ییے

میٔہ وُچھ تتھ جایہ وائتتھ ستھ سمندر
اڈٔین اوس موختہ کیٔتژن لال اندر
وچھم کیٔتژن وہ تھان فموار لئتی ییے
تمے گئیہ وعدہ وفادار لئتی ییے

بہ گوس تمہ تور وچھمے دفترے کلُ
میٔہ گوٗ گوشن صدا سلطان ڈلو نیرُھم
وچھم تس ڈیڈی وان شھار لئتی ییے
تمے گئیہ وعدہ وفادار لئتی ییے

اگر مشکل ژہ تروپرتھ وارِ روز کھ
نہٗ عالم پرژہ ناوکھ زندہ روز کھ
مگر چھیٚ للہ ناون نار لئتی ییے
تمے گئیہ وعدہ وفادار لئتی ییے

یتے میٔہ سیر بوزم اُمی فقیرن
ستے میٔہ سوزِ سلطان گوم گوشن
ونے کیاہ کتھ ونان ازکار لئتی ییے
تمے گئیہ وعدہ وفادار لئتی ییے

ژٕ لۄزِم واد ھر دم یاد کرٕ تَم
ژرٕیٛہ سۭتۍ عبدالکریمن سۄزرٕ بہٕ سرخَم
دٔپان ژرٕیٛنے پتہٕ میٛہ روو لوکچار لٔتیٛریے
تِمَے گیہٕ دعٕدٕ وفادار لٔتیٛریے



عبدالکریم

شاہَس سیتین ژٕ سنھاد توٗلَے
بَنی اد غاٰیبہٕ غاٰبانے
بَنی دیدار گرٕ ڑھکھ مَحوَے
نَنی اد غاٰیبہٕ غاٰبانے
ژٕ گرٕڑھ پیرن سٕر ہاوہٕ لوٗ[1]
وَنی غاٰبانہٕ غاٰیب کیا گو
دِلَس کھٔن آیہٕ فرقانے
نَنی اد غاٰیبہٕ غاٰبانے
اگر واتن تنگی پانَس
کرکھ سٔاوال غاٰیبہٕ غاٰبانَس
پَرکھ لولکٕ سیرٕ افسانے
نَنی اد غاٰیبہٕ غاٰبانے
قدم تلٕ چشمنٕ کرٕ پاد
مَشہٕ بینہٕ زانہٕ کرٕن فریاد
ہیٛنچھکھ از کارِ سلطانے
نَنی اد غاٰیبہٕ غاٰبانے

---

[1] لوٗ لفظس چھِ وارِیاہ مانہٕ۔ لوٗ گیہٕ اَلٰہکل آسنٕ شمٕس چھ اَمیک سنخ لوٗ۔ وَتھ آغاز کتھ۔ شوٗزدرع۔ صبحکٕ نور پھٔلنکھ ابتدا۔ طریقہٕ۔

سجوُدس سِتی ژِ روز ہر دم — یہ چھےُ موجوُد تہ رَٹھ محکم
یہ چھےُ سورُے اوَیزانے — نَنی اد غاآبرِ غاآبانے

مِیہ تھی آدم لوُدُے ذاتن — ہیہ وچھِ پانے نصف راتن
لدُیتھ سے کیازِ لہرانے — نَنی اد غاآبرِ غاآبانے

نظر کرِ جالوارن دوون — پَردرَوشنے کران ہنیرلوبن
وُڈان تمِ زبرِ فرفاتے — نَنی اد غاآبرِ غاآبانے

صفا لوُدوَے ژِ ستھاوکھ دل — وفا دارو بَنکھ واصل
لقٰے اثبات وُچھکھ پانے — نَنی اد غاآبرِ غاآبانے

ہنےَ درغاآب کوژم ٹھہراو — تنےَ عبدالکریم چھم ناو
زِہنےَ آسے بہ نالانے
نَنی اد غاآبرِ غاآبانے[1]



---

[1] . یہ باتھ چھِ صوفی منفامکُ . اتھ منز چھےُ روحانی سفرچ کیفیت درج . موسیقی تہ لے چھےُ اتھ منز طیس بیٹھ . یہ باتھ چھِ عام لوکن زبان زد . خاص کر تھ چھِ یہ باتھ فقیری محفلن منز گیونہ یوان .
(ترتیب کار ڈاکٹر آفاق عزیز)

## عبدالغنی مدہوشؔ ؎



ہا فقیرو میانہٕ جنگلچ لےٚ چھےٚ لو
دیدارس چھس بہ پیاران راتھ دوہ
چشمہٕ بادامن ہنزی درٕے چھےٚ لو
کتہٕ آسان چھےٚ ژینہٕ ٹھیکان توڑی کیمے
آستانن مسجدن منز سےٚ چھےٚ لو
داد دلدِ پانس میہٕ گامتی چھم سراخ
مینے ترأوِتھ دوہ پرن ہنزٕ لےٚ چھےٚ لو
مشکہٕ عنبر چھکھ ملان اتھ رویہٕ ہے
آبرٕ کوثر تہٕ ناون غوسے چھےٚ لو
نرم دلِ لوٚد آسہکھ بوزٕہم ویداخ

مارِ کٔرتھس میانہٕ جنگلچ پےٚ چھےٚ لو
زلفہٕ کو لنکل چھیتھ ژینہٕ ترٲے مستی بک سو
ہا فقیرو میانہٕ جنگلچ لےٚ چھےٚ لو
سایہٕ کرتم ژےٚ نتے گٔنے سجدہ دِمے
ہا فقیرو میانہٕ جنگلچ لےٚ چھےٚ لو
چانہٕ باپتھ چھس دوان بڈٕ بڈٕ ویداخ
ہا فقیرو میانہٕ جنگلچ لےٚ چھےٚ لو
مشکہٕ ادفر چھکھ ملان اتھ رویہٕ ہے
ہا فقیرو میانہٕ جنگلچ لےٚ چھےٚ لو
مدہوشس بہ تلے چھےٚ اشتیاق

جلوٕ ہاوتم ذاتہٕ ہنز درٕے چھےٚ لو
ہا فقیرو میانہٕ جنگلچ لےٚ چھےٚ لو

---

؎ - عبدالغنی مدہوش زاو وُہمہٕ صدی ہندس ژورِمس دہلس منز سرنل اننت ناگہ - تہند وَنُن چھ یہ زِ یہ باتھ چھِ تمو شعمہٕ جمازؔ دوران وۆنمت - یمو چھ ڈوڈ ہتھ بیٛچھی غزل تہٕ وٲژن بیترِ ڈٲنی متی - دون چھ شاعری کٔن کیمے ہہن کران - از کل چھ کشمیر یونیورسٹی منز بحیثیت پروفیسر کام کران - یتھ پانس ستی چھ پہن ادیب دعوا کران زِ یہ چھ للہ باتھ - میہٕ نہٕ چھ یتھ لگہ یاتھ لو زمت - تاہم چھ یہ تمِ للہ باتہ وکھنے یدون - وون گوٚ کنہٕ لگہٕ چھ ہشر تہٕ -

## غلام احمد فاضلؔ [۱]



بہ وۄنا مدن رُوٗٹھ میانین کتھن پیٹھ
کرِستھ رام اَنٛز تون از دعوتن پیٹھ

ہٹیکۍ رٕتھ بہ کٕڑ ہاٚ شمن لش بہ ملہٕ ہا
تمنیکۍ بار ژالیا سہٕ نوزکۍ اتھن پیٹھ

گژھان چھس بہ جاران سۄ جانانہٕ ڈلتان
اوَے رُوٗزی چھس گژھان لوُوتن پیٹھ

میہٕ لش دوٗر ساتھہٕ گژھکھ یام یارو
بہ زانے میہٕ تراوِتھ ژٕ گوہم رٕتن پیٹھ

کھنتھ بر جگرِ فاضلس چھانٛز صوٗرت
لگِیا دوٗنٛز تمِس دل بیٚین صوٗرتن پیٹھ

---

۱۔ فاضلؔ زاو ۳۰ اگست ۱۹۱۶ء منز ڈبِ تل زینہ کدلہ سار کل چھہِ گلشن نگر روزان۔ دُنیاوس سۄ دیہہ دُہر سے بنیلہٕ تمہٕ کرالہٕ کوٗر تخلیق کرٕ لیوہ از تہٕ عام لوٗکن زٕلو پیٹھ چھپے۔ نعت لیکھنس منز چھ سۄ سیٹھاہ مشہور۔ غزل وژن نہٕ نظمہ تہٕ چھ سہٕ لیکھان آمت۔ واریاہ ترجمہٕ تہٕ چھ تمِو کرِی متی۔ محکمہ تعلیمس منز روُد سہٕ بحیثیتِ وۄستاد کام کران۔

(ترتیب کار۔ ڈاکٹر آفاق عزیز)

غلام احمد فاضلؔ



چھَلہِ چھلہِ ملالہٕ ہاے ڈوٗبی بأییے
صُبحچہِ پڑہوٚ چھےٚ ڈٕکہٕ بیٹھٕ شولان
مَستس ژھابہٕ چھِی گٹہٕ پُچھہ ڈولان
ہتھِ کے جمالہٕ ہاے ڈوٗبی بأییے

اَدلِہ خطہٕ چھَکھ زادلِہ رُمہٕ چھَکھ
اَسہِ کُنٚ یامتھ چاران بُمہٕ چھَکھ
بہ کوٚدِ سَمبالہٕ ہاے ڈوٗبی بأییے

شبہٕ اکہِ لولن سُکہِ وزِہ ناوکھ
مَس ہے چھُوراوکھ عشقن پاوکھ
کولہٕ بیٹھٕ شُرالہٕ ہاے ڈوٗبی بأییے

دَشہِ دَشہِ رُمہٕ رُمہٕ اندِ اندِ سوٚمبراو
اَنہٕ خوٚ تہٕ صاف چھِی آلبس منٚتر تراو
گوڈٕ میون دُشالہٕ ہاے ڈوٗبی بأییے

بہہٕ تلہٕ دِس چھا اکہِ ڈٕنجہِ روزان
مَلہٕ وُوتھ لیس تسٕی کنہٕ بیٹھ چھاوان
آبے زُلالہٕ ہاے ڈوٗبی بأییے

اَسہِ پی ژٕ سالہٕ ہاے ڈوٗبی بأییے
شامچہِ زٕژٕ چھےٚ ہٹہِ ٹٔلی زوتان
زوٗنہِ آفتابس ارمان روزان
چھَلہِ چھلہِ ملالہٕ ہاے ڈوٗبی بأییے

سٕگرن وٕزٕ مَلہٕ کھٕڑان سُمہٕ چھَکھ
میانن اَرمانن تُوت گُمہٕ چھَکھ
چھَلہِ چھلہِ ملالہٕ ہاے ڈوٗبی بأییے

زن ژٕ کلہٕ والن مَس چھُورآوکھ
وۄتھِ وۄتھِ جگرِی نیمہ ژٕ مٔژراوکھ
چھَلہِ چھلہِ ملالہٕ ہاے دوٗبی بأییے

پمپوش اتھ چھِی رسہٕ رسہٕ مٔژراو
آبس ترٲوِتھ ہنہِ ہنہِ کٔژناو
چھَلہِ چھلہِ ملالہٕ ہاے دوٗبی بأییے

کُنہِ داغ نیران کُنہِ داغ لاران
کُنہِ بیٹھ چھاوی چھاوی مَنہٕ پرِ پزلاوان
چھَلہِ چھلہِ ملالہٕ ہاے دوٗبی بأییے

چھوٚکلی چھوہ کھدِی رنگ روٹ آبن — ترِ چھےٚ پوٚشھ دِی لوٗٹلیٹ صابن
یمہِ متہِ لاگتھ پوشن پاژھبن — یمہِ ماشھکنے میٚہ چھ چانٛی لادن
ژہِ تلی زمالہِ ہاسے دوٚبی باٗسے — چھلہِ چھلہِ ملالہِ ہاسے دوٚبی باٗسیے
تاپس کمہٕ دوٚپ رزِ پیٹھ ستھاوِتھ — رزِ پیٹھ کٔمۍ دوٚپ شہلِس ترٛاوِتھ
ملہِ وول داوَن گوس ہوٚکھ راوِتھ — لُس آو عشقکہِ آبہِ تن ناوِتھ
یمہِ چھےٚ مشالہِ ہاسے دوٚبی باٗسیے — چھلہِ چھلہِ ملالہِ ہاسے دوٚبی باٗسیے
تہہ کرِ مزہ انارہ جامَن — واش کڈ چھِ یمن طلہِ دار دامن
یمِ ناٗلی لاگتھ گلہِ اندامَن — حوٗرن پرٕین دلاٰرامَن
مہریٚنہِ حوالہِ ہاسے دوٚبی باٗسیے — چھلہِ چھلہِ ملالہِ ہاسے دوٚبی باٗسیے
رسہِ رسہِ اتھ لاگ میانین وستن — لوٗسہٕ زندگی پیہ دل خستن
گیٚنہِ کڈ لگہِ ہسے روہپہ گلدستن — ادہِ تشرِ کندِ تل شہٚلِم تن مَن
دلہِ کِسے خیالہِ ہاسے دوٚبی باٗسیے — چھلہِ چھلہِ ملالہِ ہاسے دوٚبی باٗسیے
بوہ چشن لگہِ ما دوہِ درا وردن — پٔژن گوسر وٕنے کوتاہ چھلنن
سبہِ پیٹھ یی ووٚن زنہِ تے مردن — خطہِ خط گژھہِ ییلہِ دوہن دلِ سرَدن
زٔچھنے زوالہِ ہاسے دوٚبی باٗسیے — چھلہِ چھلہِ ملالہِ ہاسے دوٚبی باٗسیے
شلہِ شلہِ داغ لوٚگ یاوَن رائس — یتھ داغ شلہِ شلہِ ژاو گلہِ لالس
سنہِ گوم کیاہ ونہِ بے پروائس — ازلکی داغ روٗدی چھلنے آبس
بہ کووسے بیزارالہِ ہاسے دوٚبی باٗسیے — چھلہِ چھلہِ ملالہِ ہاسے دوٚبی باٗسیے
ماٗنترسے راٗژہسے سوہ مبرہی مے باٗژہی — کھہنہِ والہِن کرشرنہِ مے زاٗژہی
نادس تمجید فیروزہِ واٗژہی — شامس سُلہِ یی زِ محبتہِ باٗژہی
گلہِ نے سوالہِ ہاسے دوٚبی باٗسیے — چھلہِ چھلہِ ملالہِ ہاسے دوٚبی باٗسیے

مھرنینہ سارِوے لیسبند زولے ۔۔۔ یزمن بلّیے لول گو لولے
خاندرس چانس اسِہ رنگ کھولے ۔۔۔ اخر چھ دنیا سکاوِ یینِز وولے
یہ رٹان چھے زالِہ ہاے ڈوبی بیے ۔۔۔ چھلِہ چھلِہ ملالہ ہاے ڈوبی بیے
اڈِ پھلِہ گاشن وِرِ لاج وازن ۔۔۔ ہانکلِہ وِ ژھعِ گیہِ لبونہ دروازن
اَشہِ خوشہِ کاڈکوڈ ساتی مھرازن ۔۔۔ بی شونکھ لیہِ کنہِ فاطن تہ نازن

ژانی مسالِہ ہائے ڈوبی آیے
چھلِہ چھلِہ ملالِہ ہائے ڈوبی آیے [۱]



[۱] ۔ یہ بیتھ چھ انتہائی مشہور اتھ شتر چھے موسیقی تہ لے۔ ڈوبی بابہ ہندِ حسنک تہ لوزکی ہند سراپا چھ فاضل صاب مکمل باکھٹی یادلس منز سیٹھاہ کامیاب گومت۔ فاضل صابن اکثر کلامہ چھ لکھ شادی تہ مودر۔ یہ ہندِی لغت تہ چھ مشہور تہ معروف یم رود ہمیشہ رِلوایتی شاعری لول بران تہ عوامس منز چھ یمن سیٹھاہ بلند رو تبہ۔ (ترتیب کار ڈاکٹر آفاق عزیز)

## غلام نبی فراق[۱]



موکھ پرلون بر ژاو صبحائے صبحائے
اڈنَد پوکھ شُشکیاو صبحائے صبحائے

یادس یادس لنجہ پھول پوشا
دفہس تر دراو صبحائے صبحائے

کالہ تہ آیو پانے آیو
پانے بیئیر آو صبحائے صبحائے

پوت کھورے یوسہ برکت ژلہ ہے
تمہ کور ستھراو صبحائے صبحائے

کتھہ کینہہ کرتھ پتہ ادِ دوہم
میے پیٹھہ اتھہ تھاو صبحائے صبحائے

یس دِل راوان راوان راوو
رتھہ کھوت تہ اتھ آو صبحائے صبحائے

فراق شوٗد بوٗد تہ منہ صاف
یتھہ ناسا شوقیاو صبحائے صبحائے

---

[۱] غلام نبی فراق زاو وُہمہ صدی ہندس ترٛیمیس ڈہلس منز سرینگر۔ یموچھہ کافی غزل، نظمہ وژن، تہ سانیٹ لیکھمتی۔ امہِ علاوہ چھہ یم بحثیتہِ محقق تہ نقاد تہِ مانہہ یوان۔ یم روٗدی لوٗر واگنسہِ بحثیت مُدرس کام کران تہ آخر سپدی بحثیتہِ پروفیسر انگریزی سبکدوش۔

غلام نبی فراق



وٕنسی ییٚنہٕ چانہِ دِل میون بلہِ ہے
بیٚنیہ ژٕلہِ ہے اٙندرِم داغ
زٕلو میانٮ۪ ما اٙدٕ زانٛہہ کلہِ ہے
بیٚنیہ ژٕلہِ ہے اٙندرِم داغ

لوٚت لوٚت ییٚلہِ وآنج ژٕلہِ ہے
لوٚت نظرٕ لگہ ہے تار
موٚت پیچان رٕزٕ پان وٕلہِ ہے
بیٚنیہ ژٕلہِ ہے اٙندرِم داغ

سٕتھ گیٚو ہے مٕدرے ہٹہِ ہے
ہیتھ یی ہے لوٚو لوکچار
پٔرۍتھ ہاوس مشکحاہ ملہِ ہے
بیٚنیہ ژٕلہِ ہے اٙندرِم داغ

بٕ سوٗنتس اٙدٕ ما گرٕزہِ ہے
گُل ژھٔٹہٕ ہٕن اٙندرِم نار
گُل دُنیا یکہ وٕٹہٕ رٕلہِ ہے
بیٚنیہ ژٕلہِ ہے اٙندرِم داغ

موٚکھہٕ پرلوٚن ییٚلہٕ دِل میون چھلہٕ ہے
سوٚکھہٕ ففھس لگِہ ہے گرآشے
نکھہٕ خوٚشبوَے أندی ٹیکھی ڈلہٕ ہے
بیٚنیہٕ ژلِہ ہے أندرم داغ

زیتھ ہرگہہ ہرکاثہہ سیھولِہ ہے
نیتھ کسٕ کسَ دِیہ ہے فراق
پرژیتھ کاثہہ ژلیوٚہ پیٚنیہ ہے پلہٕ ہے
بیٚنیہ ژلِہ ہے أندرِم داغ ۲؎



---

۱؎ ستھ گیہ آش تہٕ ووٚمید۔

۲؎ ۔ یہ بأنتھ چھِ فراق صأبن داریاہ کالہٕ بروٚنہہ ووٚتمُت۔ یہ چھُ ریڈیو پیٹھہٕ تہٕ گیونہٕ آمُت۔ أکی لفظہٕ چھِ لوزن وأکِس مَنٛز وجوٗد مانہٕ راوان۔ اَمچ کَے تہٕ موسیقی چھِیہ انسانس سوٚر رُود بخشان۔ موٗد تہٕ میوٚ سِٹھہ یہ بأنتھ چھُ فراق صأبن تِمن بأتن منٛز اہم یمو کِنہ فراق صأب عوامس منٛز مقبول چھِ۔

## غنی بیٖچھہٕ بیارٕ[1]



کتہِ آیکھ کوٚت چھےٚ گرٛشھوٚن یے     کرِ سکھراہ وآرِو کنٛ یے

تھنہٕ یامتھ ماچے بہ پیٖیس     خابہٕ شنٛزے بیدار بہ گییس

چشمہٕ پھیرِ پھیرِ ہیوتھ میٚہ وچھنٛ یے     کرِ سکھراہ وآرِو کنٛ یے

ماجرٕ زالیس بہ ہا نیٚتھ نٔنگی یے     بور سوزہٕ مس بہ ہا اتھہٕ چھوٚنہٕ یے

کتہِ اوٚسے میون کھیوٚن تہٕ چوٚنہٕ یے     کرِ سکھراہ وآرِو کنٛ یے

مٲلہِ ترٲوِس زاٹہٕ ہال پرٕنے     زاٹہٕ کورِن ستی لٔجِس گیندٕ نے

پٔرکہٕ پرِی سبق رۄدم نو وۄن یے     کرِ سکھراہ وآرِو کنٛ یے

یام آمو مٔنزرم یآر ی     آیم سمٔتھ قبیلہٕ دآری

وعلہٕ آدنک پیوم پالنٛ یے     کرِ سکھراہ وآرِو کنٛ یے

بیٚلہِ ہیٚوتہٕ ہمِس مٔژر راونٛ     رٔمہٕ رُمے رُم پآم راون

کلہٕ ترٲوتھ رۄزِس بون کنٛ یے     کرِ سکھراہ وآرِو کنٛ یے

آیہٕ ملہٕ مٲنز مٲنزِ راتھ فورن     مٲنز لآجہٕ ہم اتھن تہٕ کھورن

مٲنزِ نم کیا اسم شبہٕ ونہٕ یے     کرِ سکھراہ وآرِو کنٛ یے

---

[1] عبدالغنی چھہٕ بیٖچھہٕ بیارِ روزان۔ اَمِس متلِق چھنہٕ بانٛسے حالات معلوم۔

یٚلہِ خاندرٕکۍ دوہ آیہٕ خلصے　　آیہٕ سۄمتھ لۄکھ تہٕ ماسے
نالٕہ وردن ہیٚوتہٕ ہمٕ لاگنؠ یےٚ　　کرِ سکھراہ واُروِ کُنؠ یےٚ
یٚلہِ وأجہِ ہسَ لۄن کنٕ خاہی　　ڈولہِ اندر کرٕہس راہی
پیوَم مالِنؠ کالی نراوُن یےٚ　　کرِ سکھراہ واُروِ کُنؠ یےٚ
زان دُنیا اُخر چھُہ تاوَن　　کھونہٕ رُچھہ رُچھہ کم گلُ چھہِ راوَن
یہ چھُہ دنیا یمٕ تہٕ گژھُن یےٚ　　کرِ سکھراہ واُروِ کُنؠ یےٚ
ڈۄن غنٔین منز سۄچھہِ بیارے　　یٚتہِ دنتم کس کیاہ لارے
دورِ دُنیا سورِ ہیٚون یےٚ
کرِ سکھراہ واُروِ کُنؠ یےٚ



## غنی هقچه نار[له]



وچھن کرشہ جانان خوٗدایا خوٗدایا
مێیہ ارمان ژلنم خوٗدایا خوٗدایا

شہ چھم ژوٗرِ رۄزتھ کیاہ رِی بہ ژھارن
سہ چھم خاصہ مہربان خوٗدایا خوٗدایا

دکے دِتھ بہ نراوس هیکے کس بہ باوتھ
چھوکے لد چھے میون پان خوٗدایا خوٗدایا

گلو باغ چوٗنے ژیئے چھے مبارک
مێیے کیتۍ چھ طوفان خوٗدایا خوٗدایا

دچھم یام شہ گلفام هہتھ اوس بہ اندام
زلف چھس پریشان خوٗدایا خوٗدایا

دوہ ہے وعدٕ دِتۍ تھم توٗری یار واتے
کران چھم پریشان خوٗدایا خوٗدایا

غنی بن ژ آفتاب زوٗنہِ پتہ لارکھ
تارکھ چھِ ڈلڈوان خوٗدایا خوٗدایا

---

له . عبدالاحد [illegible] شیر گڈھ [illegible] هقچه نادکس مجلس منز روزان .

## فاخرؔ[1]



اَے میہۍ سرِوقدے من قدمن پٲری لگٲی لو
مِنگاہے سوٗیہِ من افگن وُچھتھس پٲری لگٲی لو

مَتنہِ منٛز یارٕ دَماہ بیٚہہ زَنہِ مٔژ خاصہٕ نیامٔژ کھٮ۪ٚے
کھٮ۪کمھ نتے بال کھٮ۪ٚمَے وٕنٛہہ روشتس پٲری لگٲی لو

پوٗنپرلوِ کرٕتھ شمعس گتھ پان زولتھ یارس پتھ
برٛونٛہہ ٹھےٕ رٕٹتھِ عشقنہٕ وتھ دزلَس پٲری لگٲی لو

پیش روزلفُ پریشان لِسَ سِر کو کلُ پیچان
ازٕ چھُہم یارٕ لبسامان شوٗبہِ نسَ پٲری لگٲی لو

فاخَرو لولہٕ مٔژرٕ بَر پینٛجہِ بہٕیہ سانہِ کرم کر
کٔنہ کر بال ونٛدَے سر بیٚہنَس پٲری لگٲی لو

---

[1] خیال چھُ کرنہٕ یِوان زِ اَمِس اوس ملا عطا اللہ فاخرؔ ناو۔ اَمی سِنٛد مکمل حالات چھِنہٕ معلوم۔ اَمی سنٛد ذکر چھُ عبدالاحد آزاد تاریخ کبیرکہِ حوالہٕ کران۔ یٔمیہ بابتہ کینٛہہ چھُ معلوم سپدان زِ اَمی سنٛد کلامہ چھُ موٗدرتہٕ میوٗٹھ۔
(ڈاکٹر آفاق عزیز)

## فارق بڈگامیؒ



لولہٕ کیٚن منزٕلن پکن تنہا تہٕ پیٚہم آسۍ نن
بس میہٕ اتھ سفرس اندر غم چوٚن ہمدم آسۍ تن
کاٗلنہِ کنٛ ازتام زانٛہہ ماکاٗر نمرٲوِم مگر
رانٛ دوہ درگاہِ حُسنچہٕ کنٛ یہ سرخم آسۍ تن
ٲتہِ چھُس کانٛچھان تٲلِتن ورتہٕ کھُری سمیس نگر
کالہٕ مولیس پیٚٹھ ڈٕکیس تس شوٗبہٕ وٲنٛ خم آسۍ تن
اکھ ملہٕ ییٚتہِ باٗگرو کینٛہن یہ لوٗزٕتھ وۄن زِندو
ساقیا ساٗری چیٚنمو ادٕ زیادٕ یا کم آسۍ تن
شَکلِ کینٛہہ ترٛہنوٗذ ہشرِ ترلشیٚوے گٔرٛھان حُسنس نثار
سوٗختہٕ سوٗدرس اوش اُچھن ہنٛد یاسہٕ شبنم آسۍ تن



قادر صاب کیہنہ نس ؎



یٔلہِ یِہٕ دلبر وچھنے ژیِیے فرصت لولہٕ نیاے أنزرا ونَس
تیٔلہِ ژٕ وَنتم کیاز لأجتھ میانٔ زندگی تاونَس
آہ کرَ کوٗرمُ زانہٕ میہ دَنتم کر کوٗرم ستِمن شمار
یا تہٕ گگژھ تیثر وأنس آسنی یم ستِم گنٛزراونَس
یٔلہِ یِہٕ دلبر وچھنے ژیِیے فرصت لولہٕ نیاے أنزرا ونَس
زندگی ہنٛدِ رنگ بدٕلیوٚ انگ کر زخمن بلیوٚو
زخم بلنم دأدی ژٕلنم یٔلہِ ژٕ آسہم وتھ ہاونَس
یٔلہِ یِہٕ دلبر وچھنے ژیِیے فرصت لولہٕ نیائے أنزراونَس
زوٗن آسِس تارِکن منٛز نوٗن زخمن ترٚوتھم
دوٗدٕ کیا لگی میانہِ خونے ہیٚتھ ڈٕکس ٹوٚک تراونَس
یٔلہِ یِہٕ دلبر وچھنے ژیِیے فرصت لولہٕ نیائے أنزراونَس
دِتہٕ درشن اکِہ لٹے بالہِ ژٕلہم گروہن ہیے
کیہنہ یِہٕ قادر از چھہ بیاران اکھ نظر سیٚود تراونَس
یٔلہِ یِہٕ دلبر وچھنے ژیِیے فرصت لولہٕ نیائے أنزراونَس

---

؎ ۔خیال چھُ کر ۔ ١٩٩٠ ہس منٛز ادس گندرلوٗ عیدگاہ روزان گژھان۔ امیک متعلق چھُ وُنہٕ تحقیق جاری۔ تاہم چھُ یہ موٚد درِتہٕ میوٚ کہ شاعر خوبصورتھ خیال چھُ خوبصورتھ لفظن اندر کامیأبی سان بیان کران۔

(ڈاکٹر آفاق عزیز)

کرشن جو راز دانؔ[1]

# بھجن

بِہل تےٚ مادل وَتھنہٕ گوٗلاب ہمپوش دستےٚ[2]

پوزا یہ لاگس پرمہ شوٚبس شوٚنا تھس تےٚ

جٹا موکلےٚ بیٹھ گنگا وسان چھس تےٚ

دیوی تہٕ دیوتا وَشنہٕ برہما چھیں دسنہٕ بسنےٚ

بچھتےٚ باوکھہ جےجے کار اُسِن تَس تےٚ

پوزا یہ لاگس پرمہ شوٚبس شوٚنا تھس تےٚ

دیا ساغر لولہٕ وزِیا کران مس تےٚ

ہا پوشہٕ متےٚ ہوشہٕ ڈلمتےٚ تھوٚدھیان چھس تسےٚ

اسار سمسار چھلہٕ راوان سور دزِ کس تےٚ

پوٗزا یہ لاگس پرمہ شوٚبس شوٚنا تھس تےٚ

ہمپوش یاد و ستےٚ یتھٕ اَستےٚ اَستےٚ

چرنن یہ وندےٚ نُوجان ہتھ دأنج دستےٚ

راگہٕ چانہٕ ستن پوٗنی وزم ناگہٕ رادس تےٚ

پوزا یہ لاگس پرمہ شوٚبس شوٚنا تھس تےٚ

---

[1] کرشن جو راز دان زاد ۱۸۵۰ء منزون یہہ اننت ناگہ ۔ سُہ اوس فارسی تہٕ سنسکرتک ووستاد ۔ میٹھد گر اوس اد سود حال گمر کرشن جو راز دان لوٚگ سننن

پأرۍ پأرۍ لگہٕ یو شو ننکہٕ شونادس تے

درشنہٕ جانیک ییچھہٕ لول چھم ستہٕ ہادس تے

ٹوٹھہٕ چھم سداشوٕ زگت ایشور چھین ییکس تے

پوزا یہ لاگس پرمہٕ شوٕس شوناتھس تے

امرناتھس نیلہٕ کأنٹھس کلہٕ وندس تے

وچارہٕ ستین کرشنس پیٹھہٕ عارپیہٕ نس تے

یچھہٕ یچھہٕ ستین گیچھہٕ ارپن ہیتھہٕ بادس تے

پوزا یہ لاگس پرمہٕ شوٕس شوناتھس تے



---

تہٕ سادن ستہٕ یکینہٕ ۔ پرمانندادس اُمر سُند ستہٕ لوج ۔ رازدان سُند ۱۳ دسمبر ۱۹۲۶ء منز سورگواس ۔ رازدان چھُ مقبول عام شأیر ۔ لکہٕ ڈیلے تہٕنز شأیری ہنز خاص کتھ ۔ اُمر ہنز شأیری منز چھہٕ یرن دأکس پتُن دود تہٕ دگ باسان ۔
ـه بیل تہٕ مادل چھہٕ اکہٕ جنگلی کللکی ہنہٕ وُنتھر ۔ وَنیہٕ تہٕ چھُ اکھ گاسہٕ کلٕ اہلٕ وُنتھر تہٕ چھہٕ پوزا لاگنہٕ یوان ۔

## کرشن جو رازدان



ہوش دِم لگہٕ یو پمپوش پادن  ہا سادن ہندِ سادو ہو
لوگن ہندِ یو گے پرانن ہندِ پرانو  گیانن ہندِ گنانو
چانہٕ پرسادہٕ ستی سیٚود چھ تھپہٕ سادن  ہا سادن ہندِ سادو ہو
اچیتنہٕ چانہٕ ستی چھنکِی چینن  نتہٕ گژھِ مینیٚن کرنیجس پونٛ
پریمہٕ زل چھے دزان ہادہٕ ناگہٕ رادن  ہا سادن ہندِ سادو ہو
برہمہٕ زنمس ہیتھ چھِس نہٕ برہمہٕ شمرچ  وچھمہٕ میانہ ٲکھس پرکرچ کنٛ
چانہٕ ستی بخت چانہٕ کرپہٕ بلادن  ہا سادن ہندِ سادو ہو
پورنہٕ پورشہٕ چھم چانی لادن  پرلوپان ونہ ہے پادن چنٛ (۱۸)
ناو بند کن تھاو میانین نادن  ہا سادن ہندِ سادو ہو
دچار نترن زانہٕ گاش آن چھ اُن  ہر ہر موکھ نٕہی دمہٕ ہوے ڈٔنٛ
نشکل منہٕ نشکامہٕ رامہٕ راون  ہا سادن ہندِ سادو ہو
انہٕ گرنہٕ چون گژھِ آنُن سادن  کیاہ چھُ پاپن کمن تہٕ زیادن پیٹھ
دے چھکھ کھےٚ کر میانین اپرادن  ہا سادن ہندِ سادو ہو
کرشنہٕ چانہٕ کیٛٹنہٕ تلہٕ نیرہ ہے  اد کتہٕ پارہ ہے جامہٕ لوٚئ کر لوئی
پشِ کتہٕ پنیہٕ ہے ہو نرن تہٕ رادن  ہا سادن ہندِ سادو ہو
ژعوہہٕ منزے تس چھ ہیراہنمے  اد کتہٕ وتہٕ ہے زیچھر لیوت

یادے روزہس وینہٕ چھس آدن
ہا سادن ہندِ سادو ہو

## کبیر میر



بنِہ مو یادن ژورو لولو — کرلو گوٗر تے گوٗرو لولو
ہا پانہٕ کیاہ کوٗر تھٕ کار — ناحقہٕ گوکھ بزگار
راوٕ روو تھ لوٗٹھ سمسار — واقی ملکُ الموت زوراوار
شُہ چھہِ مانان زارَ تہٕ پار — شہ چھُہ کران نارُن گفتار
موت کران بادشس سوٗر و لولو — کرلو گوٗر تے گوٗرو لولو
ہا پانہٕ والہٕ نے بیٚلہِ تل غار — زِ ملک گژھہٕ نے یا داوار
پرژھنے کیاہ کوٗر تھ کار نہٕ بار — دپنے ژٕ اوسکھ دُنیہکُ دنیادار
موت کران بخشس چھے لوٗر پار — بروٗنٹھہٕ کُنہِ تھاوٕ نے زِ ہی شہمار
نتہِ روزِ دُنیا دوٗرو لولو — کرلو گوٗر تے گوٗرو لولو
بیٚلہِ مادانہِ محشر آسہِ برپا — نتہِ آسنَ انبیا تہٕ بیٚہ اولیا
مو رسل آسن کُرسین پیٹھہ جمع — کُنس انہِ طاقت بہ سوٗ بیے خدا
بیبہِ فاطمہ زہرا رضؓ — کرِ آلہِ کل مُدکس دعویٰ
میانین امامن گوَ کیاہ — شمر لعین نتہِ آسہِ رسوا
نتہِ نیرو آلی سون رسول اللہؐ — نتہِ آسہِ پرُن تکبیرو لولو

کرلو گوٗر تے گورو لولو

عاشق گیئہِ فنا فی اللہ — کم کم گیئہِ بقا باللہ
عاشقن باقے روٗد کیاہ — تمو تہٕ کوٗر کُنتُ نراہ
تمو سے حاصلِ کوٗر بیرِ مولا — دعا گوَ تمن منظورو لولو

## کرٕلیو گوٗرِ تے گورو لولو

وٕدان وٕدان دوٗد میون بدن　　کوٗتاہ فیوٗرس سرحدن
کوٗتاہ لوٗر شیخ منصوٗرن　　جلوٕ ذِتیس جناب رسوٗلنؐ
خبر گیہٕ سارِنے ملکن　　شرعک سوٗتھ زوٗٹ منصورن
سۄے پیٹھ دارس لدن　　تہندے کلہٕ شرحکس سوٗتھس لاگن
خابہٕ نشہِ بیدار گوٗ دمہِ صبحن　　کوٗرٕکھ مارہٕ منز عیدگاہ صبحن

تنتہٕ گو سارِنے شکلہِ منصور تنتہٕ مارہٕن کیاہ

تنتہٕ رٹے دامانہٕ پیرو لولو　　کرٕلیو گوٗرِ تے گورو لولو
ییٚلہِ اِستادٕ کری پانہٕ مولا　　تنتہٕ آسہِ پانے سُہ بے پرواہ
بییتہٕ عملن دِن جزا　　بے عملن ژارن خدا
تنتہٕ ودن کم امیرو لولو　　کرٕلیو گوٗرِ تے گوٗرو لولو
عشقن کوٗرٕنس مس نہٕ مغرور　　عشقن سروپا گوٗرسہٕ رنجوٗر
عشقن زوٗلے شیخ منصور　　توٗے یارس پیٹھ گو منظور

بس چھِے ونان کبیر میر[1] و لولو
کرٕلیو گوٗرِ تے گورو لولو



---

[1] کبیر میرٕ اوس آرٕ بلہِ انت ناگ روزان تہٕند زانہٕ تہٕ مرن سنہٕ چھِنہٕ معلوم۔ زرِ موزور تہٕ معراج نامہٕ ناوچہٕ زٕ طویل نظمہٕ چھِیے تہٕنز دستیاب۔ سہ چھُ لگہٕ لوٗٹھ شاعر۔ (ڈاکٹر آفاق عزیز)

## لَشہٕ ناگُم[1]



ڈٕڑھ کھٔے نالان زالا لوٗرِ یے — دود گیاہ بٔنیوٗ سے آرٕمی کوٗرِ یے

مٲلی چاجٕنی رٕنز سب سالن — اکھ کھیٚیہ بٕٹہٕ لوٗری بیٚیہ سوٗرن ہالن

اِنتظام کوٗر اُمی حبیب نا آری یے[2] — دود گیاہ بٔنیوٗ سے آرٕمی کوٗرِ یے

ازلہٕ باگنے کس کیاہ پی یے — دٕ سے چھچھ باغٕ گران پانے تی یے

بانہٕ ڈُکرٕ سے چھچھُم مِیٚہ کوستوٗرِ یے — دود گیاہ بٔنیوٗ سے آرٕمی کوٗرِ یے

شُلہِ صبحے یارٕبل نیران — یٔرٕ کاٗلی چھکھ واپس پھیران

اد پھیران چھکھے ڈٕلی لوٗرِ یے — دود گیاہ بٔنیوٗ سے آرٕمی کوٗرِ یے

ژٕو ڈٕری وٕڑٕر چھکھ کھسان دورِ یے — ین گُرٕ نُھٹھُن چون دوہ ہٕ اَکہٕ سوٗرِ یے

چھکھے سگٕہ وان یِم تماگھڑِ ڈٕورِ یے — دود گیاہ بٔنیوٗ سے آرٕمی کوٗرِ یے

نیلے ازلُن چھچھُم ما اندانٔی — ژٕھیپہٕ ژٕھاین روزٕکھ گنداٗنی

گاہ باوٕنی گاہ حیات لوٗرِ یے — دود گیاہ بٔنیوٗ سے آرٕمی کوٗرِ یے

لشہٕ ناگمِس اوس تقدیرس — وازٕ محمود محرم سیرس

اوس سمکھان تس ہاڑ لوٗرِ یے — دود گیاہ بٔنیوٗ سے آرٕمی کوٗرِ یے

---

[1] لشہٕ ناگُمی زاو ڈٕلی لوٗر ناگمہِ (ژٕو ڈٕرٕ) سنہ ١٨٦٨ء منز تہٕ گُذریوٗ سنہ ١٩٢٣ء منز۔ یمن اُمس ذات لوٗت۔ سہ چھُ پننِسے مزارس منز دفن۔ یمو چھِہ واریاہ نظمہٕ تہٕ غزلہٕ تحریر کرٕمٕژ تاہم چھُ واریاہ کم کلام دستیاب۔ لشہٕ لوٗت یا لشہٕ ناگُمی رُود لوٗرو النیہ ذاتی زندگی ہندِس مصیبتس منز آور۔ تَس اُمس تہٕ براندٕ کٔنی سیوٗد۔ سہ اُمس اکثر بالین ژلان۔ زالا لوٗر بڈٕ گامیک اوس لشہٕ یِنتس نیتھرٕ۔ وازٕ محمود چھُ تَسند مرشد اوسمُت۔ یُس تَس اکثر باگمِ ناگمہِ لوٗبہٕ کنہٕ ہاڑ لوٗر نِشہ سمکھان اوس۔ ییلہِ وازٕ محمود پیدل ژار کھان اوس یلہٕ تُو دٕرچھہ دامدار وٕڑٕر ہندِس دانِس تَل اکہٕ گامک ناو۔

## لسئی ناگھی



سونتہٕ گریستی کرٕنے محنت  زانہٕ عاشق مانہٕ لوزی تتھ
مرحبا چھے تس وو ستادس  ییمی ہووُسے آلکُ کھس وس
کارمتہٕ چھے لارِ موحیہِ کرستھپھ  زانہٕ عاشق مانہٕ لوزی تتھ
خام شسترٕ نیرِ کھارٕ وانے  صاف شسترٕ عشقہٕ دُکانے
وانگِنہٕ تتھپھ دوٕن بنیو محبت  زانہٕ عاشق مانہٕ لوزی تتھ
وِچھتھ داندٕ شنزٕ ہستی مستی  بچپنہٕ بیٹھ ہاونس گریستی
دتہٕ فٹرِنہٕ وس یتھ فرٕہتھ  زانہٕ عاشق مانہٕ لوزی تتھ
اکی مہٕ نینڈرے وس تو باجماعت  بروُنٹھ بیپنیح پانس تھو بانھ
وو بیلی ہپول پنُن چھے قسمت  زانہٕ عاشق مانہٕ لوزی تتھ
دوٗیمہٕ نینڈرے وس پیٹھ سانتس  ترٕیمہٕ نینڈرے ہیتول بنہٕ کھاتس
نینڈٕ دانہ چھے ینہٕ روز کھ ہتھ  زانہٕ عاشق مانہٕ لوزی تتھ
لسئی ییتیو وبے کرَ پیرس  ادِ محرم کرِ لوِ سیرس
وانہٕ ناوِہی چاوِہی معرفت
زانہٕ عاشق مانہ لوزی تتھ



لسہٕ ناگمی



روز سانتھا بوز میانٲ زارے    دادِ یِ لد چھس بلے بیمارے
مُنہٕ پھیرے دُسو جل بیتھِ کوٹ[2]    سعید داوُد منز گوڈٕ ستہٕ بیوٚسھ
بگرِ سیداہ چھم زور وارے    دادِ یِ لد چھس بلے بیمارے
ژھوپہٕ کرٕتھ بیٚہہ روپہٕ پورے    مانہٕ مطلب سورُے نیرے
حال باوٕنے لال گام لارے    دادِ یِ لد چھس بلے بیمارے
لال گامے تیر جل پانژن    ییب دیار چھے کھٹھیر روزن
مانیک شِہنے بنہِ بلہٕ ژارے    دادِ یِ لد چھس بلے بیمارے
گژھ دٕرٕی گام روز انتظارس    شیخ نورالدینؒ ستی چھم پیارس
ژار لجنم چھم برسوارے    دادِ یِ لد چھس بلے بیمارے
صبور لوٚت چھے گژھ حیات پورے    ذالداری تس نہٕ زانہہ سورے
نرحیات پور منزی درٲلی نارے    دادِ یِ لد چھس بلے بیمارے
سِرٕ ؤنی نزاو وات ژینتہٕ کنجن    بال پیارے تھزرس رٕپہٕ ون

لسی ناگمی چھے زمیدارے
دادِ یِ لد چھس بلے بیمارے

---

١ـ خیال چھ کرنہٕ یوان زِ یہ نظم چھے تقریباً پانژھ ہتھ مصرٕ۔ اتھ نظمہ چھ ناو سالٕ گاہ تاہم چھنہٕ یہ نظم مکمل پاٹھۍ دستیاب۔ ٢ـ منہٕ پھیرے بیتھ کوٹ اگہ ڈٕ سوت تہٕ بگر چھ بڈگامہ تحصیلکی گام۔

## لالہ آرگامیؔ



لانہٕ کیاہ لیوٗکھنم حقن یہ چھُ تقدیر زورا وارو
زانہٕ کسُ میانٮن چھوکن چھیٚ میٚہ لگیٚمتی ٹُنگٮن شہارو
نحقلے چھُے پنڈار ہیتھ دقیتکِہ سنجتاوارو
یاد ہیٚن خاکک انبار فان آخر زان سمسارو ۔۔
اوَلے آمہ فرمان لا الٰہَ الاَ اللہ زان ہُشیارو
اَلفس تہٕ میمس زان دالہٕ مُنٛز دراو لالہٕ انبارو ۔۔
من کان عٰلیٰ ہٕ قرآن ہیٚر چھُ فرمان گُلکلُ جبارو
من عرف نفسہٗ زان دِیٚ تراو ہیتھ بنک گاشس دارو ۔۔
ژِنچی سپار پران موٗژھ میٚہ پرہیز صبرہ قرارو
پوٚختن چھُ موٗختہٕ ہران نوٗکتہٕ زانان بینا دارو ۔۔
چھُٹنی تسبیِ ہیتھ تراو موٗخرچاو چھوٚنے گفتارو
فقرس موٗمنہٕ چھاو چھُے مکرس گژھان لُٹ یارو ۔۔
عدمے گوس بیدار زدل میٚہ قدمے ژکھتے زنگارو
لالہٕ آرگامی ژوٚٹے حجاب گوس یارس سُہٕلی گلزارو ۔۔



## لالہٕ آرٕ گامی



تتہِ دراے یکجا وتہِ لٔج دیری    اُسی یور ژیری واتی
کتھِ چانہٕ متہِ گیہٕ عشقہٕ زنجوری    اُسی یور ژیری واتی
بلاٰئہٕ نیتھے واللہ دیتم صلاح تہٕ سامان    شلاہ واتھ بتھِ آم چیری
کمہِ تام شیٔنے سپدم آلو بالو اندی اندی پھیر    ذاٰلی دار ڈیٹھن واٰلی کھٔمو شیری
اچھِ دل ویرناگ ژرنگ گٹھہارس    یارس ژھانڈنہِ دراس
فسہا وچھو چھم پھیری پھیری    اُسی یور ژیری واتی
اُمی عشقہٕ نارن زورا وارن    اُندری زوٗل میون پان
لوکچار سوٗرگوم وۄنی گوس پیری    اُسی یور ژیری واتی
لاسن کر تمی آکھ الفاسن    خامن لتہِ کر زان
تھاٰلی یوٗد نہٕ ترِ وۄکھ سوے چھے وزیری    اُسی یور ژیری واتی
یاد کر وعدٕ نے عہد پیمانن    آدٕ نے روٗدے نہٕ دِیان
تتہِ آکھ مقروض یِنہِ کُس چھورِ    اُسی یور ژیری واتی
نے چھم ہٕنتی نے لا بُستی    نے چھس ساکنِ دار
نے چھم غربت نے چھم امیری    اُسی یور ژیری واتی
لالہٕ آرٕ گامی چھے منز مینا لسی    معرفت باگراداں
پینہٕ نیہ ارمان پردہ آنا مسیری    اُسی یور ژیری واتی



یادِ حقہٕ ستی لیُس چھُ دِلشاد وُنی ییہ

بعد اُغیرسے چھُ آزاد وُنی ییہ

دٲلی کنہٕ نےٚ بٲلی چھکھ ٲلہٕ راوان

کٲلی سأرسے کرِ برباد وُنی ییہ

نے ہستی نے چھُس لا ہستی

نے وٲران نے آباد وُنی ییہ

چھُنہٕ عاشقن نہ مذہب نے کانْہہ دِین

کفر اسلام ہِوٕے اتحاد وُنی ییہ

مٔرِ نٔیندرے سوٚندراہ دٔزِ ناوُنس

وٕژھِ وٲنجہِ کوٚرمیہٕ فریاد وُنی ییہ

غم ترٲوِتھ دِمنےٚ ستی تھاوِ دیان

تم کعبس وُچھتہٕ بغداد وُنی ییہ

بالہٕ پان چھُم پِتٕرفِ مت بارس

لالہٕ آرِگامس چھےٚ ارشاد وُنی ییہ



موٚمن صاب[۱]

اے طالبے مولا  لوٚ بھتے ژٕ یہٕ لوٚ بتھ کیٔا
وے عاشقے شیدا  لوٚ بتھے ژٕ یہٕ لوٚ بتھ کیٔا
تیٚہٕ رٕ ے اندر اژھ  اٚندرے بڈِ ی پژھ
وٚچھ ہن شاہن شاہ  لوٚ بھتے ژٕ یہٕ لوٚ بتھ کیٔا
گوڈٕ بَن ژٕ سِکندر  ظُلماتہٕ اژھ اٚندر
خواجے خضر ہمراہ  لوٚ بھتے ژٕ یہٕ لوٚ بتھ کیٔا
لٔبِ لٔبِ لِکان گژھ  راونس اٚندر اژھ
راوِ تھے راوکھ نٕ زانہہ  لوٚ بھتے ژٕ یہٕ لوٚ بتھ کیٔا
مرنٕ کیازِ چھُے شکھ  مَنْ ماتَ مَنْ العشق
فقد ماتوٗ شہیدا  لوٚ بتھے ژٕ یہٕ لوٚ بتھ کیٔا
موٚمنو پتھ رٹھ زٕ لو  قطرس دریاو گوٚ
الفقرُ مَنْ اللّٰہ
لوٚ بتھے ژٕ یہٕ لوٚ بتھ کیٔا

---

۱؎ موٚمن صاب اوس ہیرٕ گوم پلوامہٕ روزان یُس زاو سنہٕ ۱۷۴۷ء تہٕ سنہٕ ۱۸۴۱ء منز گو رحمت حق۔ یُس اوس سوچھ کرال، محمود گامی، کرم بلبل تہٕ شاہ قلندرن پیر۔

## موٗمن صاب



سہَل چھا عشقنہٕ ژنجہٕ دٕرٕن ہیٚے[1] | رٕژھ رٕژھ مژھِ ماز کھیٚوٗن ہیٚے لو
ژیرِ گوٚڈے ڈیرِ بیٚٹھ ہیٚو سکھرٕن ہیٚے | دارِ کنہِ گژھِ نیرٕن ہیٚے لو
عشقس زارس گژھِ گنڈٕن ہیٚے | رٕژھ رٕژھ مژھِ ماز کھیٚوٗن ہیٚے لو
پننِس دارس نار گژھِ دیٚن ہیٚے | گار گژھِ وارٕ ژاپٕن ہیٚے لو
عشقنِس غارس تار گژھِ دیٚن ہیٚے | رٕژھ رٕژھ مژھِ ماز کھیٚوٗن ہیٚے لو
گاش تھوٚدِ کاشن گژھ کھٹہٕ کٕن ہیٚے | اَمہِ مٔنزٕ گژھِ نیرٕن ہیٚے لو[2]
اصلس ستی گژھِ وصل سیٚدٕن ہیٚے | رٕژھ رٕژھ مژھِ ماز کھیٚوٗن ہیٚے لو
پنہٕنے خوٗن گژھِ ترٛیشہِ کٕنہ چوٚن ہیٚے | سے نٕخ گژھ ژانگہِ زالٕن ہیٚے لو
تمہِ کے گاشہِ گژھِ پان پرزٕنٲوٕن ہیٚے[3] | رٕژھ رٕژھ مژھِ ماز کھیٚوٗن ہیٚے لو
زیرِ ستی زیرٕ بم گژھ وائن ہیٚے | سپر گژھ وارٕ بوزٕنٕ ہیٚے لو
دِلہٕ کھوٚکنوٚ ستی کٔن گژھ دیٚن ہیٚے | رٕژھ رٕژھ مژھِ ماز کھیٚوٗن ہیٚے لو
موٗمنو ییتہِ لوٗسٕ کانسہِ روٗزٕنہ ہیٚے | ییتہِ مولاگ بٔتھی ہٕن ہیٚے لو

بے وفا دُنیا ہٕن تہٕ گژھن ہیٚے
رٕژھ رٕژھ مژھ ماز کھیٚوٗن ہیٚے لو



---

۱۔ کٔھٹھ چھا عشقنہٕ ژنجہٕ کٔھٹرٕن ہیٚے (ساقی) مگر زبان زد چھُ ہیٚر ہیٚے بنار۔
۲۔ یا نہٕ گژھِ مٔنزٕ نیرٕن ہیٚے لو (ساقی) ۳۔ تمہ کے گاشہٕ گژھِ یار پرزٕنٲوٕن ہیٚے (ساقی)

## محموٗد گاٗمی [١]



اَرِنہٕ رنگ گوم شرادنہٕ ہیٚیے — کَرَ ییٚیے درشُن دِییے
موٗکھ ہوٗونَم بُرقَے تَلی — چھوکھ دِتھ یار ژوٗلُم ژھٔلی
وُچھتہٕ تٔہنزٕ سے اَپزٕ درٕیے — کَرَ ییٚیے درشُن دِییے
ژھایہِ رٔشتھ گوٗمَے اَپارٕہی — پایہِ عٔبدِس لگس بہ پاٗرٕی
روشہِ وِلنِس خوش آو ییٚیے — کَرَ ییٚیے درشُن دِییے
مٔژرِ رادِتھ نیوٗکمہٕ سونے — اُبتہٕ کَرَہس رہِیسَ موٗنے
گوٗم نزٕ آدِتھ وُچھہن بیٚیے — کَرَ ییٚیے درشُن دِییے
ساٗلی سِنگار چھُس کیاہ زلن — چھُے نہٕ میٚے کنُ دِل نسَ رٔلن
واٗلی کنن مَنے باٗلی ییٚیے — کَرَ ییٚیے درشُن دِییے
ماٗرِنس اُمی داوا دارن — موٗختہٕ ہارَس چھُسَ کوتَ پٔرارن
ژوٕنز روزِس لو بنہٕ گی ییٚیے — کَرَ ییٚیے درشُن دِییے
رُمہٕ زاٗدِجرٕ بُمے وٕنجَے — چھُم کٔران واٗنجرٕ کھنجے
سٔنزٕ لوٗپٕش کیاہ چھِس ووہ زاٗلہِ ییٚیے — کَرَ ییٚیے درشُن دِییے
قنلہٕ نابد آرُد موٗتے — فند کرِتھ ژوٗلُم کوتے
خنلہٕ کرٕی نم لوٗکن تِھیے — کَرَ ییٚیے درشُن دِییے

---

[١] محموٗد گاٗمی زاد سنہٕ ١٧٦٥ء منز ڈور شاہ آبادکِس آڈو درگامَس منز۔ یتھ محموٗد گاٗمینس نادس پیٚیٹھ وٕنہٕ محموٗد آباد ناو تھاونہٕ چھُہ آمُت۔ محموٗد گاٗمی صاب دراد سنہٕ ١٨٥٥ء مُنیمہِ عالمہٕ۔

موٗختہٕ نوٗرس پوٗنپوٗر دِشن سوٗختہٕ گیٖ لوٗ مےٚ زاہتھہ مَشن
پوٗختہٕ سکارس خوٗش گوٗم پیٖئیے کر ییٖئے درشُن دِیئے
آمہٕ تاوَسے پھتراہ گژِھس شامہٕ سوٗنٛدر پامَن لژِھس
نامہٕ ہاگام تس کُس نِیئے کرٕ ییٖئے درشُن دِیئے
زرہٕ دوٗل شھس کوتاہ زرسے برہٕ اَژھ تَمَہ ہا دلبرسے
محمودٔ دِس ارمان چھُھ ییٖئے
کرٕ ییٖئے درشُن دِیئے

محمود گامی



اسنٕے اسنٕے باغہٕ برٕ وتھراوس تے
گژھ تے دِلیٖس ہیے یار انتِن اسنٕے اسنٕے
رٗوشتھ ژوٗلُم یار ملالئے کیاگوٗ تس تے
گژھ تے دِلیٖس ہیے یار انتِن اسنٕے اسنٕے
آدن ہاجس وادٕ سارس نادالیس تے
بیداد کوٗرتم کیاسنا پیٖیہٕ ناپالیس تے
یارسے دادسے برکھےٗ بوٗ آلیس تے
گژھ تے دِلیٖس ہیے یار انتِن اسنٕے اسنٕے

کونگہِ کوسِتوُرسے مُشکہِ کوفوُرتن نادس تے
مُٔھرد بیٹھہِ تم چھٔتر بونین ہواوس تے
شتھرَسے گیلن متھہ کرتم چھس بےکس تے
گرٛھ تے ولِسیٖ ہیے یار انتن استے استے
تسَ سنگ دِلس کیاہ لوٚگس پرٛسے مسَ تے
دیہِ مے درشون شیرِ گولاب ہی لاگس تے
رنگے رِوِلس پرٛنگ تہٕ پلنگ وتھراوس تے
گرٛھ تے ولِسیٖ ہیے یار انتن اسِتے استے
پراران پراران یارِ دٲدی کرٛئلس نختسے
انہ چھم یادن شراو نہٕ لسِ ہی یاعس تے
نٲگی رایس ناگہِ رادس پیٹھ زاگس تے
گرٛھ تے ولِسیٖ ہیے یار انتن اسِتے استے
شیرینہِ پتےٚ وچھ تہٕ کیاہ بنیوٚ فرہادس تے[2]
تالہِ لوٚٹنگ لوٚین پان موٚرن پتہٕ نے دستے
کیاہ لگہِ لاٰلسِ لانہِ لسِ فسادس تے
گرٛھ تے ولِسیٖ ہیے یارانتن اسِتے اسِتے
وچھتہٕ کیا بنیوٚ لالہِ پتےٚ مجلوٗنسَ تے[3]
اڈن تُمُ لوگے مسجدِ دیتُنے بارِ صاحبس تے
ہنَے ہنَے وڈن دیتُن پیٹھ نجدس تے
گرٛھ تے ولِسیٖ ہیے یار انتن اسِتے استے

ہێنیز کورِ پتےَ دُچھتہٕ کیا ہنیو و شیخ صناہس تے
زُنّار پژووُن سور رُوٗحئن پننہٕ نےَ دستےَ
ستھٕ ساس مُرید خاصہٕ اُسِس دستے لبنتےَ
گژھ تے ولیسی ییہ یار انتن اسنےَ استےَ

مالس تہٕ موٚختس منگہٕ کیا روٗنہٕ داماِلس تے
سازس تہٕ سوٗرمس کہٕ کیاہ ییھ ساماِلس تے
تسَ نے خوٗش آوادٕ کسَ کیتھ پارٕاوس تے
گژھ تے ولیسی ییہ یار انتن اسنےَ استےَ

ہا مارِ مُتے ساتہٕ وتے پکھ لو جسَ تے
خمارِ ہێتو سن دِتھ میٚہ نیوٗ تھم حاسِ تے
محموٗد گامی زار وناں یار صاحبس تے
گژھ تے ولیسی ییہ یار انتن اسنےَ استےَ



---

لہ۔ ناگی راے اوس ناگ قومک شہزادٕ ۔ ناگ اسی کشیرِ ہندی ابتدائی بسکین ۔ ییہنز زبان ذاتی آسٕ ترک وناں ۔ ییکو مٕول اُز چھ کاشر زبانِ مَنز تہٕ موجوٗد چھ ۔

لہ۔ فرہاد اوس شیرینہٕ عاشق یم اسی ایرانکی ۔

لہ۔ مجنوٗن اوس عربُک ۔ تہٕ اوس لیلائہِ عاشق ۔

## محمود گامی



لجم پھلیا باونہٕ ہیہِ لولو
بَرٕ گرٕ ژھی تھے ادٕ نو ییہِ لولو[1]

دو تھو غافلو نندرَ سے گژھو بیدار
شین طرفن ژھانڈان پینہٕ نے یار

یار ژھانڈُن چھے بے ییہِ لولو
بَرٕ گرٕ ژھی تھے ادٕ نو ییہِ لولو

سلہِ ڈُتھم تھے آغس کرٕ بندٕگی
بندٕگی چھے پالنو شرمندٕگی

قالو بلا سپدی بنیہِ لولو
بَرٕ گرٕ ژھی تھے ادٕ نو ییہِ لولو

کھسو اچھ ول پانس کرٕ یاراو
کھینہٕ ٹلہٕ چھے پراران وسہٕ وٕنی ناو

سون موتن پیالہٕ کسو چیہِ لولو
بَرٕ گرٕ ژھی تھے ادٕ نو ییہِ لولو

فرشہِ مخمل اطلاس بنیہِ کمخاب
کاگلی پالنو میٹھرِ تل تراون ڈاپھ

أدِ جہِ تنہٕ مالگیم کھییہِ لولو
بَرٕ گرٕ ژھی تھے ادٕ نو ییہِ لولو

میتہِ ہے بالی دِتی نمرودٕنی دم
بورٕ ژیے ہوِی میٹے ہوِی آیہِ کم کم

بیتہِ نو شداد حاتمہِ طیہِ لولو
بَرٕ گرٕ ژھی تھے ادٕ نو ییہِ لولو

ہا محمودٕ دنیا زان تاوَن
کاگلی نیرن ییتہِ چھے اتھہٕ ہاون

روزٕ پراران تہنزے شیہِ لولو
بَرٕ گرٕ ژھی تھے ادٕ نو ییہِ لولو



---

[1] اصلی وودج چھُ بَرٕ گرٕ ژھی تھے ادٕ نو ییہِ لولو۔

## مہجوٗر [1]

دِلو لالہٕ رُو لیو دِلکۍ داغ ہاوَے | دِلو سالہٕ مس پیالہٕ بَرٕی بَرٕی بہٕ تھاوَے
دِلو وعدٕ کرٕی کرٕی کرٕتھ بے وفاۍ | مُتھے آدنک شرٕ ہۍ وون کیا یادٕ پاوَے
دِلو لوٗٹھٕ زوٕ چھم دنٕدسے ترٕسے پادن | یتھے پاٹھٕ لولا پنُن تۄہ گراوَے
دِلو لولہٕ زخمن مَنہٕ چھم خوٗن جأرۍ | ژٕ یتھ نالہٕ مَتہٕ خوٗن سَتہٕ کھارٕناوَے
کٔٹتھ پان تھوٗوتھ ژٕ یتھہٕ بَرٕدِ نیرے | بَرس تل پنُن پان مارِتھ بہ تراوَے
ژٕ بہٕ روٗس آرٕ ولہٕ دِدہ گرٕ آرٕم کنٕڈٕن بیٹھ | دٕزٕس ہرٕدٕ بردٕ تھہٕ دردٕ کے آمہٕ تاوَے
دٕ نتھ زانہٕ کُسَ چاۍ نی لولن کوٗرم کیاہ | یِتم تھاوتم کُنَ پَتہٕ داٗدی باوَے
گلو میانہٕ اشہٕ وانہٕ کرٕی جامہٕ رٔنگین | ژٕ نگتھِ جامہٕ کمہٕ وانہٕ لیوٚدوَے بہٕ راوَے

دِلو چھَنہٕ مہجوٗرَ اَتھہِ لولہٕ والہِن
ییکھتھ دردہٕ سوزٕ کِ غزل سوزٕناوے

---

[1] غلام احمد مہجوٗر زاو سنہ ۱۸۸۷ء منز میترٕگام پلوامہ۔ تہٕ گۆذرے یہ سنہ ۱۹۵۲ء منز۔

## مسکینؔ [1]



اَچھ پھِرِ پھِرِ وُچھنس بہٕ یارٕ لگےٚ [2]
سورمہٕ چشمن بہٕ ہے ونہٕ ہارٕ لگےٚ

میۍ چھُہ عادت چانہٕ برنٕل پیارٕ لنٕس
کیاز سُہنگ سےٚ ستھم برہٕ نین تارٕ لگےٚ

وُچھہ تہٕ کیتاہ دأتی اند مزار بلٕ
تو تہٕ کیاہ گوٚ سو چھِپے الوارٕ لگےٚ

وُچھ تہٕ کیتاہ ژیٚہِ لشہِ ژھاپنہٕ آسے
اَسہِ مہٕ سہہ زان عشقنی زارٕ لگےٚ

وُچھ سہہ زانہہ ماژِنیٚ لشہِ زلو گیم کنٔج
اَسہِ مہٕ سہہ زان گاہکی چارٕ لگےٚ

وُچھ سہہ مسکینؔ ژیٚہِ لش ژھاپنہٕ آو
أسی ہا مارٕ چانٕ دوٚ گنیارٕ لگےٚ

---

[1] ۔ بیہند پورٕ ناو چھُہ پیر محی الدین مسکین۔ لوٚر کھُو شُوپور کو لگامہ اوس روزان۔ یمو چھیہٕ دار یاد مثنوی لیچھمِڑ۔ سہ زاو سنہ ۱۸۹۹ء کیٚنٛ تہٕ موٚد سنہ ۱۹۳۱ء منز۔

[2] ۔ امہِ شارٕ بدلہٕ چھہٕ کینٛہہ گیون والی یہ شار گیوان۔ وُژھِ وانجہٕ دوٚسے ونہٕ ہارٕ لگےٚ۔

## مہجور



رُوزِو رُوزِو لو بِزو میانٛی زار مدلنو     دادِ چانہِ چھسیا بیمار مدلنو

کاژہ ترُاون گا جبتھس سفرس لاٗ جبتھس     ژھورہ مکھ ہا گامہ شہار مدلنو

یارہٕ دود کر لویٹھ تیوم شُری بان ضایہ گومِ     ژیٚمے پتہٕ ہا رووم لوکچار مدلنو

باغچہٕ ہیمبر زَل داٗن پوش تہٕ مسَول     یادن کرَے نِثار مدلنو

اشارہٕ ہاوان دِل کتہٕ راوان     بُمہٕ چانہِ نازہٕ تلوار مدلنو

ژہٕ مے میون غمخوار ژہٕ مے میون ستمگار     ژہٕ مے چھوکھ تہٕ ژہٕ مے ہا یلغار مدلنو

خوٗن گوم جارٕی اوٚش ہاٗری ہاٗری     سپھلہ پھلہِ گوم موختہٕ ہار مدلنو

نظرے چانہِ ستی بیمار بلے یہِ کتی     میانہِ وِزِ لوگتھ لبے عار مدلنو

چشمہٕ چانہِ مس کھاٗسی ڈیشتھ گئے ودامسی     بنکاٗلی جو دوٗ گار مدلنو

ونہِ ہا مہجور داستانہِ دل صنوٚرُوٚر

ونہٕ لَس تہٕ چھے ناتَس وار مدلنو



## مہجور



وٕلِو یہِ سہٕ میون دلبر  شیرین کلام یِیہِ کر
یَس کنُ وُچھتھِ ژلان شر  سُے گُل اندام یِیہِ کر

یِیہِ نا سہٕ یار میونے  ژٕلِتھ مےٚ زوٗنہِ گژھنُے
ونہِ ہس قبیلہ کژھنُے  روزس غولام یِیہِ کر

کتہِ لوٚگ قرار یارس  کر یِیہِ سُہ یتھ شہارس
روزس بہ انتظارس  سوزس سلام یِیہِ کر

برم دِتھ ژولم سہٕ ہانژل  کرٕ نس برَے بمبرٕ زل
کتہِ بیوٚٹھ کٔمِس گُلِس کل  کتہٕ چھُس مقام یِیہِ کر

وٕنی چھس دِوان ژہ پٲری  یِیہِ ناسنا یپٲری
قدمن لگس بہ پٲری  سہٕ سچھُ دورِ گام یِیہِ کر

شامن اَنیوم سالَے  کورمَس مےٚ دل حوالَے
پھیرتھ سہٕ دراو کالَے  یِیہِ لول آم یِیہِ کر

گوٚ باغبرے میٚہ یاوُن      تمٕ ترووُ چلو ہاوُن
تراوِ یا سٕہ میون گرٚ ریُن      شہاوِ یا میٚہ پام ییِہ کر
پراران چمن چھِ گلُ ہیتھ      کرٚ ییِہ سُہ لالہٕ مسٚ چیتھ
یمبرزلن اتھن کیتھ      برٕ ی برٕ ی چھِ جام ییِہ کر
ژٕ ڈُنم بہانہٕ تے ہیتھِ      لوٚت زونہِ گوم نیٚرنتھ
ہووٚن نہٕ روے سپھیرتھ      نیوٚنم ارام ییِہ کر
مہجوٗر چانی آلو      لوٗز سنگرو تہٕ بالو

چانہو فراق نالو
گرٕ ھِناسٕہ رام ییِہ کر

مہجوٗر



بالہٕ یارِس گاش ونہٕ ناوس      سرِ تراوسٚ پادن تلٚ
وڑھِ دانجہِ حالہِ دل باوس      سرِ تراوسٚ پادن تلٚ
گراوِ کرٕ ہا سونتہٕ کسِ واوس      پیٚنہٕ چانہِ پھوٚلہِ ہوٚ کھمتی ڈل
چارٕ کرٕ ی زِ ہے میانِس آمہٕ تاوس      سرِ تراوسٚ پادن تلٚ
لولہٕ نارٕ کسِ دزٕ ونسِ الاوس      وسِہ عاشق دزِ تسٚ ملٚ

لولہٕ نارٕ کس دزٕ ولِس الادس      وسئہِ عاشق دزِ نس مل
ادِ روزہ لس نہٕ باقے ہادس      سر تراوس پادن تل
ییرِ ترأونس منز دژی یادس      ویرِہٕ گنڈٕ تل کوٚر نم ژھل
بند کرٕ تھ گوم لاٗ جنس چھادس      سر تراوس پادن تل
سالہِ ہتی سے ڈونگہٕ پاراوس      ماٗلہِ وچھہِ نے نمن اچھہ دل
لولہ مس کھاٗسی بٔری بٔری ستھادس      سر تراوس پادن تل
لوٗس مرگہِ ہندی سبزار ہادس      وتھراوس فرشہِ مخمل
نیلہِ ناگچے گلہٕ لولہِ ناوس      سر تراوس پادن تل
پاں ژادراہ چشمہِ اسِتھ تراوس      مشہٕ راوس نشاط اہربل
بیٔہ کیاہ چھم تی سنھبکہٕ ناوس      سر تراوس پادن تل
ہکرِ باجے لبہِ دژ یادس      ژنگر وٗنی نتہٕ نلگے بل
بیٹھہ تھزرس نظراہ تراوس      سر تراوس پادن تل
سنٛدِ ٹھٹھگی نے وابہِ نادس      ناد لاگس مانسبل
وعدٕ آدنک تتہِ یاد پادس      سر تراوس پادن تل
یار ژوڈری ناگہٕ ہواوس      روشہِ پاٗٹھی ما ہیوٗ ٹھ ہانژل
گوش ژٔڈی ٹم بہ لوگتس دادس      سر تراوس پادن تل
اٗری گامہٕ کسِ آرہٕ ہواوس      مہجور نین بونین تل

ییرِ دلبر ہی بہ وتھراوس
سر تراوس پادن تل

---

۱؎ کھسِہِ ۔ کلیات ۔ محمد یوسف ٹینگ ۔



أتی روزو مدن وارو قدمن ہا لگے پاأری
ٹھہراوُ قدم یارو کُن ستھاو بہ وَنے زاأری

بیدردٕ جفا کارو بے عارٕ ستم گارو
پتھ پھیر دِلازارو موکرٕ ژٕ دلازاأری

کوٗتِ نیر سیاہ سر چھکھ بے پے بے رہبر چھکھ
أندری ہیتھ بوشر چھکھ لوبٕچ چھکھ بیماری

دلدار وچھم آدی باوِس میٚہ پننٕ دآدی
تنٕ چھےٚ مے دِلس شاأدی غم غوصہٕ ژٕکٔم ساأری

در سینہٕ ژٔٹم گرمی سرٕ مے شرمے شرمے
تَس کونہٕ دِلس نرمی یَس پتھ میٚہ تجُم خاری

برم دیتٕ میہ سیاہ خالن مَس چھےٚ بٔری بٔری یالن
کیا وَنتہٕ أچھروالن کٔرہی تن مَتہٕ خونغاأری

ییٚلہِ جلوٕ بنٕ ہووٗن ژلہٕ وٗن شِکار پوٗن
زن سروٕ پھتر تردوٗن ہاأوٕن ہاتبرداأری

چھُم جبرٕ لوان پانَس لارےٚ پتہٕ جانانَس
ژھاأرن پر نیتھ دکانَس نیرس منزٕ بازاأری

مہجورٕ ذرا لبَس کرَ پرِکسُ یہٕ عشقن دفتر
تھو شوق دِلس اندر لولس چھےٚ خریداأری

مہجور



ہاگلو تۄہہِ ماسہ وُچھِ وَن یارِ میون
بُلبُلو تۄہۍ ژھأرِو تۄن دلدار میون

وُزِ دوان پوشن پئر ژھوم یمبرزلن
آدما تۄہہِ کنِہ سُہ جادوگار میون

دأن پوشو جوشہِ ییتھ وو زلأوِی باغ
درگہِ زنمس آو لولکُ نار میون

رودشہِ پأٹھی ییتہِ پوشہِ باغکُ ہیتھ کرِتھ
چانہِ ییتہِ پھولہِ دِلبرو گُلزار میون

ژورِ للہِ وِمَ لولہِ زر تس ماخبر
ژھایہِ ژھایے ہنایہِ گوَ امار میون

ہی پوشکِہ پأٹھی گذارِم زندگی
لنجہ آدِجہِ گوَنہِ گوَب زانہہ بار میون

آش روزِم یار داتہم از پگاہ
پی کران سوران آو لوکچار میون

اُلفتکُ سودا کوَرم غم ئلی ہیوَتم
اُتھی طریقس پیٹھ چلیوو باپار میون

خستہِ دِل مہجور ہیر سیدِتھ ونان
تس مدن وارس لنسہہ آو عار میون

مہجوٗر



شرِ گاجبقس کرٕ میون پاسے مدنو
ولو کرٕ لو لوٕلہٕ منتہٕ لاسے مدنو

دوٕن دیدن منز کرٕ سے جاسے مدنو
ولو کرٕ لو لوٕلہٕ منتہٕ لاسے مدنو

لولہٕ نارچہٕ ریٖہٕ چھم زاجبٕرٕ نال
ریٖہٕ چانے گلہٕ ما بہ سوندر مال

ولو کرٕ لو لوٕلہٕ منتہٕ لاسے مدنو
ادٕ مشہِ نے ساری نیاتسے مدنو

غوصہٕ کیا گوٚسے رسہٕ رسہٕ ہیوتھم دوٗر
چاٲنی دوٗرِ رن بدلُس کوٚرنم سوٗر

کتہِ لٔجی لو زیبہٕ دِلس گراسے مدنو
ولو کرٕ لو لوٕلہٕ منتہٕ لاسے مدنو

لوشہِ باغس دوہ تارٕ مارتیم ژھوہ
لوش برٕ گیہٕ بارس سپدُم لوہ

ساری ارمان میٖہٕ تہٕ نو دراسے مدنو
ولو کرٕ لو لوٕلہٕ منتہٕ لاسے مدنو

میون بالہٕ پان کھسہٕ وُن یاوُن میون
تمبہٕ لاوُن ادٕ مشراوُن چون

کو نار وزٕسے دانہٕ میاٲنی ماسے مدنو
ولو کرٕ لو لوٕلہٕ منتہٕ لاسے مدنو

چشمہٕ بد دوٗرٕ آسی نے حسنک پوش
تھرٕ اکی ہسے چھہٕ پھلی منٛتی ساسہٕ بدٕی پوش

زُمہ رٔنگشہٕ نے لگی نے آسے مدنو
ولو کرٕ لو لوٕلہٕ منتہٕ لاسے مدنو

یینہٕ رٔوشتھِ ووٚپرن نشہِ گوہم
تنہٕ دلٔسہٕ تے سوندرے گیلان چھم

لگہٕ پامن ستھاوتھم جاسے مدنو
ولو کرٕ لو لوٕلہٕ منتہٕ لاسے مدنو

چون خط خال شوٗبہٕ وُن چال تے ڈال
حور سوندٕ گچہٕ وُچھہٕ وُچھ گیہٕ بے حال

سوٗرسے عالم لوِ چاٲنی ژھاسے مدنو
ولو کرٕ لو لوٕلہٕ منتہٕ لاسے مدنو

داد چانے راتھ دوہ چھس بہ رلیوان — راز ؤنی ؤنی عار ماچھے ژریہ لیوان
کیاز لوگتھ بے پرواے مدنو — ولو کر لوٕ لولہ متہ لالے مدنو
کتھ ؤنی ؤنی وانجہ کرٕہی تھم آلی — زہر تیرو سینس ژٹہم زآلی
زہر برٕی برٕی تر ہو لاے مدنو — ولو کر لوٕ لولہ متہ لاے مدنو

گوڑھ نہ مہجور بلکل مشراون
چھنہ دستور آدن راوٕ راون
تس چھے چانی راے تے ترا ے مدنو
ولو کر لوٕ لولہ منہ لاے مدنو

مہجور



ملالہ ترآوتھ ژ سالہ یکھنا بہ پیالہ مسکی برے ہالالو
خیالہ چانے میہ دل چھ توشان بہ مالہ لوشن کرے ہالالو
نسیمہ لوٕزم ژ بالہ دامنی کمند ہیتھ چھکھ شکار ژھاران
بہ شوقہ چانے شکار اندر پنن ییر سر ہیتھ ترے ہالالو
چھ حل تہ کوستوٗری سوز میانے فراقہ چانیک یہ سازوابان
یہ زیر دم کس ژریہ لوزہ نادی بہ بال لوٗ دوے مرے ہالالو
بہ شراونچ ہی پھوجب ونن مشر دچھان روزس بہ نیبہ چانے
دچھتھ نہ ہارگ بہار میوٗنے ودی واوہ برد نہ ہرے ہالالو

ژۂ ژھایہ رۄدک بہ ضائع کرٕ نفس ژۄ ژتھ ملالے ووہ نے ژ ریہ کمی کیا

بہ تیر ژیے پتھ کران گدائی بہ لو خدایی زرے ہالالو

میٖر چوہ سو میرا و خوہ دلہ چھے رچھان رۄزس بہ راتی راتس

تھو ہم سنبالتھ نشانہ باپتھ تمے ژ ریہ نالس جرے ہا لالو

بہ تیر نئی پاٹھی باد لوکن کمی سنزہ امارن منیہ زاج ہن ہن

نہ کھو ژ پامن کتھن وو لامن نہ کالسہ شترس ڈرے ہالالو

گٔمژ سمبرزل فراق چھاوتھ دبارہ آیس بہ لولہ چانے

وندے اچھن ہندیہ گاش پادن دبارہ لولاہ برے ہالالو

ونان چھ مہجور ژہ روشہ یکھنا دماہ یہکھنا کتھا کرکھ نا

بہ پانہ شاہانہ ساز وایے ترانہ لوئی لوئی پرے ہالالو



محمد منور خادم[۱]



سٕے[۲] بلبلا رچھ پنجرس منزیس نہٕ مری زانہہ
سٕے[۳] لول لوشا بوز کنوٗلیس نہٕ گژھری زانہہ

سنہٕ ناگہٕ سگناو باغ عشقن شاہِہ بیندِ رازس
تتہٕ لولہٕ باغس گل ژٕنیہ پھولیس نہٕ ہری زانہہ

گنٛہِ منز ژٕ فولادی پنجرس ترٛٹہٕ ہنز دِیا پیین
لٹہِ اکہِ چھ خاکس تل شہٕ برن ہیتھ نہٕ دودری زانہہ

اکھ واٹر تھاوس مسئلہ[۴] دویم آبہٕ حیاتچ
ہیتھ کھین ژٕ تھاوس ہیتھنہٕ کنیک مال برٛی زانہہ

ہینہٕ غار زانس سیر باوکھ دار تھاوکھ وٗژھ
ہیتھ تور تھاوَن دِتھ قفس بینہٕ یژور کھری زانہہ

برٛ آرِس تہٕ گگرس اور ینگ تھاودِس ارمان
بے خوف تھاوَن بولنس ینہٕ ژھین شکری زانہہ

---

۱۔ بیند پور ناداوس محمد منور میر تہٕ خادم اوسکھ تخلص یم آسہ شاہ لوٗٹ ناوکس گامس منز روزان۔ یُس لوہنہ ٹھور بالہٕ دامنس تل شبنیہ ییٹھ ژٕنیہ کلومیٹر دوٗر چھ۔ خادم صاب زاو ۱۹۲۲ء کیت تہٕ سنہ ۱۹۹۲ء سپدرحمتہِ حق۔ ۲۔ یہ بانتھ چھ ریڈیو پیٹھ موٗمن صابنہِ ناوٕ گیونہٕ لوان۔ سے بلبلا بدلہِ چھ مٕتہ منز تیتھ بلبلا۔ ۳۔ سے لول لوشا بدلہٕ چھ مسودس منز تیتھ لول لوشا۔ تاہم چھ ریوا اطور لفظہ استعمال سپدان۔

۴۔ شارس منز چھ لفظ مسئلہٕ ہم۔

اَتھ شیشہٕ قفَس کرٕتھ تیٖژھے نقشہٕ لِگٲری
حاران گژھن تیتھنہٕ دُوسِم کاٚشہ تہٕ گرٕی زانٛہہ
پرنتھ تارِ بَرَس لعل جواہر تہٕ بدخشان
تیتھ مُوتہ جَرَس تیتھ بیٚنیس تار تری زانٛہہ
چھِنہٕ کاوِ سندِس ٹاٹھاوِس شوٗب نیران کینہہ
گۄہر رنیزی سندی پاٹھو زوٚرِ پکنس تیتھنہٕ ڈری زانٛہہ
کر راچھہ دِلس خادمہٕ لبس اَزی کرِ زلمنے
دِل زان موٚمِن تیتھنہٕ شرکک وعظ پری زانٛہہ



محمد منوّر خادمؔ



اگر مینہ درشن سہ یار دیِرِ ہے بڈ تھِ مینہ یاون دُبارِ ییہ ہے
سہ گُل روٗخن تھوّد نِقاب تُلِہ ہے مینہ دُون نوبہار ییہ ہے
بہ آیہ تِن زُد تِہ جان تھاوس یہ سِینہِ مُتر تھ بہ حال باوس
بہ آ دنکُ وعدِ یاد پاوس اگر سہ ترآ وتھ غبار بییہ ہے
سہ دُورِ روٗدم رُٹھتھ ملائے مینہ حوّر کوتاہ تھوّون جنجالے
مینہ مال و جالس تھوّونُ قبالے اگر تمسِ اعتبار ییہ ہے
اگر سہ دلبر مینہ دانتہِ دادن وندس ہٹیک رتھ بہ مانزِ پادن
سہ خاکہِ پا چھم دوا مینہ دادہن مینہ بیقرارس قرار ییہ ہے
یہ لولہِ عرضی مینہ سوٗز دفتر کرسم سہ دستخط دِلس ژلیم شر
بنیم مینہ خاکس طِلاء برابر اگر تمسِ میون آر بییہ ہے
سہ لالہِ ترِ ہے مینہ شائُ لمارس شکابِ اندر وُستھِ شکارس
زِلال دِمہ ہس بہ ناوِ تارس ملالہِ نرآ وتھ سہ یار بییہ ہے
سہ کامہ دلو بیتھِ مینہ دُآ دہی بلہ ہن کلامہ گڑی گڑی وہ لامہ ژلہ ہن
مینہ بارِ کنڈِ تے گولاب پھولہ ہن دنترتہ سو سے مادبارِ ییہ ہے
مینہ یا شہری پانس چھ دُورِ رگ تب مینہ ترلشہ ہتی بے چھ جان بر لب
لو وقتہِ آخر مینہ نیرِ مطلب سہ خادمس برمزار ییہ ہے



## محی الدین نوار[1]



ہتو دلدارٕ کوٗر تھم پارٕ یکھنا
ژٕزم تن چھوکھ لگم بلغارٕ یکھنا

ہوٗکھیں نارگس نتے آلے زلالاہ
خوشکِ باغس بیٚنے سبزارٕ یکھنا

کرانٕ شرچھس دِلس اٚچھ منتظر چھم
وُچھان چانے وَتے دیدارٕ یکھنا

کرٕم خامی عمر ضایع ہے وقت گوم
بدِتھ کوٚت واتہٕ بٔیہ لوکچارٕ یکھنا

لیپے تروٚپتھ کرٕتھ بند ہفتہٕ خانے
بشانے لوسفنہٕ انہارٕ یکھنا

چھُہ پیرانن پرآنی لولن اٚنتھ اوٚنمت
لوٚبن کُن از لوَے سمسارٕ یکھنا

غرٕیبو روزٕ نیلہ درزِ بیٚٹھ گیہ دوہ
جریو مینی مینی افطارٕ یکھنا

ننیٚ سارِنی چھہ طاکھی گراو کرٕعس
توَے دوٚہ ہم مینہ کُن اغیارٕ یکھنا

ثوابن ہیٚوتھ ژتنَ اتھ روپہ پنڈار
ثوابن دوٚپ مینہ کُن بدکارٕ یکھنا

ژٕتنِ لورے مہنِز دوٚہ برداتھ سٕ بٔٹھ
محی الدینس کرکھ کتھ تارٕ یکھنا



---

۱۔ سید محی الدین نواز زاو ۱۹۳۶ء کیٛت دتن پوٗر پلوامہ۔ سوزِ دل، گل ریحان، ہلولہٕ، بام نمراب تہٕ برزخ چھیہٕ ہینزٕ پانژھ کتابہٕ بازرٕ واتمژٕ۔ یم چھ لکہٕ ماتھ شاعر۔ موسیقی تہٕ دردِ سوز چھ یہندِس کلامس منز مکمل پاٹھۍ آسکھ۔

## محی الدین نواز



آباد آسنِ چوٗنے خمخانہٕ وٕلو یارو
ادِ یاد روزِی میونُے افسانہٕ وٕلو یارو
انہٕ گتہٕ ہمبے زاگے گاشو چھےٚ کتہٕ چاٗنی باگے
شمع بلاشک لاگے پروانہٕ وٕلو یارو
ہاٗنگنہِ چھےٚ آلبس اندر ترٚو پرٚتھ لیے دارِ تہٕ بر
دم بستہٕ زن ماہہِ انور دُردانہٕ وٕلو یارو
یتھ دارِ یم پوشہِ چمن سپھولہٕ راٗوی اُمی شبنم
سگہٕ رٚوس یم ما زمٚن بارانہٕ وٕلو یارو
عہدک وفا مشراوِتھ کس ستۍ سے گوکھ تھاٗوِتھ
وٕ پرس اکسِ مے چاٗوِتھ پیمانہٕ وٕلو یارو
دشمن تہٕ حاسدِ بدخاہ ژٚیے تہٕ میٚنے پتہٕ بروٕنٹھ کاٗتیاہ
لاگو دوٕں اَثر دوٗر تنہا یارانہٕ وٕلو یارو
دردٕچ یہ دگ ماہمی آلو کران چھُس تَمی
لاشک پاٗ سٹھبن اُمی انہمانہٕ وٕلو یارو
یمہٕ چشمہٕ پیٹھ چار سولیس نظرے کمٕس ماہ رولیس
چھےٚ محی الدین مٔنز کوہس پرارانہٕ وٕلو یارو



## محی الدین نواز



آلی کرٕہی نم دردن کیا چھُ سیون پاے    بالی لوب ہے کرٕ لالس لوہ لہٕ متہٕ لاے
نالی لوب تھون کرس دلہٕ جگرس جاے    بالی لوب ہے کرٕ لالس لولہٕ متہٕ لاے

مےٚ ژولُم اسہ وٕنہٕ ڈیکہٕ ونہٕ کیاہ    نہٕ مےٚ برداشت کوٚرم بیٛہٕ کرٕ ہا زامِہہ
گژھہ نہٕ لگنیٚ چانتن دِلسے گراے    بالی لوب ہے کرٕ لالس لولہٕ متہٕ لاے

کُنہٕ یامت لوٚزم کنُوے ناو    وٕنہٕ تمسند ینہٕ کیٚے اُدس آو آو
دِل راوِتھ بنہٕ تل چھم ڈبہ رالے    بالی لوب ہے کرٕ لالس لولہٕ متہٕ لاے

لولہٕ چھوکھ چھاکنہٕ خنجر چھُہ آمت    ضرب اندرم سینہٕ پرا اٹھتھ چھِیہ درامت
زہرِ قاتِل چھاکنہٕ عشقنی کراے    بالی لوب ہے کرٕ لالس لولہٕ متہٕ لاے

پیٛہٕ لارس مارس کھٔر گٔٹھ پان    اندرِ دزٕ دزٕ لولک نیٚبرِ غار زان
متہٕ اسی تن ادِلس میانی ماے    بالی لوب ہے کرٕ لالس لولہٕ متہٕ لاے

آہہٕ سرکمۍ کوٚرنم تہٕ سۄدس گیر    لوب ہے لولہٕ کسِ خالس چھم مےٚ تعبیر
نس یارِی تھوونم نہٕ موکلن پاے    بالی لوب ہے کرٕ لالس لولہٕ متہٕ لاے

دگہ ستی مرٕ چھم مےٚ گیلتن عام    شےٚ دِیہ یام لولہٕ نشہٕ آسہ لیُس خام
دعا کوٚرمس تس تہٕ کونہٕ ییہٕ ہماے    بالی لوب ہے کرٕ لالس لولہٕ متہٕ لاے

اکہ نارِ چہ نظرِ ستی دتنم تیر    نیم بسمل مےٚ پانس لوٚرم تکبیر
دگہ ستی رگہٕ نیے چھم سرا اے    بالی لوب ہے کرٕ لالس لولہٕ متہٕ لاے

للہٕ ناوِتھ شُلہٕ دوٚن منتر سٕنس    مےٚ چھُہ آرام جان تی محی دینس
یار ہیرِ مے آسہِ لیُس لاپرواے    بالی لوب ہے کرٕ لالس لولہٕ متہٕ لاے

## موتی لال ساقیؔ [1]



ژٕمِس زُلفن یہِ خَمَ روزِیا نہ روزِیا
غنیمت شامہِ غَم روزِیا نہ روزِیا
چێوِ وِنہِ کیٛن چُھہٕ زاہد بانبرلومُت
خبر چھا صُبحدم روزِیا نہ روزِیا
تھٔپکُن سرمایہِ لبَن چھُمَ اَرِ زو چۄن
نظر اکھ چھم کرم روزِیا نہ روزِیا
بہٕ چھُس کافر کٔران چھُس بُت پرستی
اَچھن تلَ چھُم صنم روزِیا نہ روزِیا
دِلِچ ڈُبرہٕ راے آٔژر وولہِ سنس ہِش
خبر سازس یہِ بم روزِیا نہ روزِیا



---

[1] ۔ موتی لال ساقیؔ اوس ہندوارٕ زوڈرِ روزان۔ سنہ ۱۹۹۰ء منٛز ژٔلی تمی گرٕ بار ترٲوِتھ تہٕ وٲتی ژلان ژلان زوبچاونہِ دلہِ۔ تمِ سپد جلاوطنی منٛز بے سنہ ۱۹۹۹ء گُزشتہ جمومہِ سورگواس۔ تمِ اسی سنہ ۱۹۳۶ء منٛز زامُت۔

## محی الدین حامدؔ [۱]

راوِ راوکھ بیٚتھِنہٕ وکھ زانہٕ زخمنٮ۪ ٲلراوِنَس

وٲنِس رٲوِ تۄتہِ مالیُٛشکھ سیٚمین گٔنٛزراوِنَس

ژٕنیٚے پیٚتے لٔدٲوم جوٲنی ناتوٲنی ٹُلو ہیٚتُھرم

ژٕنیٚے سیٚواچھِنہٕ گٲلِتھ طاقت میٲنۍ سِرو بٕزراوِنَس

واتہٕ نٲیِم لولہٕ ہیٚتی آلو دِہ ہے چانِین شٕکنن

کوٗت کالا لگہِ مینہٕ چٲلِنس لولہٕ ہے وُزناوِنَس

لولہٕ ہوٚت ژٕرے ژٕھور مکھ نیرِن نیٚنَن تے جنگلَن

نالہٕ مَتہِ رٕتھِتھ مینہٕ یِیہِ ہے لو مہار ییتھ یاوِنَس

کیٚنِہہٕ وُچھم حالس میٲنِس پیٚٹھ اسان نتہٕ کیٚنِہہٕ ودان

کیٚنِہہٕ ہیتھ کٔمہ آشہِ پیاران لاش میٲنۍ دفناوِنَس

کَرٕنہِ کیا یکھ تِلہِ مینہٕ وَنتم ییلہِ مینہٕ ساوِن اندِ مزار

قبرِ پیٚٹھ پیتہٕ کیا حسَر چٲنِس ترٕنہِ وِدہ شِ تراوِنَس

یِنہٕ نٮ۪رِن ہِندرٕکھ کانہہ خوف حامدِ زانہٕ دلِس

سانہِ باپتھ چھِے نبیؐ رحمت دیہم ژٕلراوِنَس

---

۱۔ محی الدین حامدؔ چھِہ ہانزٕ بگ ماگمؔ روزان۔ یم چھِہ محکمہ تالیمس منٛز کام کران۔ یم چھِہ یکم جنوری سنہ ۱۹۵۱ء کنیٚت زامتۍ۔

## مظفر عازمؔ[1]



ینہٕ سہہ چشمن سرِ یٚہہ کرکھ سہلاب انہٕ ہم یاونس[2]
ینہٕ سہہ ووٗش تراوکھ لگہِم محبت طفانسَ تاونس
ینہٕ سہہ زانٛہہ میانِن غمن ہیکھ گرٛند کرٕنی تھاوٕن حساب
ینہٕ سہہ زانٛہہ تھکھ سَپدِ چانٛسِ لالہٕ وُڈھ کملاونس
میانہِ سینکہٕ زخم گنٛزرٲوِتھ یِتھے ہٕش کیازِ چھکھ
یم بلبن پیراران چھہِ چانٛسِ اَکھ نظر سیٚود تراونس
میانٛنِ پیرٕ ژھٕینی لولہٕ ہاوس آرٕ گٔتی ارمانٕ میانٛنٕ
پانٛرِ چانٛس بیرِتن مسول بدٕن پانٛراونس



---

۱۔ مظفر عازم زلہِ گُنکہٕ لوٚر ٹنگمرگ سنہٕ ۱۹۳۴ء کینٛت امہِ پتہٕ لوٚگ سعدِ کدلہٕ بسنہِ۔ ازکل چھہ امریکہ روزان۔ سہ چھہ موٚت لولہٕ شاعر۔ تسند کلامہٕ چھہ منفرد تہٕ عشقہٕ لیہٕ ستہِ ہم آدرتھ۔

۲۔ یہٕ لکہٕ ساوٕ ہ باتھ چھہ بروٚنہہ کالہِ پیٹھے لوکن منز سیٹھاہ مشہور تہٕ معروف۔

(ڈاکٹر آفاق عزیز)

## مظفر عاؔزم



جِگر زخمی اوٚشِس لٔجِو دار آخر[1]
نظر چاٲنِ کٔرِتھ گٔیہٕ کار آخر
حیاتُک پیالہٕ اوسُم خٲلی باسان
بنیوٚو دِل الفتُک مے خار آخر
یہٕ ماہیکہٕ ہانٛگوتھِ یَرٕ ژھیوٚن پنُن یان
ژِتیٚس پوٗدم اوَے دِل دار آخر
غمُک طوفان زرن توٚگ لولہٕ والین
کرُن حُسنس تہٕ ہیوٚو بیقرار آخر
کران مٲتِرٕ پارٕ زنجیرن تہٕ زالَن
چھیٚیہ لولیچ شولہٕ ذٕنۍ تلوار آخر
شکِس دِتھ موتہٕ کِین حیلن بہانن
چھیٚیہ سیدان زندگی بیدار آخر
دماہ خاموش عاؔزم اوس لیکن
خیالن گوٚ کٔرِتھ اظہار آخر



---

[1] یہ بانتھ چھہٕ ریڈیو کشمیر پیٹھہٕ گیوٚنہٕ آمت۔

## نعمہ صاب [1]



اُمی یارٕ کرٕنس بانبرے    حوٗرے میٚیہ نیٚوٗنم ژورِ دِل

چھُم جوش عشقن سوٚندرے    حوٗرے میٚیہ نیٚوٗنم ژورِ دِل

عشقہٕ نارٕ دوٗد میون تالہِ نُے    سور ماچھُ نیران مالہِ نُے

دہن چھُم برٕن وآرِ وگرٕ سے    حوٗرے میٚیہ نیٚوٗنم ژورِ دِل

زندٕ پانٕ یُس کرِ دوٗر سفر    سُے انہِ مرٕنٕنی خوش خبر

یُس موٗد ون تس کیا مرے    حوٗرے میٚیہ نیٚوٗنم ژورِ دِل

یُس گژھِ بمہٕ زوٗ ژار مقام    تس پیٚٹھ دوزخُن نار حرام

جنتس تس نٔن ہر گرے    حوٗرے میٚیہ نیٚوٗنم ژورِ دِل

لالشہِ شاہ گژھِ پراوٕنُے    دِل گژھِ گُلمہٕ پرناوٕنُے

شاہ چھُم بہتھ پننے گرٕ سے    حوٗرے میٚیہ نیٚوٗنم ژورِ دِل

دوٚہتھِ وٚنیر گژھٕ وَسے باغ گٔنے    پوشن چھِہ سچلیاہ بیٚون بیٚونُے

ولیوٗر ہیتھ ژرجمٕ ییمہٕ توٗ لرے    حوٗرے میٚیہ نیٚوٗنم ژورِ دِل

اچھِ وٚلہٕ گچھِ ڈبہٕ بہ وٚتھر س    رسہٕ وٚلہٕ مسکی کھاسی برس

چھُس زوٗن زن لگہٕ تر درے    حوٗرے میٚیہ نیٚوٗنم ژورِ دِل

---

[1] ۔ نعمہ صاب زاو حبہٕ کدلہٕ تہٕ دفن تہٕ چھہ اُتی۔ خیال چھُہ کرنہٕ یوان زِ نعمہ صاب زاو سنہ ۱۸۰۵ء گیٚیت تہٕ سنہ ۱۸۸۰ء شرٕ گو رحمتِ حق۔

وَلہٕ ولیٚنہٕ ٹالہٕ چھےٚ لۆگ ہُتِتے      عاشقو جامہٕ چھےٚ رۄنگ ہٕتِتے

نادار ٹالس سٚٹیا کرٕ ے      حوٗرے مینہٕ نیوٗنم ژوٗرِ دِل

ناو سٚٹیاہ کرِ اتھ آبہٕ ہسے      لۆگ لغمہٕ منٛز گردِ آبہٕ ہسے

بیدار گژھ حافظ گرے[1]

حوٗرے مینّہٕ نیوٗنم ژوٗرِ دِل



---

[1] گرٕ ے بدلہٕ چھُ ساقی صابن ذرٕ ے لیوٗکھمت۔ یہ ہنٛز صحی چھُ۔

## نثارؔ بڈگامی ؔ



دِلس منٛز دِتھ نظر بے قرار چھا کہِ نہ چھا
یہ وُچھتھ زخمِ جگر بار بار چھا کہِ نہ چھا

میہ ونتہٕ شامہ ہواوو خبر اَنتر تمٕی سٕنٛز
تمِس کرٕ آلی اُچھن اِنتظار چھا کہِ نہ چھا

یہ کمٕی وۄن چھہ لبُن آدمس سکون مرِتھ
یہ وُچھتھ میون کفن تار تار چھا کہِ نہ چھا

کوٚرم نہٕ دعاہ وفا کاٗنسہِ یتھ زمانس منٛز
خبر یہ سایہ تہِ بااعتبار چھا کہِ نہ چھا

دۄل گوٚ زمانہٕ سیٹھاہ زانٛہہ تسند خیال ینِس
تمِس تہ لگِژ نہٕ فکرِ کیاہ نثارؔ چھا کہِ نہ چھا



## داژِ محمود



ہا جانہٕ عزیزو ولہٕ گوٗرٕ کرٲلو
متہٕ لال جرٲلو ولہٕ گوٗرٕ کرٲلو

پینہٕ نوتہٕ پڑالو دوستو تہٕ رفیقو
بنہٕ لتس تہٕ گیوٗلہٕ ہموٗ ولہٕ گوٗرٕ کرٲلو

مجنوٗن کھوٗت نجدس لاؐل ژایہٕ مزارس
لاؐلہٕ ہند مجنولو ولہٕ گوٗرٕ کرٲلو

تھٔرِ ہندِ گوٗلالو کتھ وارِ سھوٗلہٕ ہموٗ
مُشکہٕ چانہٕ بلاَسے لیو ولہٕ گوٗرٕ کرٲلو

ہا میانہٕ ازٲلو وَنہٕ لیو بہٕ غزٲلو
جامہٕ گاٗم کزٲلو ولہٕ گوٗرٕ کرٲلو

رٕہ پیہٕ ووہ نہٕ انزوٕلے شرہٕ فی دار منزوٕلے
ژٕہ ندنکٕ بہٕ گرٲلو ولہٕ گوٗرٕ کرٲلو

کس دِنہٕ بہٕ کیا گوم ہیہٕ یا دلس ڈوڈھ پیوم
تی نا بہ زرٲلو ولہٕ گوٗرٕ کرٲلو

آم عشقن دوٕلاب سٔری پیٹھہٕ منیہ گو سھلاب
کمہٕ تارٕ ترٲلو ولہٕ گوٗرٕ کرٲلو

سودامیٕ کرلو موٗ مولس تہٕ ژھیوہ نیو موٗ
تولس بہٕ کیا دِمہٕ لیو ولہٕ گوٗرٕ کرٲلو

شاہ باز ایازو وَن محموٗدی دازو
شاہ نامہ پرٲلو ولہٕ گوٗرٕ کرٲلو



---

ؑ داژِ محمود چھ شوپرگرٕچ محلہ لوا بازارٕ دفن ۔ سنہ ژراد تیمہ دنیا مشر سنہ ۱۹۱۶ءٔ گیٔت ۔

وہاب کھارؔ



ہا شیر سوارو کور گژھکھ آخر ژ ییہٕ مرَن چھےٚ
یی چھےٚ ژ ییہٕ علم تی مبٕہ ونتم تی میہٕ پرُن چھےٚ

ینٕتہٕ روز ساتھاہ ونتہٕ خبراہ پنٕچہٕ بیہٕ سانہٕ میترمان
روے چوٚن وچھہا کمۍ ژ ییہٕ دوٚپے ابدال کرُن چھےٚ

اتھ اَلفہٕ قدس روٗخ ووٚنہٕ چھیٚ جان گلہٕ انار
نرگسہٕ چشمو کمۍ ژ ییہٕ دوٚپے جود کرُن چھےٚ

چھیٚ مارِ خوٚفتے چاۓ شوٗبان بردوش اَوٗیزان
یہٕ ونتہٕ مجنون کمۍ ژ ییہٕ دوٚپے یاد کرُن چھےٚ

دمہٕ دمہٕ گژھتو لشہٕ پیرس سیرس سے کری زان
دِلہ کسِ باغسَ پوشہٕ سَھولنۍ پیٚے ونہٕ کرُن چھےٚ

یسِ کھوٗژِ ذاتس تس کھوٗژِ عالم ادٕ کوٚنہٕ جن اِنسان
تس نورہٕ سوٗزَن گرٕ گھٹن کٔنیت دور کرَن چھےٚ

یِژ لایہِ دِوٕ ٹھ انتھ تاوِ ترٛے فی اللہٕ سپدی فان
فرِدا مہ آسی خوش طبیعت نٕس نہٕ مرٛن چھے

یٕرِچ رز لیس ہٕٹہٕ گنڈِ پانس مٕٹہٕ کرِ ذاتس بان
یِی وصل فعل بوز اصِل ژیٛنے وعظ پرٛن چھے

تِرِھ کرتہٕ عملا یتھ بنکھ جان دے روزی مہربان
پرٕ کرتہٕ پادا گل صراتس تارٕ ترٛن چھے

دمہٕ رٕتی سپھٕ لنے اندرِ ہمپوش ادٕ ہوشرِ وُچھتن یار
عبدالوہابو روز برتل اللہٕ ژیٛنہ پرٛن چھے



---

ا۔ وہاب کھار زاو سنہ ۱۸۱۰ء منز کھرو شارہ تہٕ سنہ ۱۹۱۰ء منز سپُد رحمت حق۔ مذید تفصیلا تو خاطرٕ وُچھیو کلیات وہاب کھار۔ ( مرتب۔ ڈاکٹر آفاق عزیز ڈاکٹر محفوظہ جان)

## وہاب کھار



گرٕ ھتھ وینہِ یار روٗدم درتن وارٕ ژھنن پرزناوتنے
وتہِ کمہِ سوٗنہٕ رٗٹتھم کھتھن کن تھاد تسَ میون گیاونے
لوٗنہِ پرِس بیٚلہِ پرٕ گیٛہِ یادا دٔپُن سرہٕ بہٕ تی کرہن خودا
شمہس یتہٕ درا یوٗ گتن پرٕ ژتھ لوٗگ ڈُلہٕ گنڈرِ دِنے "
مچھہِ بیٚلہِ لوٗز دوٗن ہنٛد گفتار شور تلنےٚ کوچہِ تہٕ بازار
سرد ہٕ گرمے چھُے میون وطن تانٛ سبزی پھیر میانہِ تنے
دانہٕ ہونزس کینہہ ماچھوٗنے نظر نہٕ ہنزے میٛثر سوٗن بنے
باغہِ عرفان کمہِ سنا وانن چھیٚنے ہمبرزل لوٗمبرن بروٚنٹھہ کنے
خاکہٕ بادے آبہٕ تے نارے لوٗدان آدم برقرارے
لدتسَ لوٗرلس کُنہِ ماچھُس ژھاپن لوٗدان آدم پانس بروٚنٹھہٕ کنے
گنہٕ تلیچھِ تُر چھُم ونان کمَن نیرٕہن ونوُر چھیٚس انان
فکرِ ذکرے مانچھاہ چھُم بنان شُیتھ مٔلہ ریر کتھہ سنانے
دوٗپ شہن دلِ چھُم دزان اشہِ کنے خون چھیٚس ہران
یار ہٕنُن چھُم زاگان ہتن کنتھہِ تلےٚ کتھہ کیا نِنے
آگہٕ تلے آباد نیٛران پترکہِ ہتوین ہیوٗن ہیوٗن پھیرانن
عبدالواحد وتہِ آکس وطن چھینہ سدرس کینہہ ٹھانار کنے

وہاب کھار



شامہٕ سوندر بر کرٕنس تہٕ لولو
کامہٕ دِوس لوٕگ پرمس تہٕ لولو
وو ٹھو غافلو أسی گژھو خانے یار
عرضی کرو دستگیرس تہٕ لولو
جایہِ خلوتھ شوٗبان حضرتہٕ سلطانؒ
جاے رٕٹنم پیٹھ ٹھ تھفرس تہٕ لولو
پوشہِ موٗت میون پھیران پوشہِ باغن
پوش لاگس بو استہٕ استہٕ لولو
مے ہا لوٗبز زم درامت سہ چھہ ڈلگیتہٕ
چھُنے پھیران ڈل سالس تہٕ لولو
نیب لوٗبزم آسہِ ماگومت ژار
علمدارسؒ ہلم دارس تہٕ لولو
وہاب کھار چھُنے ڈیڈِ تل انتظارس
چھُنے پیاران دیدارس تہٕ لولو



